# اظہار

## گریرسن نمبر



کاشر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی سری نگر

अनहार

ग्रियर्सन नम्बर

# اَنہار

( گریرسن نمبر )

ایڈیٹر

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

مجلسِ مشاورت

ڈاکٹر رشید نازکی

محمد شفیع سمبلی

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر

ग्रंथ - कश्मीरी शब्दामृतम्,
लेखक - डॉ० बी. एन० कल्ला।
'अनहार' ग्रियर्सन नम्बर में।

# ترتیب

یونیورسٹی ریسرچ جرنل - فیکلٹی آف آرٹس

# انہار

جلد ـــــ ۱۰

شُمارٕ ـــــ ۱۳

وٕری ـــــ ۱۹۸۷ء

گوڈنیک چھاپ ـ ۱۰۰۰

موٗل ـــــ ۲۰ روپیہ

خطاط ـــــ معراج تُرکوی

سرورق ـــــ اقبال ⁂ مطبوعہ:- شالیمار آرٹ پریس

کاشُر ڈِپارٹمینٹ کشمیر یوٗنورسٹی، حضرت بل، سرینگر

# گوڈٕکتھ

"اہار" چھُ کاشرِ شعبُک اکھ تحقیقی تہٕ تنقیدی رسالہ آسنچہِ حیثیژِ منز پننٮ کینہہ شُمار صرف تمن موضوعاتن ہُند دعاط کرنہٕ خاطرٕ وقف کران آمُت، یِم موضوع اَمہِ شعبُکین سالانہٕ سیمنارن ہندِس موقعس پیٹھ مقالہ نگارن دعوتِ اظہار دِوان چھِ۔ اہارُک یہِ اَزیُک شُمارٕ تہٕ چھُ پرُس مُنعقد کرنہٕ آمنہٕ سیمنارکین تمن مقالن یکوٹ چھاپ کرنہٕ خاطرٕ وقف تھونہٕ آمُت، یِم سرجارج ابراہم گریرسن ہنزِ کاشرِ زبانۍ پیٹھ کرمژِ کامہِ ہنز سام ہیوان ییکھنہٕ چھِ آمتۍ تہٕ یِم اَتھ تام وقتس پیٹھ واتناونہٕ چھِ آمتۍ۔ اگرچہ اَتھ لسانیاتس ستۍ براہِ راست وابستہٕ ڈاکٹر عنایت اللہ اندرابی ہِوو عزیز و سلسلہ وار وُگرائو باوجود پرارِنۍ تھاوِو تاہم کرِ ڈاکٹر نذیر احمد دار تہٕ رتن لال تلاشی ہِوو عزیزو یہِ کمی پوٗرٕ۔ یتھ شُمارس

طالب علمن تہ باقے سٹاف ممبرن تہند احترام چھ تہ شکر گزاری ہنز
ذمہ واری ہیہ راوان۔ یہ چھس پننہ طرفہ تہ امہ ذمہ واری ہند احساس تھون
والین پننین سارنے ساتھین ہند طرفہ ورثہ وانجہ توبہ استقبال کران۔
مے چھ یقین زِ پننہ تہنز شمولیت یمہ سیمنارکس افادیتس اضافہ کرِ تہ
بنہ یمہ سیمنارہ خاطر ژارنہ آمُت موضوع سانہ مادری زبانی ہندین کیتن
زاوین تہ دلچسپ مگر نظر انداز گمتین پہلوون کُن توجہ پھرنک باعث تہ۔
خاص تحقیقی تہ ٹیکنکل مطالعچ کل گنراون وول یہ موضوع
ہیکہ اسہ پنز کالس مانہ آمژن دون خاص کتھن ہند پزر سر کرنس
منز تہ مدد کرِتھ۔ اکھ کتھ ہیکو اسی انگریزی پاٹھی رایج سِدمت
مفروضہ آسنہ کنہ "CAREFUL SURVEY OF ENGLISH
"THOROUGHNESS OF وُنتھ ییلہ زن دوٚیمہ کتھ RESEARCHERS"
"WESTERN MIND" ناوہ ہیکو دِتھ۔ آیا سر جارج ابراہم گریرسن
ہنز کاشرس بیٹھ کرنہ آمژ سارے کام چھا یمن دون کھوچن بیٹھ
پاسہ نیران تہ ہاوُن اسہ ییتھ سیمنارس منز شمولیت کرن والی مقالہ
نگار بنیہ مقالن بیٹھ عالمانہ تہ محققانہ بحث کرن والی حضرات۔
مثالہ پاٹھی "لنگوسٹک سروے آف انڈیا" ہس منز گریرسن سند
طرفہ کاشر زبان سنسکرتچ کور زانتہ بجایہ سنسکرتچ بنیہ زانتھ درد ستانچن
زبانن ستی بزھیمژ زبان گنزرِتھ تہ تیتھے پاٹھی کاشرس گرامرس انتہائی
سہل قرار دِوان تمی سند اکھ صفحی بیٹھ یہ دعوا کرن زِ:۔

منز شاًمِل مقالن ہندِس معیارس پؠٹھ اہمیتس مُتعلق کانٛہہ نوو تمہید گنڈنہٕ بجایہ چھُ میٚہ یی مُناسب باسان زِ سیمنارکہ رسمِ افتتاحہ برونٛہہ مدعو سامعینن برونٛہہ کنہ پرنہٕ آمُت خطبۂ استقبالیہ کرن پیش لفظ رنگی من وعن شاًمِل یتھ زِ ن پرن والین یتھ شُمارس منز شاًمِل مقالن سٟتی وابستہٕ سانٛین توقعاتن ہُند عکس پؠٹھ نظر ییہ۔ بہرحال گوڈ کتھ ہندِ بقیہ حصہ رنگی چھُ پیش وٕہمہ نومبر ۱۹۸۶ءٕ گاندھی بھونس منز جمع تقریباً ژورن ہتن سامعینن برونٛہہ کنہ پرنہٕ آمُت خطبۂ استقبالیہ۔

## خُطبہ اِستقبالیہ

صدرِ محترم پروفیسر سُرور صاًحب، مہمانِ خصوصی پروفیسر پُشپ صاًب، قابلِ قدر سامعین، خواتین و حضرات۔ اَزیکُ یہ سیمنار چھُ کاشُر ڈیپارٹمنٹُک بٔہم سیمنار آسنکہِ حیثیتہ اکہِ باگہِ یوٗرتہٕ رِوایتُک تسلسُل آسی چھ۔ یمہ سیمنارکہِ ذریعہ اَکس تھٕہس بہلہ پایہ عالم ہندِس جمع کرٕ ہتس تحقیقی سرمایس پھیر دیاوُنُک سُنز کران، یمہ کاشُر زبان عالمی سطحس پؠٹھ خاص اہمیت لبناوُنس منز بہلہ پایہ رول ادا چھُ کوٚرمُت۔ نوہہ بُزرگن تہٕ عزیزن ہُند پنٕنو مصروٗفیاتو منز وقت کڈِتھ مُشکلاتو باوجود یمہ سیمنارُک رونق ہُرادنہٕ خاطر وقتس پؠٹھ تشریف اَنُن چھُ بڑی پاًٹھی کاشُر شُعبہ کمہن وستادن، رِسرچ سکالرن،

طالب علمن تہ باقے سٹاف ممبرن تہندِ احترامچ تہ شُکرگزاری ہنز
ذمہ واری ہُرراوان۔ بہ چھُس پنِنہ طرفہ تہ اَمہِ ذمہ واری ہُند احساس تھوَن
والین ییٚنین سارنے ساتھین ہندِ طرفہ وَرژھہِ وانجہِ توٚہہِ استقبال کران۔
میٚہ چھُ یقین زِ یِتہ تہنز شمولیت ییمہِ سیمنارکس افادیتس اضافہ کرِ تہٚ
بَنہِ ییمہِ سیمنارہ خاطرہ ژارنہ آمُت موضوع ساٚنہ مادری زبانۍ ہندین کیتین
زاوِین تہ دلچسپ مگر نظرانداز گمژین پہلوٗدن کُن توجہ پھِرنُک باعث تہٚ۔
خالص تحقیقی تہ ٹیکنکل مُطالعچ کل گنزرادن وول یہ موضوع
ہیکہِ اَسہِ پنٕنز کالس مانہ آمژن دوٚن خاص کتھن ہُند پزر سَرکرنس
منز تہ مدد کرِتھ۔ اکھ کتھ ہیکو اَسی انگریزی پاٹھی رٲنج سیٚد مُت
مفروضہ آسن کرِتھ "CAREFUL SURVEY OF ENGLISH
RESEARCHERS" وۄنِتھ ییلہِ زَن دۄیمہِ کتھ "THOROUGHNESS OF
WESTERN MIND" ناوہ ہیکو دِتھ۔ آیا سر جارج ابراہم گریرسن
ہنز کاشرِس پیٹھ کرنہ آمژ سارے کام چھا مَن دوٚن کھوٚچَن پیٹھ
پاس پیران تہ ہاوَن اَسہِ ییتھ سیمنارس منز شمولیت کرَن والی مقالہ
نگار بیٚیہ مقالن پیٹھ عالمانہ تہ محققانہ بحث کرَن والی حضرات۔
مثالہ پاٹھی "لنگوسٹک سروے آف انڈیا"ہس منز گریرسن سند
طرفہ کاشر زبان سنسکرتچ کور زانہ بجایہ سنسکرتچ بیٚنہ زانتھ دردستانچن
زبانن ہنز برٛتھیمژ زبان گنزرِتھ تہ تِتھے پاٹھی کاشرِس گرامرس انتہائی
سہل قرار دِوان تمہِ سُند اکس صفحس پیٹھ یہ دعوا کرُن زِ:-

منز شامِل مقالن ہندِس معیارس تہٕ اہمیتس مُتعلق کانہہ نوٚو تمہید
گنڈنہٕ بجایہ چھُ میٚہ یِی مُناسِب باسان زِ سیٚمنارکہِ رسمِ افتتاحہ
برونٹھ مدعو سامعینن برونٹھ کنہٕ پرنہٕ آمُت خطبہٕ استقبالیہ
کرن بہٕ پیش لفظ رٔنگی من وعن شامِل یتھ زٕن پرٕن والین یتھ
شُمارس منز شامِل مقالن سیتۍ وابستہٕ سانِن توقعاتن ہُند عکس
تہٕ نظر ییہ۔ بہر حال گوڈ کتھ ہند بقیہٕ حصہٕ رٔنگی چھُ پیش وُہمہ
نومبر ۱۹۸۶ء گاندھی بھونس منز جمع تقریباً ژورن ہتن سامعینن
برونٹھ کنہٕ پرنہٕ آمُت خطبہٕ استقبالیہ۔

## خطبہٕ استقبالیہ

صدرِ محترم پروفیسر سرور صاحب، مہمانِ خصوصی پروفیسر
پُشپ صاحب، قابلِ قدر سامعین، خواتین و حضرات۔ اَزیُک یہ سیٚمنار
چھُ کاشُر ڈیپارٹمینٹُک ہُہم سیٚمنار آسنکہِ حیثیتہٕ اکہِ باگہٕ پوٚرتہٕ رِوایتُک
تسلسُل۔ اسی چھِ یِمہ سیٚمنارکہِ ذٔریعہٕ اُکس تیتھس بہلہ پایہ عالمہ ہندِس
جمع کرٕمتس تحقیقی سرمایس پھیٚر دیاونُک سنز کران، یُس کاشُر
زبان عالمی سطحس پیٹھ خاص اہمیت لبناونس منز بہلہ پایہ رول ادا چھُ
کوٚرمُت۔ توہہِ بُزرگن تہٕ عزیزن ہُند پننیو مصروفیاتو منز وقت
کڈِتھ مُشکلاتو باوجود یِمہ سیٚمنارُک رونق ہُرادنہٕ خاطرٕ وقتس پیٹھ
تشریف اَنُن چھُ ٹُزی پاٹھۍ کاشر شعبہٕ کِس ووستادن، ریسرچ سکالرن،

زبانیٚ کھوٚتہٕ زوٗر توجہ کاشرِ زبانہٕ ہنٛد مجموعی مُطالعہٕ کرنہٕ خاطرٕ وقف کوٚرمُت، ییٚمہ کنٛزِ سہٕ اکھ بہلہِ پایہٕ زبان دان تہٕ محقق زانہٕ علاوٕ اکھ ممتاز کشمیر نواز محسن تہٕ زانن پزِ۔ تیٚمنٕز وکینٛژٕ کوتاہیو سبب تٔمنٛد پُرخلوٗص دیت بیٚیہٕ تٔمنٛد اِنہماک نظر انداز کرُن چھُنہٕ انصاف۔ خاص کرِتھ یہٕ چیز نظرِ تَل تھٲوِتھ زِ گرِیرسن تٔنٛد مطالعہٕ اوس EXTENSIVE نوعیتُک نہٕ زِ INTENSIVE نوعیتُک۔ تاہم چھِیٚہ تمٕ کینہہ پرٛزلوٚنہٕ میلہٕ پٔچ لاگِتھ زبان شناسی ہنٛز اوٗٹ لاینہٕ رٔنٛگہٕ سانِ وَتھ روشن کرٕمٕژ۔ یہٕ پرٛزرتہٕ بیٚیہٕ نظرِ تَل تھٲوُن زِ کانہہ عالم ہیٚکہٕ نہٕ پننِس علمی مادانس منٛز مکمل آسنُک دعویٰ کرِتھ یا کانہہ تحقیق ہیٚکہٕ نہٕ حرفِ آخر زانہٕ یِتھ۔ لہٰذا چھُ علمی کامن خاص کرِتھ تحقیقی کامن سام ہیٚنہٕ وِز محقق تٔمنٛد خلوٗص پیش نظر تھٲوُن تہٕ تیوٗتے لازمی ییٚژ تٔمنٛزن کوتاہین ہنٛز نشاندہی ہیٚڈنکہٕ تہٕ ہیرکڈنکہٕ جذبہٕ وراے کرٕنی بلکہٕ کوتاہین ہنٛدِ ازالہٕ خاطرٕ عالمانہٕ مشورٕ دِتھ بہتر صوٗرت وٕ تلاوٕنی لازمی بنان چھِیٚہ۔

کاشرِ ڈکشنری کاشرِس تلفظس تہٕ کاشرِن علاقائی کیو طبقاتی بولین خاص کرِتھ کاشرِکہٕ قدیم ترین تٕلہٕ تراو رُژھرن واجنِن پوگلی تہٕ کشتواری ہشِن زِنٛدہ بولین زیرِ بحث انان تہٕ بیٚیہٕ اسہٕ گرِیرسن ہنٛدی نظریہٕ رد یا قبوٗل کرنہٕ وِز سیٹھاہ محنت کرٕنی تکیاز تمٕ تٔمنٛد استدلال چھُنہٕ تیوٗتاہ کمزور۔

" I MAY CLAIM TO HAVE ADOPTED AN ENTIRELY NEW SYSTEM OF ARRANGEMENT OF THE KASHMIRI GRAMMAR."

پتہٕ دوٚیمِس صفحس پیٹھ یہِ فتویٰ صادِر کرُن زِ :-

" KASHMIRI, WHICH HAS REALLY A VERY SIMPLE AND REGULAR GRAMMAR PRESENTS TO THE UNHAPPY STUDENT NOTHING BUT AN UNDIGESTED MASS OF APPARENTLY HOPELESS IRREGULARITIES WHICH CAN ONLY BE ASSIMILATED BY ROTE."

پتہٕ پیٹھے پاٹھِ چھُ وُچھُن زِ کاشُر اَدبچ زٕ ابتدائی ڈبیاب کتابہٕ یعنے شتی کنٹھٕ" مہانے پرٛکاش" پتہٕ للہٕ دیدِ ہندی واکھ ترتیب دِوان اصلی کلام پتہٕ رَل گومُت کلامہٕ ژارنُک معیار کیا چھُ تَس اوسمُت، یُتھ زَن اَسہٕ تمِ بندی NORMS OF EDITTING باترتیبی اقدار اَتھہٕ پِن۔

یِمن گوشن کُن توجہ کرٛان اگر اَسہٕ پتہٕ بابہٕ زِ زبانِ ہُند تحقیقی سفر چھُ تَسہٕ پیٹھ کِتہٕ کور بردنٹھ لوٚکمُت اما پوٚز یہِ کتھ چھیٚنہٕ جایہٕ مُسلم زِ گرِیرسنس روزِ ہمیشہٕ یہِ امتیاز حاصل زِ تمیٚ چھُ سرکاری سطحِ پٮ۪کِس اُکِس بڈِس منصوٗبس ستہٕ آوُر آسنہٕ باوجود بیٚیو کینژو اہم

کاشر زبانی ہندۍ بہلہِ پایہٕ محقق یِنہٕ خاطرٕ یہٕ اکھ ماجہٕ زیوٕ آسنہٕ برعکس اکھ اکتابی زبان آس، کاتھن کاشرن اندر ہیوٚک زبان شناسی ہنز کل وۄتلاوِتھ باتَس پیٹھ کام کرَن والیو کتھ حدس تام ہیوٚک لسانی تشخص پرٛزلاونک تحقیق برونٹھ پکناوِتھ، تہٕ مادِن ییٚتھ سیمنارس منز پرنہٕ یِنہٕ وٲلۍ مقالہٕ کُنہٕ حدس تام ہاوِتھ۔

ویسے چھُ باسان زِ عالمی سطحس پیٹھ تحقیقچ جدید نٔجہِ وُچھتھ ہاگرٛتھ وۄنی گریرسن ہندی پاٹھۍ وارِہن ٹاکِن وٕہرن ہنٛد تہِنٛد ترک پیدہٕ تہٕ خود مرکوز لوکٹین لوکٹین دٲیرن منز کام کرنٕچ نٔج بارسس ییٚنۍ۔ اتھ سِلسلس منز چھُ شاید کاشرٕ ڈپارٹمنٹ یہٕ توقع تھونُس منز حق بجانب زِ ییٚتہٕ جمع ییٚنہٕ متین اہم دانشورن تہٕ نمایندٕ ادیبن ہندٕ بحث مُباحثو اندر وۄتلن بالواسطہ یا بلاواسطہ کینہہ تتھۍ گاشرۍ مشورٕ یمن پیٹھ اَسۍ ییٚنہٕ اِم فل تہٕ پی، ایچ، ڈی کرن والین ریسرچ سکالرن تہندٕ مخصوص میلانات یعنے اپٹی چوڈو مطابق خاص علمی دٲیرن اندر سپیشلسٹ (ماہر) بناونچ رہبری زیادٕ مؤثر بناوتھ ہیکو۔

پوٚتُس کرٕ بہٕ بیٚیہٕ اکہٕ پھرِ صدرِ محترمس، مہمان خصوصی یَس، مقالہٕ نگارن، نمایندٕ ادیبن تہٕ ادب دوستن فدا فدا استقبال۔ جناب سرور صاحب چھِنہٕ کُنہٕ تعارفکۍ موحتاج تم چھِ اردو زبانۍ ہندۍ اکھ مُقتدر نقاد آسنہٕ علاوٕ سانہٕ یونیورسٹی ہندۍ بزرگ ترین

انگلستانہٕ کِس آیرلینڈ علاقس منٛز واقع ڈبلن ناوٕکِس بندرگاہس نِکھٕ ۷ جنوری ۱۸۵۱ءٕ منٛز ژھٕنہٕ پیٚمتیٚ گریرسن گۄڑُوٹھ وُہرِشہ وانہِ یعنے ۱۸۷۱ءٕ منٛز یے انڈین سِول سروِسہٕ ہُند مشکل امتحان پاس پتہٕ صرف ۲۲ وُہرِشہٕ وانہٕ یعنے ۱۸۷۳ءٕ منٛز گو سُہ بقولِ سینتی کمار چیٹرجی ہیٚتہٕ بۄزن لوکچن پتہٕ بیٚجن زبانَن لِل کھۄل کرن واَکِس بھارت ناوٕکِس لسانی سوٚرگس عاشق تہٕ اَکھ عاشقانہٕ مزٲرس تحت رُود سُہ فرٲیہن پانژاہن وُریٚین ہندوستانہٕ کِین مختلف علاقَن منٛز لسانی سٔروے کران ۔ گوڈنکین پُندہَن وُریٚین گو سُہ تحقیقہٕ موٚت بُتھ لسانی سوٚرگس اندر مختلف زبانَن ہندین زٲدجارن تہٕ تنہا سام ہیوان ۔ مگر تحقیقچ قدردان تہٕ علمچ آبیاری کرن واجیٚنی فرنگی حکومت کتہٕ ہیکہٕ ہے اَمِس انگریز نوجوان سُند یُتھ محققانہٕ جذبہٕ نظرانداز کٔرِتھ ۔ چنانچہٕ آو سرکاری سطحس پیٹھ ۱۸۹۸ءٕ منٛز اہم ہندوستٲنی زبانَن ہندِ سروے ہُک بوٚڈ بار پروجیکٹ اَمی سے گریرسن ہٕنز سربراہی منٛز درِس بنہٕ ۔ یُس تِمو ہن وُریٚین ہندِ زبردست محنتہٕ پتہٕ ۱۹۲۸ءٕ منٛز تِمتھے پاٹھی مکمل کرنہٕ آو یتھ پاٹھی ایرانکی قومی شاعر فردوسین پرانین مسودن پیٹھ دِتھ کُڈرلو امتحانو پتہٕ "شاہنامۂ ایران" یہ ونان اَند واتنایو وزن ہ

بسے رنج بردم درین سال سی
عجم زندہ کردم بدین پارسی

دُھین چھ یہ ز ۹ مارچ ۱۹۴۱ءٕ تام زندٕ روزن دول

پروفیسر پُشپ

# گریرسن نہٕ کاشر لسانی تحقیقکی ماخذ

۱۔ کاشر زبانۍ پیٹھ لسانی سونچ کرِتھ لیکھنہٕ وقتہٕ یم ماخذ گریرسنس بروٚنہہ کنہٕ روٗدی متۍ چھِ تم چھِ شێنیہ قسمکۍ :۔

اکھ :۔ کاشرِ زبانۍ ہند ناوُک اندراج

ز : کاشرِ زبانۍ ہُند لوٗغت

ترٛے : کاشرِ زبانۍ ہُند گرٛامر

ژور کاشرِ زبانۍ ہنٛزن خصوٗصیژن ہنز وِژھنے

پانٛژھ کاشرِ ادبکۍ نموٗنہٕ

ووستاد تہٕ ۔ یِتھے پاٹھۍ چھہٕ یِمہٕ اجلاسکۍ خاص پٕرژھی پروفیسر پُشپ صآب تہٕ گریرسنس رہبری پتہٕ اکھ روّٹ کرن والین پنڈت ایشر کول جوتشی تہٕ مُکندرام شاستری ہوین عآلمن ہندی جانشین آسنہٕ علاوہ شعبۂ کٲشرِ کین بانی کارن منزٕ تہٕ شٲمِل ۔

لہاذا کرٕ بہٕ گوڈٕ پُشپ صٲبس گُذٲرِش زِ تِم کرن صدرِ مُحترمس بروٚنٹھ پننین خیالاتن ہُند اظہار ۔

ڈاکٹر مرغوب بانہالی
صدر شعبۂ کٲشُر

ایج وٚرتھ (۱۸۴۱ء)، پیچ (۱۸۴۴ء) کنگھم (۱۸۵۵ء) آسٹن (۱۸۶۶ء) کیمبیل (۱۸۶۶ء / ۱۸۷۵ء)، بوورنگ (۱۸۶۶ء)، ایلمزلی (۱۸۷۲ء)، ڈرو (۱۸۷۵ء) تہٕ ایشرکول (۱۹۱۶)۔

۳.۲ ترٛے :- گرام لیکھن والیو منز آسس یمن ہندی تصنیف برونہہ کنہٕ رٲودی مٕتیٚ :

۱. انگریزی پاٹھی : ایج ڈرتھ (۱۸۴۱ء)، پیچ (۱۸۴۴ء) تہٕ ویڈ (۱۸۸۸ء)۔

۲. اردوٗ پاٹھی : بشن نراین (۱۸۷۳ء)

۳. سنسکرت پاٹھی : ایشرکول (۱۸۷۵ء)

۴.۲ ژور : کاشر زبٲنی ہٕنزن خصوصیژن ہٕنز وضاحت کرن والی تصنیف آسی ایشرکول سنٛز "کاشمیر شبدامرتم" (۱۸۷۵ء) علاوٕ برکھارڈٕنی ترٛے مضموٗن یم اُمی جرمن زبٲنی منز کاشرِس فعلس، اِسمس تہٕ پوٚت لگس پیٹھ ZDMG (۱۸۸۷ء، ۱۸۸۸ء، ۱۸۸۹ء) س کٔڈی۔ (حالانکہٕ پوٚت لگہٕ بدلہٕ چھُ اَتہٕ PREPOSITION لگاونہٕ آمُت۔)

۵.۲ پانژھ : گریرسنن آسی کاشرِ ادبچ یم نموٗنہٕ وُچھمتیٚ۔

۱. کاشر انجیلہٕ یمہٕ سریرام پور مشن کلکتہ کہٕ طرفہٕ (۱۸۲۱، ۱۸۲۷، ۱۸۳۲، ۱۸۸۴ تہٕ ۱۸۹۹ ایس منز) شایع سپٕز خاص کرِتھ یار محمد بند مدتہٕ کاشرِس منز پھرنہٕ آمٕت

## شُئے : شخصی زانٛی کاری

۲.۱. اکھ : کأشرِ زبانٛی ہندِ اندراجَن ہندی چھِ یِم ماخذ
گریرسنس برونٛہہ کنہِ آسی متی۔

۱. امیر خسُرُوَن "نہہ سپہر" یُس ۱۳۱۷ء یس منٛز
لیکھنہٕ آمُت چھُ تہٕ ایلیٹ ہندِ "ہسٹری آف
انڈیا" (۵۶۲/۳) کہ حوالہٕ گریرسنس نظرِ گوو۔ اُتھ
اندر چھُ کشمیری ناد لاہوری تہٕ سندھی بیترِ ناوَن
زبانَن ستی ہیٚنہٕ آمُت۔

۲. ابوالفضل ہنٛز "آئینِ اکبری" یَیمیک پتاہ جیرٹ
ہندِ انگریزی ترجمہٕ (۱۱۹/۳) ستی گریرسنس لوٚگ۔
اُتھ اندر تہٕ چھُ کشمیری ناد درج۔

۳. اڈے لُنگ جوہان کرسٹوف سُند "سپراکھین انڈ
منڈارین" (جلد ۱) یُس ۱۸۰۶ء یس منٛز برلنہٕ
دراو تہٕ یَیمہٕ کس ص ۱۹۵ اس پیٹھ درج چھُ زِ
"کأشرِن ہنٛز زبان چھیہٕ سنسکرتِچ کوٗر تہٕ مراٹھی
یَس ہِش آسِتھ تہٕ چھیہٕ سیٹھاہ مُشکل۔"

۲.۲ زِ : کأشرِ زبانٛی ہندی یِم لوغت گریرسنس نظرِ گامٕتی
چھِ تِمو منٛز چھُن یِمَن ہنٛزَن کوٚشِشَن ہُند ذکر
کوٚرمُت :

سان "ایشاٹک سوسائٹی طرفہٕ" شایع پیپر (۱۹۲۸ ایس منز)۔

۱۰۔ پرکاش رامُن راماین یُس دِواکر پرکاش بھٹ نہٕ ناوٕ زانہٕ آو تہٕ گریرسن نہٕ ترجمہ سان سوسائٹی طرفہٕ ۱۹۳۰ ایس منز کلکتہ پیچھ ڈراو۔

۱۱۔ مہانے پرکاش یُتھ پیچھ گریرسنن اکھ لسانی مطالعہٕ الگ پاٹھ تہٕ لیوکھ۔

۲۰۲ شیٹے : شخصی زانی کاری ہنز۔ گریرسنس حاصل پیپر یمو منز رٲدی وار یاہ بے ناوٕے۔ حالانکہ انگریزی جملن کاشراوُنس منز رٲد کینژن ہند سیٹھہ اہم رول۔ (مبنول کِس پیش لفظس منز چھ یمن شہ زٕ کاشُر وُنی تھے کتھ کھوان چھُ) تاہم یمو اُمس وار یاہٕ رٔنگ مدد کوز تم چھہٕ

۱۔ مہامہو پادھیاے مکندرام شاستری یم سنسکرتکہ عالم اُسی تہٕ ملہ واکھ، شوپرنٕے، شری کرشنا وتاریلا، رامہ چرت ہوٕن کاشرِن متنن یمِو گریرسنہ نہٕ باپتھ لفظ بہ لفظ سنسکرت ترجمہ تیار کری تہٕ اُمِہ علاوٕ ایشرکول نہٕ "کاشمیر شبدامرتم" ناوکہ گرامرکی زاوِ دجار فکر تارِی۔ چنانچہ اُمِہ غرضہ نیوٕ شہ گریرسنن پٹنہ ناد دِتھ۔

۲۰۔ پنڈت گوبند کول یُس نوٕ طرزکہ تحقیق جان اُتھ وُتھ اُس تہٕ کیازِ سٹاین صاحبس سِتی اُس اُمی سبھاہ کام

پرٛدن عہد نامہ۔

۲. داستانِ شیخ شبلی، یُس انڈین انٹی کویری بمبئی کس ۱۸۷۲ کِس شمارس اندر درایہ۔

۳. محمودٕ گامی سنٛز یوٗسف زلیخا یوس برکھارڈن ZDMG کس اندر (۱۸۹۵ تہٕ ۱۸۹۹) شایع کٔر۔

۴. نولزٕ سنٛز کتابہٕ "A DICTIONARY OF KASHMIRI PROVERBS AND SAYINGS" اندر درج چھےٚ (۱۸۸۵ء)۔

۵. نولزٕ سنٛز "KASHMIRI RIDDLES" کتابہٕ اندر درج پرٛژ (۱۸۸۸ء)۔

۶. للہٕ واکھ ییم گریرسنن تہٕ ایل ڈی بارنٹن ترجمہ تہٕ شرح سان (۱۹۲۰ء) شایع کٔرٕ۔

۷. حاتم تلہٕ وأنی سنٛز وٕنہٕ مٕژ کتھ ییمہ گریرسنن تہٕ شٹاینن ترجمہ تہٕ دیباچہٕ سان (۱۹۲۳ء) لندنہٕ پیٹھ شایع کرِ۔

۸. ستو پرٛنے ناو کرشن رازدان سُند شوکن یُس پنڈت مُکندرام شاستری ہندِ مدتہٕ گریرسنن ترجمہ سان ۱۹۱۴ء پیٹھہٕ ۱۹۲۴ء تام قسط وار چھاپاونو۔

۹. شری کرشن اوتار لیلا یوسہ وشفہٕ کنٕ صاحب کول نہٕ بدلہٕ دیناناتھنٕ ظاہر کرنہٕ آیہ تہٕ گریرسن نہٕ انگریزی ترجمہ

۳. ماخذن ہنز مجموعی نشاندہی کرنہٕ پتہٕ چھُنا ضلع وونٕ
تراوٕ تِتھ تحقیقہ سرمایس تہٕ نظراہ یُس گریرسنن
کاشرِ زبانی متعلق وقتہٕ وقتہٕ اکہ بروہہ کنہ ترٛاو
یُتھ زن یِمن ماخذن ہندِ اثرگ پوٚت منظرنوٚن
گژھہِ۔

۱۰. باسان چھُ زِ یِمن دوٚہن گریرسن ہندکہ لسانی سروےہک
ستر کرنہٕ لجیوو تِمنے دوٚہن آریہ تس زٕ اہم تصنیفہ اَتھہ۔
اکھ ایشر کولن "کاشمیر شبدامرتم" تہٕ دوٚیم برکھارڈ ہندی
لسانی مقابہٕ یِمن اندر کاشرِ زبانی ہندس فعلی، اسمی تہٕ
پوٚت لگ نظامس سام اَس ہینہٕ آمژ۔ یِم دوشوے
وُچھِتھ ہیوٚت گریرسنن کاشرِ زبانی ہندین زاوجارن
سَنُو۔ "کاشمیر شبدامرتم" اوس ایشر کولن سنسکرتس
منز ہیم چندر ہندِ سوٗترِ اندازِ پیٹھ لیوکھمت یتھ اندر
پانٕنی سندہ توضیحی انہار ہیوٚ وقت لیوٗمت اوس تہٕ
برکھارڈن اوس لاطینی گرامرکس شکنجس اندر کنہٕ ورٲی
کاشرِ زبانی ہندی کیہہ موٗلہ اصول نَنہٕ کڈی ہتی۔
گریرسنس باسے یِہ یِم دوشوے کوشش ایچ وربہ
لیچ تہٕ ڈیڈہ سندبو تمو گرامرو کھوتہٕ زِوٗدار یِمن
لاطینی گرامرک ڈاڈ تصرف ہیوٚ گومت اوس۔

کرٕمژ۔ مینول لیکھنس کوٚر اَدِ تہٕ گریرسنس مَدد ۔

۳. مِس، ای جی ہل یوسہٕ وُری بدیٚن سرینگر مِشنری روٗزمٕژ اَس تہٕ کاشُر بولنس منٛز طاق پیٚمٕژ آس ۔

۴۔۷. بێیَن بێیَن تحقیق کارن ہُند تہٕ توٚر گریرسنس فاضِ ۔

خاص کرِتھ یِمَن ہُند :

۱. میکس موٗلر سُند (۱۸۵۴) : مُنڈا زبانٕی ہند اثرُک ۔

۲. شمِٹ (۱۹۰۶) سُند : آسٹرو ایشاٹِک زبانٕی ہندِ اثرُک ۔

۳. ارسکِن بیری (۱۸۵۳) سُند : ہندوستانٕی زبانن ہنٛز دُشاکھل ورگہٕ باگیہٕ ہند ۔ یِمہٕ مۆجوٗب کاشر زبان ہندی، بنگالی، گجراتی بیترِ سٟتی زانہٕ آیہٕ ۔

۴. بیٖمس (۱۸۶۷) سُند : ہند آریاۓ زبانَن ہندِ تقابلی مطالعُک ۔

۵. ہارنلے (۱۸۸۰) سُند : گوڈی زبانن ہندِ تقابلی مطالعُک (چنانچہٕ اَمس پتہٕ اَتھ واس کرِتھ لیچھ گریرسنن بہاری زبانن ہنٛز تقابلی ڈکشنری تہٕ) ۔

۶. سٹین کونو (۳-۱۹۰۰) سُند : یِمہٕ پیشاچی تہٕ باشگلی پیٚٹھ خاص ییٚوکھمت اوس ۔ (چنانچہٕ باشگلی پیٚٹھ لیچھ اَمِس کونونس مقالس پیٚٹھ لیچھ گریرسنن نوٹ یِم ۱۹۱۱ (۱۹۱۱) یس منٛز چھپیہٕ ۔

۵. تہٕ ( ZDMG ہس منز ) دردی زبانن ہند تصور ہیوٚتنس ورتلن ۔ چنانچہ ۱۹۰۱ یس منز ییلہٕ "A MANUAL OF THE KASHMIRI LANGUAGE" لیکھنہٕ بیوٚٹھ ، کاشُر زبانٕی ہندی دردی انہار ژھارنٕچ کل گنیس ۔ مینول لیکھنک موٗلہٕ مقصد اوس کشیرِ ینہٕ والین وِزیٹرن کاشُر ہیچھنس اَتھ وتھ انُن ۔ اما ۱۹۱۱ یس منز مینول چھاپ کرناونہٕ وِزِ بیوس ظٲہِر زِ وسطِ ایشیاہس اندر ییم پرانی دستاویز تِمنے دوہن ژٔ کڈنہٕ آمتی آسی ، تِمن ہنزن زبانن فکرِ تاریخ کانہہ کٔنز ۔ اما میلہٕ پشاچی زبانن اندر یِموٚ منز ( گریرسنہٕ نہٕ وُنہٕ ) کاشرے اَژ ادبی زبان چھیہٕ ۔

۶. مینول لیکھنہٕ پتے لیوٚکھ گریرسنن ۱۹۱۳ یس منز پشاچی پشاچ تہٕ جدید پشاچی عنوانہٕ ۲۷ ہن صفحن ہند مضموٗنا ( ZDMG ہس منز ) ۔ ییمہ کِس بناہس پیٹھ ۱۹۱۵ یس منز کاشرِک لسانی ورگت سرکھ کرِتھ دردی بوٗدن تہٕ اُمی غرضہ لیوٚکھن XLIV ہس منز تہٕ پنژ کِنہٕ ۲۲ صفحن ہند مضموٗنا ۔

۷. ہُپارِ اوس وِینا اورینٹل کانگریس (۱۸۸۶) کرقرارداد موجوب ہندگ لسانی سروے چلان تہٕ یپاری ہیٚنز گریرسن ایشرکولس موٗلہٕ موادس پیٹھ کاشر ڈکشنری تیار کرنٕی ۔ اتھ لگی شراہ وری ( ۱۹۱۶ پیٹھ ۱۹۳۲ تام )

چنانچہ گریرسن کوٚر برکھارڈٹن مقالن انگریزی ترجمہ یم "ESSAYS ON A KASHMIRI GRAMMAR" ناوٕ بمبیہ ہندٕس ۱۸۹۵ ہس اندر پیٹھ ۱۹۰۰ تام نیران رٗودی تہٕ پتہٕ الگ کتأبی صوٗرتھ منز تہٕ چھاپ

۲. سپدی۔ یتی لیوکھُن ۱۸۹۶ ہیس منز کاشر زبأنی ہندِس واولہ نظامس پیٹھ تہٕ مضموٗنا یتھ اندر الیشر کولنہٕ لسأنی طریقہٕ کارچ وضاحت کرٕن۔ ماترا واول چھُ اُمکےُ دیت۔ یُس وونی غأرضروٗری باسان چھُ۔

۳. اُتھی دورانس کوٚرن "کاشمیر شبدامرتم" اضافہٕ سان دون جلدن منز ایڈٹ۔ (۱۸۹۷ تہٕ ۱۸۹۸ ہیس منز)۔ اکھ موٗلی اضافہٕ کوٚرتن زِ ۹۲۵ ہن کاشرٕ کریہٕ موٗلن (یعنہٕ ریڈکلن) ہند فہرس دِتن اُندی آواز مطأبق ترتیب۔ یعنہٕ: کھ، چ، ز، ہٕ، یہٕ، تہٕ، ہہ وغأرٕ۔
دوٚیم کوٚرتن سوٗترن ہند ترتیب وار فہرس تہٕ شأمل تہٕ تریم زِ گرامرس اندر مثالو زنگی آیہ لفظ تہٕ جملہٕ کرٕن ترتیب وار پیش۔

۴. ۱۹۰۰ ہیس اندی پکھی ہیو لوگ گریرسن ہندکہٕ شمأل مغربی سرحدہٕ اپارٕ چنٛ زبانٛ سام ہیٚنہٕ۔ چنانچہٕ ۱۸۹۸ ہیس منز لیوکھُن سوٗات چنٛ کینشٛن زبانن پیٹھ (۱۸ اس منز)۔ ۱۸۹۹ ہیس منز لیوکھُن پستاے لغمأنی تہٕ دیہأتی زبانن پیٹھ۔

1. It is probable that in Dardic languages distinction between dental and cerebral mutes is not as sharp as in India proper. (P. 63).

2. In Kashmiri and probably in all the Dardic languages, the following pairs of vowels are commonly confused : i, e, ī, ē, u, o, ü, ë (P. 62).

3. All the Dardic languages probably possess a-mātrā, but only in Kashmiri do we find positive information about it. (P. 109).

تہٕ کرِتھ محض لفظن ہٕندِس آواز۔ ہشرس پیٹھ زور دِتھ
جملہٕ گرتن اندر لفظن ہٕندِن رشتہٕ گنڈن ہٕند ہشر داۍ راوِتہٕ
رٕوس ہیٚکیا اَمہٕ قسمُک کانٛہہ ورگہٕ باوُتھ لینہٕ۔ (CLASSIFI-
-CATION) کرنہٕ یِتھ؟ خاص کرِتھ کریَہ لفظن تہٕ ضمیر
لفظن ہٕندِس گرتہٕ نظامس اندر۔ کاشُر زبانۍ ہٕندِن
دردی رشتن پیٹھ پزنہٕ پیٹھٕ اصرار چھُ گرِیرسن نہٕ خود
اعتمادی ہُند کوس ہیٚو باسان۔ خار توتہٕ پنیٚہ مانُن۔

تہٕ ژوٚن جلدن منز پیپرز پہٕ شایع ۔

۸۰. اُتھی دورانَس منز ییٚلہٕ گریرسن ترٚہی تہٕ توروالی زبانن پیٹھ تہٕ ۔ یِمہٕ ستی دردی زبانن پیٹھ بیٚیہ تہٕ گاش ترٛووُن ۔ اما پٔتہٕ ییٚن تحقیقی مقالن منز دردی رٔشتن ہندِس اِمکانَس پیٹھ برابر زور دِوان روٚزِتھ تہٕ ہیوٚک نہٕ گریرسن کاشرِ زبٲنۍ ہندی تِتھی دردی انہارٕ بَدٕ کڑِتھ ییمہٕ چہٕ بُنیادِ پیٹھ اُتھ شیٚقہٕ پاٹھۍ دردی زبان وٕنِتھ ہیٚکِہ ۔

۱۰۴ کاشرِ زبٲنۍ پیٹھ دردی اثر آسُن گیہِ اکھ کتھ تہٕ کاشرِچ بُنیاد دردی ماننہٕ گیہِ بیاکھ کتھا یوسہٕ تہٕ تِمہٕ موادٕ تلہٕ سرِ کٔرِتھ ہیکان چھیہٕ یُس مواد گریرسن میوٕلس منز تہٕ LSI کس دردی زبانن ہندِس جلدس اندر ہیش کوٚرمُت چھُ ۔ چنانچہ اُتھی کتھن کُھن کران چھُ سہٕ ۱۹۳۱ پیٹھ ۱۹۳۲ تام ۱۸ ہندن نزٕن شمارن منز چھپیمتین مقالن اندر تہٕ اَمہٕ بھبوری ہنز بُنیاد کھوٚکھرے تھوان ۔ پوٚز گووٕ زِ گریرسن چھُ پانہٕ تہٕ وِزِ PROBABLY لفظ ورتاوِتھ اَکھ کتھہٕ شکس حلقس اندر باوتھ کران ، اَمہٕ حلقہٕ نیبرٕ تہٕ کینہہ مشکن نی توٚیم ہوٚو بیان :-

تمو منز دوٚپ کینٛژھی ہوی مالِس کیٚہ — تمو اندر دوٚپ لوکٕٹۍ ہوی مالِس
ہے مالہٕ، میٚہ دِ دنٛگ حصہٕ یُس میٚہ — اَے مالہٕ مالکٕ حصہٕ یہ میٚہ واتہٕ
واتہٕ۔ تۄہیہ تہٕ تمۍ تہند خاطرٕ دِنہٕ باگرودن۔ — تہٕ دِ میٚہ تہٕ تمۍ دیت تمن مال باگرِتھ۔

سوٗنچِو کتھ چھیہٕ زِ کیا شخص، لوکٕٹ، مال، ہیٚنیو، اکوٗنس تہٕ دِنہٕ لفظن ہُند ورتاو چھُنا کاشرِ ہند مشترکہٕ ورتاو۔ یِمن کیٚنہٕ اکِس فرقس سِتۍ وابستہ کرُن چھا مناسب یا معقوٗل؟ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ہیٚکو وٗنِتھ زِ یِم چھِ ورتاوکۍ تِتھۍ انداز زِ کانہہ اکھ مذہب یا فرقہٕ ہیٚکہٕ نہٕ یِمن پیٚنہٕ نۍ یوت وٗنِتھ۔

موختصر زِ گریرسنن لسانی سوٗنچُک زوٗدار میراث شیر لاگِتھ تہٕ پزٕ اسہٕ اَمہِ سوٗنچہٕ چھیٚن کیٛنژن کمزور پہلوٗ داون ہنزٕ نشاندہی کرٕنۍ تہٕ مفروضہٕ کِس کُنِس پیٚٹھ کانہہ رنگہٕ لُر استاد کرنہٕ بجایہٕ کاشرِ زبانۍ ہنزن موٗلہٕ موٗنجن نوٚو سرٕ سام ہیٚنی۔ جلدبازٕ تحقیق کارن واتہٕ نہٕ اتھ کھلِ کاشرِ زبانۍ ویدچہٕ زبانۍ ہٕش یا عبرانی زبانۍ ہٕش پرانۍ وٗنِتھ تواریخی عملہٕ چھیٚن حقیقتن نہٕ وتہٕ کلہٕ دیُن بلکہ لگہٕ ہار موادس موروضی نظر تراوِتھ کاشرِ زبانۍ ہندِس تواریخی ارتقاہس پیٚٹھ تحقیقُک گاش تراوُن تہٕ اَمہِ زبانۍ ہنزٕ صحیح منگ پرزناوِتھ اتھ برٕ تھہ برٕ وٕنہہ پکنہٕ دِنگُ پایہ کرُن۔

یوٗہے گوٚو گریرسنس سارِوے کھوتہٕ شوبہٕ دار باج۔

زِ گریرسن گرامری نظام چھُ کاشرِ لسانیٲتچ اکھ اہم میلہ کَنہٕ

ییمہِ برونہہ پکنہٕ رۅس اَتھ موضوعس پیٹھ بامقصد قلم

تُلن ووݨی مُمکنے چھُنہٕ۔

۲.۴ بیاکھ پہلہِ چھُ گریرسنس ہیوٚمت ییمہِ نِشہِ

باخبر روزُن ضرورتھ چھُ، سُہ گوو کاشرِ زبانۍ ہندوٗ

کشیری تہٕ مُسلمان کشیری لیبلہٕ چپان کرِتھ دُشاکھل

وَنُن۔ ڈلوٗ زِ گریرسن کیا چھیٚہ زانتھ مانتھ امہِ قسمچ

حرکت کرمٕژ، تہٕ نہٕ۔ تٔمۍ سُند کردار اوس سیٹھاہ تھوٚد

تہٕ شوٚد، اما اَتھ کیا کرِو زِ کینہہ تصور چھہِ ہنگہٕ منگہٕ النہٕ

تہٕ وُلنہٕ یوان۔ سُہ گوو ہندوستانۍ زبانۍ ہنز ہندی تہٕ

اُردوٗ دوٚن رنگن منز ظاہر سپدُن۔ یوٚہے رنگہٕ پھیُر

چھُ گریرسن کاشرِس اندر تہٕ بے شونکی پاٹھۍ وُچھنہٕ

لگان تہٕ خبر کیا برابری چھُس یوان تِمو دوٚیو پیرالوٚ

نِتۍ ییم PRODIGAL SON کِتھ ہندِ کاشرِ ترجمِک

تَس برونہہ کُن واتی۔ کرِو تو یمن تہٕ نظرا تہٕ پانئے

سونچِو تو زِ یمن ہندوٗ کشیری تہٕ مسلمان کشیری لیبل دِنۍ

کوتاہ مناسب چھُ؛ کینہہ جُملے نۍ تو گوڈنِکۍ:

| MUSLIM DIALECT | HINDU DIALECT |
| --- | --- |
| اَکِس شخصس آسۍ زٕ نیچوِ۔ | اَکِس مہنوِس آسۍ زٕ نیچوِ۔ |

ڈاکٹر ایس این گول

# لوٗغت سازی ہندی اُصوٗل تہٕ

# گریرسن سنٛز کاشر انگریزی ڈِکشنری

لِسانیاتُک مدعا معنے تہٕ مقصد نظرِ تَل تھٲوِتھ چھُ امیُک مٲدان عام پاٹھی ہِتھ کُنٛز تقسیم یوان کرنہٕ ۔ توضیحی لِسانیات ( DESCRIPTIVE LINGUISTICS ) تواریخی لِسانیات ( HISTORICAL LINGUISTICS ) تہٕ تقابلی لِسانیات ( COMPARATIVE LINGUISTICS ) ۔ لِسانیاتَس منٛز چھِ یِم دوٚنی پرٲنی ناو بنیمتی ۔ وقت بدلنَس سۭتۍ سۭتۍ چھُ اَتھ منٛز نٔوِ مٲدانو واتھ کوٚرمٕژ تہٕ دوٚکھبو نوٚہمُت ۔ یِمَو منٛز چھِ عملی لِسانیات ( APPLIED LINGUISTICS ) تہٕ

زبان کھوٚتھ زَد گژھان تہٕ کتھ باتھ کرنہٕ وِزِ اِنسانَن دٕپہٕ کھٕرلگان لُغت سازی ہُند تعلُق چھُ زبانٕ ہندِس اُتھ لفظی سرمایس سِتۍ۔ ڈیٚشِو پانٕڑۍ دُنوٚ زِ ڈِکشنری چھیٚ لفظن ہنٛز ترتیب وار سوٚمبرن۔ یِہنٛز وضاحتھ چھیٚ اَتھ منٛز الگ الگ طریقو کرنہٕ یِوان۔ ڈِکشنری ہُند پرینٛھ کانٛہہ لفظ گژھِ اَکِہ زبانٕ ہُند اصلی تہٕ صحیح (AUTHENTIC) لفظ آسُن تہٕ لفظن ہُند معنے مطلب گژھِ صاف، صحیح تہٕ ٹھیکھ (EXACT, ACCURATE AND DEFINITE) آسُن۔ دراصل گٕنہٕ لفظُک معنے مطلب سمجاوُن چھُ بڑٕ مُشکل آسان۔ مانٛز توٚ اَسہِ چھُ لفظ پَناہ، اَمیُک معنے مفہوم تہٕ چھِ زانان، مگر ییٚلہِ اَسہِ اَمِہ لفظِچ وَکھنے پیوان چھیٚ کَرٕنۍ اَسہِ چھیٚ زبان زَن تہٕ کلان۔ اَتھ چھُ وَجہ۔ لفظن چھُنہٕ صحیح بدل آسان۔ یِم بدل آسان تہٕ چھِس تِمَن چھیٚ پانہٕ وانٛۍ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ فرق ضرور آسان۔ مثالہِ پانٛڑۍ ہرگاہ کانٛسہِ پرژھو زِ کتاب کیاہ گیہِ تہٕ سُہ وَنہِ "کِتاب گیہِ سُہ یوسہ پرٕنہٕ ییہِ" ہیکِنہٕ کتابہِ ہُند صحیح مطلب آستھ۔ اگر اَسۍ کِتاب پرِتھ چھِن ہیکان، اَسۍ چھِ اخبار' رسالہٕ' سایِن بورڈ وغارِ تہٕ ہیکان پرِتھ۔ تِمیُک مطلب گوٚو یِم ساری یِن کتابہِ ہندِس زُمرس منٛز شُمار کرنہٕ مگر تہٕ چھُنہٕ مُمکن۔ وَنُن چھُ یہِ زِ لفظُک معنے مطلب گژھِ موٚل لفظِچ صحیح صحیح ترجمانی کرُن۔

یوٚہے وَجہ چھُ زِ ڈِکشنری بناونُک کام چھیٚ سٹھے

تخالفی لِسانیاتکہ ( CONTRASTIVE LINGUISTICS ) ناو قابلِ ذِکر۔ توضیحی لِسانیات، تقابلی لِسانیات تہٕ توارِیخی لِسانیاتس مُتعلق چھُ یہِ یوان وَنَنہٕ زِ یمو ہتی چھُ زبانٕ ہندین الگ الگ نِہجَن تہٕ اُمہِ کِین اصوٗلَن ہُند مطالعہ کرنُک موقعہ میلان مگر یہِ مطالعہٕ چھُ غار عملی، تہٕ کیازِ اُمہِ ستہِ چھُنہٕ عام لوٗکَن کانہہ خاص فایدٕ واتان۔ مگر تخالفی لِسانیات تہٕ عملی لِسانیات چھہٕ لِسانی اصوٗلَن ہنز وضاحت کرنَس ستہِ زبان دانی ہندِس وَرتاوس تہٕ دوٚیمین کتھن پیٹھ زور دِوان۔ مِثالہِ پاٹھۍ وَرتاوُک مطلب گوو لِسانی اصوٗلو ستہِ زبان دانی ہُند سبق سہل، صحیح تہٕ موثر بناوُن، زبان یا زبان تتھ پاٹھۍ ہیچھناوٕنۍ زِ کم کھوتہٕ کم رُکاوٹہٕ ( LANGUAGE INTERFERENCE ) ین بُتھِ۔ عملی لِسانیاتس منز یم خاص موضوع یوان چھہٕ تم گژھن اسلوٗبیات (STYLISTICS) شارٹ ہینڈ تہٕ ٹایپ، لغت سازی وغارٕ۔

انگریزی پاٹھۍ چھُ اکھ لفظ ( LEXICOLOGY ) ییمیک موٗل چھُ LEXICON - ایمُک ڈِکشنری معنے چھُ لفظن ہنز دولتھ۔ زبانٕ چھہٕ ویٚٹھۍ پاٹھۍ زٕ پہلوٗ آسان، اکھ گوو ایمُک لفظن ہُند سرمایہٕ تہٕ دوٚیُم ایمُک گرام۔ زبان وَرتاوس منز اَنہٕ خاطرٕ چھُ یہِ ضروٗری زِ اَسہِ گژھہ یمَن دوشوٕنی پہلوٗن پیٹھ اختیار آسُن۔ ہرگاہ یمو منز اَسہِ اکہِ چیزَچ کمی آسہٕ تیلہِ چھیہٕ سانٕ

ساینسُ مُلکس منز چھےٚ ڈکشنری بناوٕنٕچ تواریخ کافی پرٲنۍ۔
سنسکرت زبانِ منز لیکھمتی 'نگھنٹو' چھ دُنیہِکۍ سارٕوے کھوتہٕ پرٲنۍ
کوشِش یوان تصوٗر کرنہٕ۔ اتھ سِلسِلس منز چھُ اَکھ مہرشی
یاسک سُند کوشن 'نرکُت'، دستیاب سپدمُت۔ یتھ پاٹھۍ
چھُ 'نرکت' کوشن ہُند سارٕوے کھوتہٕ پرون نموٗنہٕ۔ پانِنی
سُند گرامر "اشٹا دھیایی" چھُ ڈکشنری ہُند اکھ بہترین نموٗنہٕ۔
امر سنگُن "امر کوشن" چھُ سنسکرت زبانِ ہُند مشہوٗر تہٕ
بہترین لُغت۔ یمن کوشن ہنز بڑ کمزوری چھےٚ یہ زِ یمن
چھنہٕ اچھر ترتیب۔

لُغت سازی ہندۍ اصوٗل چھِ مکمل پاٹھۍ صاف تہٕ
صحیح۔ یِہنز وِرٕژھنے چھےٚ LEXICOLOGY منز یوان کرنہٕ۔
دوٗیمہ طرفہٕ چھےٚ ڈکشنری بناوٕنۍ اکھ ہونر۔ اوصوٗلس تہٕ
آرٹس ہیکو اَسۍ یتھ پاٹھۍ بُہٕٹ کٔڈِتھ۔ مانو اَسہٕ چھےٚ چاے
بناوٕنۍ۔ اَمہِ خاطر گژھِ اَسہٕ سٹوٚو، بانہٕ، پوٚنۍ، چاے، دود
وغیرہ آسُن۔ یہ چاے بنیا خراب کنہٕ جان اَمیک دارومدار
چھُ چاے بناوَن والۍ سندِس آرٹس پیٹھ۔

لُغت سازی تہٕ لِسانیاتکین الگ الگ ضبطن چھُ
پانٕ واٚنۍ قریبی رِشتہٕ۔ مثالہٕ پاٹھۍ ہمو فونیمیات (PHONEMICS)
تہٕ لُغت سازی۔ فونیمیاتس منز چھِ اَسۍ زبانِ ہندِین فونیمن الگ

مُشکِل تہٕ کھرٕ دار مانٛنہٕ یوان ۔ ڈاکٹر ایس ۔ جانسن چھُ وَنان زِ یہ چھیٚنہٕ سیٹھے بےٚ زُزبر محنتچ تہٕ مشقتچ کٲم[1]۔ اکھ مشہور لغت ساز زگُتا چھُ وَنان زِ ڈِکشنری ہنٛز کٲم چھیٚیہٕ لسٲنی سرگرمی ہنٛز سیٹھے مُشکِل کٲم[2]۔

جے۔ جے سکےلجر چھُ وَنان زِ بدترین مُجرِمن گژھہِ نہٕ مونٛگ یا سخت جسمٲنی سزایہٕ دِنہٕ، تِمن گژھہِ ڈِکشنری بناونٕچ کٲم ہیٚنٛز، تہٕ کیازِ اَتھ منٛز چھِ پرٛتھ کُنہٕ قسمکۍ عذاب تہٕ تکلیف شٲمِل[3]۔

ط (IT IS) "A HARMLESS DRUDGE."

— KATRE, S.M. : LEXICOGRAPHY; PAGE 1.

2ط "THERE CAN BE NO DOUBT THAT LEXICOGRAPHY IS A VERY DIFFICULT SPHERE OF LINGUISTIC ACTIVITY."

— ZGUSTA, LADISLAV: MANUAL OF LEXICOGRAPHY. PAGE 15.

3ط "...... THE MOST COLOURFUL OF THESE OPINIONS BASED ON A LEXICOGRAPHER'S LONG EXPERIENCE IS THAT OF J.J. SCALIGER (16TH — 17TH. CENT.) WHO SAYS IN FINE LATIN VERSES THAT THE WORST CRIMINALS SHOULD NEITHER BE EXECUTED NOR SENTENCED TO FORCED LABOUR, BUT SHOULD BE CONDEMNED TO COMPILE DICTIONARIES, BECAUSE ALL THE TORTURES ARE INCLUDED IN THIS BOOK."

— ZGUSTA, LADISLAV: MANUAL OF LEXICOGRAPHY, P. 15.

لیکھن آمت :- I'SVARA KAULA

I (ای) ، S' (ش)

MAHĀMŌPĀDYĀYĀ — مہامہو پادھیاے

MUKUNDRAM S'ASTRĪ — مُکند رام شاستری۔

BURZULᵘ — بُرزوٗل

GŌNᵘ — گوٗنٕ

GŌPH — گوٗپھ

ڈِکشنری ہندِس دیباچس منز چھُ ڈاکٹر گریرسن صحیح لیوٗکھمُت زِ کاشرِس منز چھِنہٕ گھ (GH) جھ (dH) ڈھ (DH) دھ (DH) بھ (BH) ہِوی فونیم¹

اَمہِ کتھہِ ستی چھُ یہِ ثابت سپدان زِ کاشر انگریزی ڈِکشنری تیار کرنہٕ وقتہٕ اُس گریرسن ہنز فونیمی نظر وارہس حدس تام صحیح۔ مگر اَمہِ گرنتھہِ پٕہ مُشتہ گرنتھن زِ کاشر زبان اُس تہٕندِ خاطرٕ اکھ بیروٗنی زبان تہٕ شاید آسہن نہٕ تِم پانہٕ کاشُر بوٗلتھ ہیکان۔ اَمہِ کنہِ چھ نہٕ تِم کاشرِ دوادِ جان پاٹھی بدٕ ہیکہِ متی کڈٕتھ تہٕ تِموٚ چھیہ ڈِکشنری ہنز اچھر ترتیب تہٕ انگریزِ

¹ KASHMIRI HAS NO THESE CONSONANTS gh(घ) dh(झ) ढ(dh) - ध(dh), bh(भ) THE ONLY CONSONANTS WHICH IT POSSESSES THAT ARE STRANGE TO NAGRI SCRIPT ARE THE FRICATIVES च(TSA) - छ(TSHA) . ज(za)
[ڈاکٹر گریرسن ہند ڈِکشنری ہندس دیباچس منز درج)

الگ طریقو کنہ نظر تراوان۔ فونیم کیاہ گوو، اکھ فونیم کیتھ پأٹھۍ چھ دوٚیمس فونیمس نِشہٕ بیوٚن تہٕ بدلن تہٕ تِمن کوتاہ صوتی رِشتہٕ چھُ، فونیم تہٕ ذیلی فونیم ( ALLOPHONE ) کیاہ گوو؟ وغأرٕ —— فونیمیاتس منز چھہٕ اَسۍ یتھۍ موضوعن دَل دِوان۔ فونیم چھُ زبأنۍ ہند بُنیأدی تہٕ ناقابلہٕ تقسیم جُز۔ فونیمچہ بأریکی سمجنہٕ ورأے چھیہٕ کُنہٕ زبأنۍ ہنز ڈِکشنری بناوٕنۍ ناممکن۔ اَمہِ کِنہِ ہنز ترجمأنی چھیہٕ گریرسن سنز "کأشر انگریزی ڈِکشنری" جان پأٹھۍ کران۔ ڈاکٹر صأبن چھیہٕ یہ ڈِکشنری ژٕ ون جِلدن منز تقسیم کرمٕژ۔ تِمو چھیہٕ بڑ محنت کرِتھ کأشرِ سوٕرن تہٕ کانسونٹن ( CONSONANTS ) ہنز صوتیأتی زان کرناوٕنۍ بڑ کوشش کرمٕژ۔ یہ چھُ صحیح زِ ڈاکٹر گریرسن اَسۍ کُنہٕ زبأنۍ ہنز بدہ کدٕلس منز مأہر۔ تِمو تہٕ چھہٕ کأشر زبأنۍ ہندی فونیم بَدہٕ کدٕلس منز کأفی محنت کرمٕژ تہٕ یِنہِ کِنۍ کأفی احتیاط تہٕ کوٚرمُت۔ یہ کأم باعمل اَنہٕ خأطرٕ چھُ تِمو مُکندرام شاستری سُند یوٚت بہٕ تیوٚت مَدد طلب کوٚرمُت۔ کأشرِ زبأنۍ ہندی فونیم رومن رسم الخطس منز لیکھنس منز چھہٕ تِم کأفی محتاط رُودی مِتۍ تاکہ کأشر لفظ گوٚژھ یِنہِ اصلی رِلپس منز بروٚنہہٕ کُنہٕ یُن۔ کِنہٕ ہُند واش ہیکہ ڈِکشنری ہندِ یمو مِثالو ستۍ نیرِتھ:۔

لفظ

اٰلٕشورکول —— ڈِکشنری منز چھُ یہ لفظ رومنس منز یِتھہٕ پأٹھۍ

چھُ یِمو اَکھ تحت اُمہِ کِبن الگ الگ پرَن ہُند۔ اندراج (ENTRY)
کورُمُت ۔ ڈِکشنری ہنز اکھ مِثال چھِیہٕ یِتھ پاٹھۍ :-

APUR OR A BUR – (8)

CLOUDS OVERCASTING THE SKY .- गरयर

– गाशा – GATA ( گٹہٕ ) – MOND (موٚنڈ)

– ह्वय (8) – जाल – तल्ल

لِسانیاتُک بیاکھ اکھ ضبط چھُ – SYNTAX

وِلیسے چھِ ڈِکشنری منز عام پاٹھۍ لفظن جاے یوان دِنہٕ مگر بعضے چھُ یہ پیدان زِ لفظُک معنے مطلب یا مفہوم چھُنہٕ لفظو ستی سمجاوُن مُمکن آسان ۔ یِمن حالاتن منز چھِ جُملس یا جُملن ییٹھ تکیہٕ پیوان کرُن ۔ مثالہِ پاٹھۍ رٔٹو اکھ لفظ "میلُن" ۔ ییلہِ یہ اُسی دلوہارس منز اَنان چھِن اَتھ چھِ الگ الگ (SEMANTIC SHADES) نظر گژھان ۔ یِمہ ژھایہ زانہٕ خاطرِ چھُ مزدوری زِ اُسی کڈو کیتھہ ہنز پھٹ یِمو مثالو ستی :-

(۱) میہ میوٗل دوست وٕتہٕ ییٹھ ۔ (یہ گو و اتفاقہٕ سان میلُن)

(۲) بہٕ گوس دوستس میلنہٕ ۔ (یہ گو و پروگرام بناوِتھ میلُن)

(۳) میہ میلِ اِنعامہٕ (میلنُک مطلب چھُ حاصل کرُن)

(۴) میہ میوٗل انعامہٕ (میلنُک مطلب چھُ حاصل کرُن)

یِتھے پاٹھۍ ہیکون اُسی اِڈبر ہنز لفظ وُچھتھ :-

ڈِکشنری ہندِس طرزس پیٹھ دِژہٕ۔ انفی ( NASAL ) آوازن ہنز فرق تہٕ چھےٚ رومن رسم الخطس منز یم نشانہٕ چھ آہتہٕ دِنہٕ تمہٕ ستۍ چھیہٕ پرنس منز بڑٕ دُشواری گژھان۔

لسانیاتک بیاکھ اکھ ضبط چھُ مارفالوجی۔ اَتھ منز چھ اُسی لفظن ہنز بناوٹھ وُچھان۔ لفظک مول کیاہ چھُ، اَتھ کُس پابند رٔپ یا پوٚت لوگ یا برونہہ لوگ آوتہٕ اَمہٕ کِنۍ اَتھ کمہٕ مارفوفونیمی MORPHOPHENEMIC تبدیلیہٕ سپز سماس، سندھی تہٕ مارفوفونیمی تبدیلی کیاہ فرق چھیہٕ وغارٕ۔ یمہٕ کتھ چھیہٕ مارفالوجی منز وِبڑھناوِنہٕ پوان۔ ییلہٕ رٔپ ( MORPH ) ورتاوس منز پوان چھُ اَتھ ستۍ پابند رٔپ ( BOUND MORPHEME ) لگنہٕ کِنۍ چھیہٕ اَتھ واریاہ تبدیلی گژھان تہٕ کانٛہہ ذیلی مارفیم ( ALLOMORPH ) بنان۔ ڈکشنری ساز ہنز کام چھیہٕ زبانۍ ہندۍ مول رٔپ بدٕ کڈٕنۍ تہٕ تمکۍ ییتۍ ذیلی رٔپ آسن تم بدِ کڈتھ تمن ڈکشنری منز جاے دِنۍ۔ کاشر زبانۍ منز یہ کرُن چھُ سیٹھاہ مُشکِل، تہٕ کیازِ مارفوفونیمی تبدیلیو کِنۍ چھ اَمکۍ لفظ رٔپ بڑٕ پیچیدٕ گژھان۔ مثالہٕ پاٹھۍ "ابلونۍ" "کرناوُن" "گژھ ونۍ" وغارٕ ہوین لفظٕ رٔپن ہنز پرکرتھ ( NATURE OF THE WORD ) بدٕ کڈنس منز چھیہٕ مشکلہٕ درپیش پوان۔ یہ چھیہٕ بڑٕ فخرچ کتھ زٕ گریرسن چھیہٕ یہ کام حتی الامکان بڑٕ ایمانداری تہٕ محنتہٕ سان انجام دِژہٕ۔ مارفیم بدٕ کڈِتھ

پتہٕ پوٗرٕ۔

موخصر پاٹھۍ وَنوٗ زِ لُغت سازی چھےٚ سیٹھاہ مُشکل تہٕ ذمہٕ واری ہنٛز کام۔ یہِ کام کرنہٕ خاطرٕ گژھہِ لُغت سازس زبانۍ ہیٚیہٕ کانٛی عبوٗر آسُن تہٕ تمۍ ہنٛز لِسانیاتی نظر گژھہِ برٛونٛہہ آسٕنۍ۔ یُتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شَکھ زِ ڈاکٹر گریرسن آسۍ لِسانیاتکۍ اکھ بٔڈۍ ماہر۔ تِہنٛزِ کاشُر انگریزی ڈِکشنری چھےٚ امِ کتھِ ہُند ٹاکارٕ ثبوت۔ یہِ ڈِکشنری چھےٚ اکِ حسابہٕ ترٛیٚن زبانَن ہیٚیٹھ کھڑا، تہٕ کیازِ اَتھ منٛز چھہٕ کاشرِ لفظن ہندی بدل انگریزی علادٕ سنسکرتس منٛز تہٕ دِنہٕ آمتۍ۔ لفظن پتہٕ جنٛسُک اِشارٕ کرنا دِنہٕ کِنۍ چھےٚ امہِ ڈِکشنری ہنٛز اہمیت تہٕ اِفادیت زیادٕے ہیوٚن، تہٕ کیازِ کاشُر سمجھنَس منٛز چھُ لفظن ہُند جنٛس اکھ خاص ٹھوٗز پادٕ کران۔ ییٚمہٕ کمزوریو باوجوٗد چھےٚ یہِ ڈِکشنری کاشرِس لِسانیاتَس منٛز اکِ میلہٕ کنہٕ ہنٛز اہمیت تھوان۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ اَزِکیو لِسانی تقاضو مُطابق چھُ یہِ ضروری باسان زِ کاشرِس منٛز گژھہِ نوٚو سرٕ ڈِکشنری تیار یِنۍ کرنہٕ۔

---

ییٚتھ مقالَس منٛز یِم تکنیکی لفظ ورتاوس منٛز چھہٕ اَنہٕ آمتۍ تِہُند فہرست چھُ ییٚتھ پاٹھۍ:۔

(۱) اسمان چھُ اڈ٘بر، ستۍ ڈُلتھ ۔ (اڈبر)

(۲) اسمانُک اڈ٘برُ چھُنہٕ صاف ۔ (موسم)

(۳) یمیٚتہٕ چھُ اڈ٘برُ، پتہٕ پیٚہن دہلہٕ ۔ (محاورہ)

یہ کتھ وَنٕنۍ چھےٚ ضروری زِ ڈاکٹر گریرسن چھُنہٕ یِم جملو ستۍ وبرٕتھناوِتھ (SEMANTIC SHADES)۔ مگر دوٚیمہ طرفہٕ چھُ یہ تہٕ پوٚز زِ تِمو چھےٚ یِمہ خاطرٕ پرٕتھ ممکن کوٗشش کٔرمٕژ زِ لفظُک معنی گوٚژھہ صاف، صحیح تہٕ ویٚود آسُن۔

ڈِکشنری سازَن ہُنٛد کام چھےٚ دراصل معنے مطلب سمجھاوُن آسان۔ لفظُک معنے چھُ وقت بدلنس ستۍ ستۍ واش کڈان یا گٔٹان تہٕ۔ خوجہ صاب، حاکم دولت خانہٕ، غریب خانہٕ، گاوموج لیڈرٕ ژھٹھ تہٕ یِتھۍ وارِیاہ لفظ چھِ یِم بُنیادی معنےیَس ستۍ ستۍ وارِیاہن معنےیَن کُن اِشارٕ کران چھِ۔ یِتھےٚ پٲٹھۍ چھِ "کنڈکٹر" (CONDUCTOR) "گرُدوار" ہیوٚ لفظ الگ معنے مطلب دِوان۔

ڈِکشنری سازَس گژھہِ ستۍ ستۍ پابند رٕنۍ ہنٛز خاص پہچان تہٕ پٲرۍ زان آسٕنۍ یِمِکہ مدتہٕ ستۍ چھُ سُہ لفظن ہُنٛد مطلب وَنٕنس تہٕ پیٚہنز درگہ باگنۍ کرنس منز کامیاب پٕدان۔ یہ چھُ صحیح زِ گریرسن ہند خاطرٕ آس کأشر زبان اکھ NON- NATIVE زبان تِمہِ کِنۍ آس نہ تِمن اَمہِ زبٲنۍ ہنٛز خاص تمدنی واقفیت۔ مگر یہ کمی کٔر تِمو پنڈت اِیشور کولنہٕ تہٕ مکند رام شاستری ہنٛدِ مدتہٕ

M

13, MORPH — لفظہٕ رٕپ

14, MORPHEME — مؤل رٕپ

15, MORPHOPHONEMIC — مارفو فونیمی

N

16, NASAL — انفی

17, NATURE OF THE WORD — لفظٕچ پرٕکرتھ

P

18, PHONEME — فونیم

19, PHONEMICS — فونیمیات

20, PHONETICS — صوتیات

S

21, SYNONYM. — بدل

## کتابٕ ہُند حوالہ

1, GRIERSON, G.A. (Dr.) : KASHMIRI – ENGLISH DICTIONARY (VOL. I. II, III AND IV)

2, KATRE, S.M (DR.) : LEXICOGRAPHY; ANNAMALAI UNIVERSITY, MADRAS (1965)

3, KAUL, S.N. (DR.) : KASHMIRI TATHA HINDI KE

| کاشُر بدل | انگریزی لفظ |
|---|---|
| | **A** |
| ذیلی فونیم | 1, ALLOPHONE |
| عملی لسانیات | 2, APPLIED LINGUISTICS |
| | **B** |
| پابند رپ | 3, BOUND MORPHEME |
| | **C** |
| تقابلی لسانیات | 4, COMPARATIVE LINGUISTICS |
| کانسونَنٹ | 5, CONSONANT |
| تخالفی لسانیات | 6, CONTRASTIVE LINGUISTICS |
| | **D** |
| توضیحی لسانیات | 7, DESCRIPTIVE LINGUISTICS |
| | **E** |
| اندراج | 8, ENTRY |
| | **H** |
| توأریخی لسانیات | 9, HISTORICAL LINGUISTICS |
| | **L** |
| زبانٕ ہُند دخل | 10, LANGUAGE INTERFERENCE |
| زبانٕ دانٕی | 11, LANGUAGE TEACHING |
| لُغت سازی | 12, LEXICOGRAPHY |

ڈاکٹر اومکار ناتھ کول

# کٲشر زبٲنی ہندِن بُنیادی مُصوتن ہنز نشاندہی

# تہٕ

# گریرسن

لسانیاتی اعتبارٕ چھُ کٲشر زبٲنی پیٹھ تحقیقی کامہٕ یوٗرپی سکالرو دس تُلمُت تہٕ گوڈٕ گوڈٕ پھانپھلوومُت۔ تمہٕ ٹکی عالمو منز چھیہٕ گریرسنن کٲشر زبٲنی پیٹھ واریاہ اہم کٲم کٔرمٕژ۔ یمو کوٚر ایشر کولہٕ سُند سنسکرت زبٲنی منز لیوٚکھمُت "کشمیر شبدامرت" (۱۸۸۹ء) ایڈِٹ تہٕ چھوپہِک ۱۸۹۸ء یس منز۔ یمو لیکھو کٲشر گرامرکین وارِہن پہلوٗون پیٹھ مضموٗن یِم زَن زیادٕ تر ایشر کولہٕ سنزِ کامہٕ پیٹھ مبنی آسی۔ یمو لیوٚکھ دوٚن جلدن منز "STANDARD MANUAL OF THE KASHMIRI LANGUAGE" ییمیُک گوڈنیُک حصہ ۱۹۱۱ء تہٕ دوٚیُم ۱۹۷۳ء منز چھاپ پیوٚد۔

SONIMOON KA VYATIREKI VISHLESHAIN

(SEE VITASTA HE VATAYAN

PAGES 68 TO 80

PREM PRINTING PRESS, AGRA (1981)

4, TIWARI, B.N. (DR.): SHABDOON KA ADYAYAN;

SHABDAKAR DELHI (1969)

5, ZGUSTA, LADISLAU. MANUAL OF

LEXICOGRAPHY. MOURTON

THE HAGUE: PARIS.

ڈاکٹر اومکار ناتھ کول

# کاشرِ زبانی ہندِ بُنیادی مُصوتن ہنز نشاندہی

# تہٕ

# گریرسن

لسانیاتی اعتبارٕ چھُ کاشرِ زبانی پیٹھ تحقیقی کامہٕ یوٗرپی سکالرو دس تُلمُت تہٕ گوڈٕ گوڈٕ پھانچلوومُت۔ غٲر مُلکی عالمو منز چھیہٕ گریرسنن کاشرِ زبانی پیٹھ واریاہ اہم کام کٔرمٕژ۔ یمو کوٚر ایشرکولہٕ سُند سنسکرت زبانی منز لیوٗکھمُت "کشمیر شبدامرت" (۱۸۸۹ء) ایڈِٹ تہٕ چھوپُک ۱۸۹۸ء ہس منز۔ یمو لیکھ کاشر گرامرٕکین وارِہن پہلوٗوَن پیٹھ مضموٗن یم زَن زیادٕ ترٕ ایشرکولہٕ سنزِ کامہٕ پیٹھ مبنی آسی۔ یمو لیوٗکھ دوٚن جلدن منز "STANDARD MANUAL OF THE KASHMIRI LANGUAGE" تمیُک گوڈنیُک حصہ ۱۹۱۱ء تہٕ دوٚیُم ۱۹۷۳ء منز چھاپ سپُد۔

SONIMOON KA VYATIREKI VISHLESHAIN

(SEE VITASTA HE VATAYAN

PAGES 68 TO 80

PREM PRINTING PRESS, AGRA (1981)

4, TIWARI, B.N. (DR.) : SHABDOON BA ADYAYAN;

SHABDAKAR DELHI (1969)

5, ZGUSTA, LADISLAU. MANUAL OF

LEXICOGRAPHY. MOURTON

THE HAGUE : PARIS.

چھُنہٕ کُنہِ تہٕ زبانٕ ہُند کانہہ تہٕ پہلوٗ یا نظام کھُرٕ دار یا مُشکل آسان ۔ یہ کتھ چھیہٕ ضروٗر زِ کاشُر زبانٕ ہُند صوتیاتی نظام یتھ منز مُصوتن تہٕ مُصمتن ہنز نشاندہی تہٕ شامِل چھیہٕ، چھُ باقے قریبی ہند آریائی زبانو نِشہ بیون ۔ امہِ موکھہ پیوٚو گریرسنن مُصوتن ہندِ نظامہ خاطرٕ 'COMPLICATED' لفظ ورتاوُن ۔

گریرسنن چھیہٕ دوٚیہ قسمکی مُصوتہٕ مانٕمتی ۔ "عام مُصوتہٕ" یم زَن باقے زبانن منز تہٕ چھہ آسان تہٕ "ماترا مُصوتہٕ" یم صرف تموٗ کاشُر زبانٕ ہنز خاصیت زانٕ ۔ اسی کرو یمن مُصوتن ہنز نشاندہی ہند ذِکر الگ الگ ۔

مُصوتہ :-

گریرسنن چھہِ کاشُر زبانٕ ہندی ۱۸ مُصوتہٕ مانٕمتی تہٕ یموٗ علاوہ زِ ڈھیھانگ تہٕ ۔ یم مُصوتہٕ کروکھ اسی اکس چاٹس منز پیش ۔ یہند خاطرٕ ین گریرسنن ہندِ ذریعہ استعمال کرٕمتی رومن اچھر ورتاونہٕ ۔ مثالن منز چھُ کاشُر رسم خطک استعمال کرُن ضروٗری ۔ کاشُر زبانٕ خاطرٕ از کل عام استعمال سپدن والی رومن اُچھر چھہِ برٚکٕنٹھ منز آہتی دِنہٕ ۔ گریرسنن چھہِ یمن مُصوتن ہنز نشاندہی کرٕمژٕ :

یمو چھُ لِنگوِسٹک سٔروے آف اِنڈیا (LINGUISTIC SURVEY OF INDIA) جِلد اَٹھِمِس دوٚیِمِس حصس منز کأشِر زبأنۍ مُتعلق تفصیل سان یوٚکھمُت۔ امہِ علاوٕ چھیٚیہ یمو کأشِر زبأنۍ ہنز ڈِکشنری "A DICTIONARY OF THE KASHMIRI LANGUAGE" (۱۹۱۶ - ۱۹۳۲) ژٔون جِلدن منز چھاپمٕژ (یہ ڈکشنری چھیٚیہ ۱۹۸۵ء منز دُبارٕ چھاپ سپٕزمٕژ)۔ یتھ کنۍ چھیٚیہ کأشِر زبأنۍ مُتعلق گریرسنٕنۍ کأم سیٹھاہ اہم یوسہٕ نہٕ زانہہ مٔشراونہٕ ییہ۔

گریرسنَن چھہٕ کأشِر زبأنۍ ہندۍ مختلف لِسانیأتی پہلوٗ وِرژھناوِمتۍ۔ یتھ منز زبأنۍ ہُند صوتیات، صرف، نحو، لفظیات تہٕ معنیات شأمِل چھہٕ۔

صوتیاتس منز چھہٕ مُصوتَن (VOWELS) تہٕ مُصمتَن (CONSONANTS) ہنز نشاندِہی تہٕ تِہنٛد وَرتاوُک گرٕ ت پوان وِرژھناونہٕ۔ یتھ مقالس منز کرٕو اَسی گریرسن سٕندِ ذٔریعہٕ کأشِر زبأنۍ ہندِن بُنیأدی مُصوتَن ہنز نشاندِہی ہُند مُطالعہٕ۔

مُصوتَن ہنز نشاندِہی کران چھیٚیہ گریرسَن یِمہٕ کتھِ ہنز ژینہٕ وُن دِژمٕژ زِ کأشِر زبأنۍ ہندِن مُصوتَن ہُند نظام چھُنہٕ سہل بلکہ چھُ کھٔرۍدار (COMPLICATED) یہٕ سمجھنہٕ خأطرٕ چھُ واریہَن رٔلِن ہُند زانُن لأزِم۔ لِسانیأتی اعتبارٕ

| | | | |
|---|---|---|---|
| (i in niši) | نِشہٕ | nišĕ | /i/ |
| (i: in ši:n) | شٖین | shīn | /ī/ |
| (e in beni) | بێنہٕ | bĕnĕ | (ĕ) |
| (e: in tse:r) | ژیر | tsēr | /ē/ |
| (ɨ in kɨr) | کٕر | kür | /ü/ |
| (ɨ: in sɨ:tin) | سٕتین | sütin | /ǖ/ |
| (ə in ədrun) | اَدرُن | ạdarun | /ạ/ |
| (ə: in mə:j) | ماج | möj | /ö/ |
| (a in gari) | گرٕ | gara | /a/ |
| (a: in ka:th) | کاٹھ | kāṭh | /ā/ |
| (u in kus) | کُس | kus | /u/ |
| (ū in tsūr) | ژوٗر | tsūr | (ū/ |
| (o in kor) | کوٚر | kor | /o/ |
| (o: in tso:r) | ژور | tsōr | /ō/ |
| (ɔ in dɔd) | دوٚد | dŏd | /ŏ/ |
| (o: in mo:l) | مول | môl | /ô/ |

گریرسن چھِ زِ مُصوتہٕ /ĕ/ تہٕ /ŏ/ دِتمتی تہٕ
وَنان چھِ زِ یم چھِ ماترا مُصوتہٕ کِس اَثرس تَل /ĕ/ تہٕ /ŏ/




تمو چھِ زٕ ڈِپھتانگ ماتٕ ہتی: ai تہٕ au ۔

عام طور چھِ کاشرِ زبانٕ ہندی مُصوتہٕ پیتھ کنٕ لیکھنہٕ یوان




ĕ، ô تہٕ ŏ خاطرٕ کرِو ہٕ اسی فی الحال الگ رومن

اچھرن ہند استعمال۔

گریرسن چھیہٕ یمن مُصوتن ہنز مثالہ پیتھ کنٕ دِتمژ:

اُ (ا : ا۵) اَچھ وستہِ ہاوُنی ضروٗری۔

دوٚیم زیٚوٗٹھ مُصوتہٕ چھُ /ا۵/۔ اَمہِ مُصوتُک چھُنہٕ کانہہ الگ ژھوٚٹ مُصوتہٕ دِنہٕ آمُت۔ یہٕ مُصوتہٕ چھُ او /ا۵/ مُصوتہٕ ہنٛش بیوٚن، یُس زِن صرف لفظن ہندِس شروٗعس یا لفظن منٛزس ورتاونہٕ چھُ یِوان۔ یِمہِ مُصوتُک نِشاندہی چھےٚ اہم کیٚنہہ سکالرچھِ اَتھ مُصوتس ڈیٚھتھانگ /ا : ۵/ مانان تہٕ کیٚنہہ پٔتِم اگولکار مُصوتہٕ (BACK UNROUNDED VOWEL) (کول تہٕ شمت ۱۹۸۴)۔ اَمہِ مُصوتُک ژھوٚٹ روٗپ تہٕ چھُ کینٛژن شانٛن منٛز وَنہِ کڈُن مُمکن۔ یِم لفظ جوڑ وُچھو:

boṭ گوٚٹ (مُذکر) bə:ṭ گوٚٹ (مونث)

mo:ṭ موٚٹ (مُذکر) mə:ṭ موٚٹ (مونث)

tsho:ṭ ژھوٚٹ (مُذکر) tshə:ṭ ژھوٚٹ (مونث)

پیٚتھےٚ کِنہِ چھِ کاشرِس منٛز پٔتِم تھٔدی اگولکار

/ɨ:/ تہٕ /ɨ/ ژٕ مُصوتہٕ (High back unrounded) ماننٕ تہٕ ضروٗری۔ یِہنٛز نِشاندہی چھےٚ گریرسن کرٕمژ۔ یِہنٛد وجوٗد ییٚہ یِمن لفظہ جوڑن منٛز وُچھتہٕ:

gɨr /ɨ/ گُرٕ (مُذکر) gɨ:r /ɨ:/ گرٕ (مونث)

sɨr شُرٕ (مُذکر) sɨ:r شرٕ (مونث)

مُصوتَن ہندی بدلوٗنؠ روٗپ۔ اَمہِ موکھہ ہیکہٕ ہٕن تِم یِمَن الوفون
مانِتھ۔ گرِیرسنَن چھِنہٕ یِہنٛز مِثالہٕ صاف پأٹھؠ دِژمٕژ۔

ڈِپھتھانگ چھِ زٕ مانِنہٕ آمتؠ : ui تہٕ ai - au
ڈِپھتھانگچ مِثال چھےٚ tsurau (ژور tsu:rav)
تہٕ gau (گَو gau) دِنہٕ آمٕژ۔ یِم زٕ ڈِپھتھانگ
مانٕنؠ چھِنہٕ ضروٗری، تِکیازِ ڈِپھتھانگَن ہِنٛز چھِنہٕ مِثالہٕ واتھ کھوٗوان
/ai/ چہِ جایہِ چھُ /ay/ تہٕ /au/ چہِ جایہِ /av/ یوان۔

گرِیرسنٕنہِ مُصوتَن ہنٛزِ نِشاندہی مُتعلق چھےٚ یِمہٕ موٗچہ
موٗچہ کتھہ نظرِ تھاوٕنہٕ ضروٗری :-

گرِیرسنَن چھےٚ نِشاندہی منٛز مُصوتَن ہُند ژھوچر،
زیٖچھر اکھ اہم بُنیاد قرار دِژمٕژ۔ تِمَو چھُ مُصوتَن ہند زیٖچھر
پانٛژن روٗمن اچھرن پیٹھ اکھ 'بار' یا رکھ دِتھ ہوومُت یعنی:
(ī، ē، ū، ā تہٕ ō) مگر دۄن زیٖٹھین مُصوتن (ŏ تہٕ ô)
ہندِ خاطرٕ چھکھ الگ نِشان تھأوی متؠ۔ آ (/ā/) مُصوتچ
ذِکرِ تہٕ چھُ سہٕ الگ کران تہٕ تِمو چھُنہٕ اُ (/ə/) تہٕ
أ (/ā/) مُصوتن ہُند پانہٕ وأنؠ رِشتہٕ بیان کوٗرمُت۔ اَمہِ
تَلہٕ چھُ نَنان زِ سہٕ چھُنہٕ یِمَن دۄن مُصوتَن منٛز صرف ژھوچرچ
زیٖچھرچ فرق مانان۔ مگر تِہنٛزَن مِثالَن منٛز چھےٚ صرف
یِہے فرق لبنہٕ یوان۔ یِتھ کِنؠ چھےٚ یہِ فرق اُ (/ə/) تہٕ

کرِتھ۔ یتھ کتھِ ستۍ اتفاق کرُن تہٕ چھُنہٕ ممکن۔ اگر لیکھنس منز غلطی ہیکہِ سپدِتھ مگر بولنس منز یمن دون مُصوتن گُنٕے زانُن چھُنہٕ یقینس لایق۔ یہ چھُ ممکن زِ کینژن لفظن منز آسہِ یہ فرق بولہِ پھرکہِ وجہ کِنہ۔ گریرسنن چھِنہٕ کانہہ تہٕ مثال صاف پاٹھۍ دِژمژ۔

گریرسنن چھُ مُصوتن ہنز نشاندہی کران لفظن منز مُختلف جایَن پیٹھ تہٕ یہندِس ورتاوس پیٹھ تہٕ لیوکھمُت۔ یمو چھُ صاف پاٹھۍ وۄنمُت زِ برۄنٹھِم مُصوتہٕ /ا/ /ا/ تہٕ /اےٚ/ /e/ ستۍ چھِنہٕ کانٛسہِ لفظ شروٗع سپدان۔ یتھین لفظن ہندِس شروٗعس منز چھِہ /ی/ یوان جوڑنہٕ۔ لفظکِس شروٗعس منز چھِہ /ا/ /ا/ تہٕ /اے/ /e/ بجاے /یا/ تہٕ /یe/ یوان۔

یتھےٚ کنۍ چھِنہٕ کانٛسہِ لفظ /اُ/ /u/ تہٕ /o/ /ۄ/ مُصوتو ستۍ شروٗع گژھان۔ لفظکِس شروٗعس منز چھُ یمن مُصوتن برۄنٹھ /و/ /w/ یوان جوڑنہٕ۔ یتھہٕ کنۍ چھِہ لفظکِس شروٗعس منز /u/ تہٕ /o/ بجاے /wu/ تہٕ /wo/ یوان۔

## ماترا مُصوتہٕ

گریرسن چھُ شیٚن ماترا مُصوتہٕ مانان۔ یِم ماترا مُصوتہٕ چھِہ: ٕ، ٔ، ٚ، ٗ، ۄ تہٕ ٛ. تٔہنٛدِ ونُنہٕ مطابق چھِہ یِم ماترا مُصوتہٕ سیٹھاہ ژھۄٹۍ تہٕ یِم چھِہ لفظکین خاص خاص گرٛتین منز مخصوص جایَن پیٹھ ورتاونہٕ یوان۔ ماترا مُصوتن ہنز نشاندہی

/u:/ /ɨ:/

گوٗر gu:r (مُذکر) گوٗر gɨ:r (مونث)

ژوٗر tsu:r (مُذکر) ژوٗر tsɨ:r (مونث)

/u:/ تہٕ /ɨ:/ مُصوتن ہندی /u/ تہٕ /ɨ/ مُصوتہٕ ہیکن /a:/ تہٕ /ə/

الوفون رٕتہٕ ماننہٕ یتھ، تکیازِ یمَن چھُ لفظکِس تانیثس (GENDER)

ستۍ واٹھ۔ پیٹھ کنہٕ چَن مثالَن منز چھِ مُذکر لفظن منز /u/ تہٕ

/u:/ یوان تہٕ مونث لفظن منز /ɨ/ تہٕ /ɨ:/۔ کینژٕ سکالرو

چھِ /ə/ تہٕ /ə:/ ڈھیتھانگ /u+/ تہٕ /u:+/ تہٕ

قرار دِتی متۍ۔ کاشرِس صوتیاتس منز چھیٚ یمن نشاندہی کرنٕی

تہٕ ضروٗری۔

گریرسن نہٕ مُصوتن ہنز نشاندہی منز چھِ اکھ بیاکھ

اہم کتھ زیرِبحث انٕنہٕ لایق۔ تہندِ وَنَنہٕ موٗجب چھِنہٕ واریاہ

کاشرۍ او /o/ تہٕ اوٗ /o:/ مُصوتن منز لیکھنس تہٕ بولنس

منز فرق کران۔ یوٗت تام لیکھنک تعلق چھُ کینہہ کاشری

ہیکن یہ غلطی از تہٕ کرِتھ یمَن رسم خطہٕ پیٹھ پوٗرٕ واقفیت آسہٕ۔

مگر بولنس منز چھِ ساری کاشری یمَن دوٚن مُصمتن الگ الگ

پاٹھۍ بولان۔ گریرسنن چھِنہٕ کانہہ مثال دِژمٕژ۔

پتھ کنہٕ چھُ گریرسن وَنان زِ واریاہ کاشرۍ چھِنہٕ ہیکان

اے /e/ تہٕ اِ /i/ مُصوتن منز لیکھنس تہٕ بولنس منز فرق

(۴) ماترا مُصوت ـُٔ ۔ گریرسن چھُ وَنان زِ یہ چھُ لفظکِس یا SYLLABLE کِس آخرس منز یِوان۔ مثال چھُ سُہ دِوان "KOR کور۔ SYLLABLE کِس آخرس منز چھُ سُہ اَمِچ مثال KOR"THAK (کورٹھک) دِوان۔ یِمَن مِثالَن منز چھُنہٕ اَمہِ ماترا مصوتکُ وجوٗد مانُن یقینس لایق۔

(۵) ماترا مُصوت ـُٔ ۔ گریرسن چھُ مانان زِ یہ ماترا مُصوت چھُ سیلبلَس منزس یا آخرس پیٹھ یِوان۔ مثالہ چھُ سُہ دِوان (کرٕتھکھ (KƏrthakh KŪrᵘThakh تہٕ (کرٕن KŪrᵘn (Karin)۔ گوڈنچِ مثالہ منز چھُنہٕ امیُک کانہہ وجوٗد تہٕ دوٚیمِہ مثالِہ منز چھُ یہ اصلی ؛ مُصوتہٕ۔

(۶) ماترا مُصوت ـِٕ :۔ گریرسن چھُ یِیمِہ ماترا مُصوتُک مثال دِوان (بنٛزراوُن bańᵉrawun ‑banra:vun۔ یِتھ مثالہ منز چھیٚہ /n/ مصمتُک PALATALIZATION موجوٗد، یتھ زن سُہ ماترا مُصوتہٕ چھُ مانان۔

ژھوٚنڈ پاٹھۍ ہیکو اَسی یِتھ نتیجس پیٹھ واتِتھ زِ کاشُر زبانۍ منز ماترا مُصوتَن ہُند وجوٗد مانُن چھُنہٕ ضروٗری۔ زبانۍ ہندی باقے صوتیاتی مسلہٕ تہٕ یِن یِمَن ماترا مُصوتَن ہُند وجوٗد نہٕ مانہٕ ورأے تہٕ اَنزراونہٕ۔ یِمَن ہُند ذِکر کران گریرسن ماترا مُصوتَن ہُند حوالہٕ تہٕ چھ دِوان۔ یِمن مسلَن منز چھُ الگ الگ

چھُ اکھ اہم مسلہٕ ۔ گریرسن ہنز کامہٕ پٮ۪ٹھ چھُ باسان یوٗرپی عالمو پتہٕ
یِمَن ماترا مُصوتن ہُند ذکر کورمُت ۔ یِمَن منز چھیٖ (GRAHM
"THE PRONUNCIATION OF THE KASHMIRI ہنز BAILEY)
LANGUAGE" کام اہم ۔ یمو تہِ چھُ ماترا مُصوتن ہُند وجوُد موٗنمُت ۔

اما پوز یێلہِ اَسی گریرسن سٕندِ ذریعہٕ دِژمژٕ مثالہٕ وُچھان چھِ
ماترا مُصوتن ہُند اکھ الگ وجوُد چھُ مشکوک باسان ۔ یێتہِ کرو
اَسی یِمن مثالن ہُند ذِکر ۔

(۱) ماترا مُصوت ـٰ ۔ یہ ماترا مُصوت چھُ سہٕ یِمن
مثالن منز ہاوان ؛ gara گرٕ تہٕ $Ts^{a}h$ ژٕ ۔
یِمَن مثالن منز چھُ گریرسن / ŭ / مُصوتہٕ خاطرٕ ماترا مُصوتہٕ ہاوان ۔
یِتھ کنہٕ چھُنہٕ ـٰ ماترا مُصوتک کانہہ الگ وجوُد ۔

(۲) ماترا مُصوت ـِ ۔ اَمِچہِ مثالہٕ چھُ گریرسن asi
(اَسی ǝsi ) guri گُری وغارٕ دِوان ۔ پرٕ یتھ کنہٕ مثالن منز
چھیٖ اصلی پٮ۪ مُصمتس PALATALIZATION یتھ زَن گریرسن
ـِ ماترا مُصوت چھُ مانان ۔

(۳) ماترا مُصوت ـ٥ ۔ گریرسن چھُ وَنان زِ یہ مُصوتہٕ
چھُ سیٹھاہ کم اِستعمال گژھان ۔ تہنز مثال $K^{o}h$ کوٚتہٕ
'HE WAS WET' چھیٖ مشکوک ۔ باقی مثالن منز ییہِ
تِمَن جایَن اوٚ / o / مُصوت ورتاونہٕ ۔

## REFERENCES

Grierson, G. A. 1911 standard manual of the Kashmiri Language. London. Reptd. Rohtak Light and life publishers, 1972.

-- 1919. Linguistic survey of India vol VIII, part 2. Reptd. Delhi Motiram Banarsidas 1969.

— 1916 - 1932. A dictionary of the Kashmiri language Reptd. Delhi : D. K. publishers, 1985.
Kachru, Braj B. 1969. A reference grammar of Kashmiri. University of Illionois, Urbona.

— 1973. An introduction to spoken Kashmiri. University of Illinois, Urbana.
Koul, Omkar N. 1977. Linguistic studies in Kashmiri. New Delhi : Babri Publications.

— 1985. An intensive course in Kashmiri. Mysore : CIIL.

— and Peter Hook (Eds:) 1984. Aspects of Kashmiri Linguistics. New Delhi · Babri Publications.

— and Ruth Laila Schmidt 1984. Dardistan Revisited : An examination of the relationship between Kashmiri and Shina' In Koul and Hook (Eds.) 1984.

لفظٕ گرٛتین منٛز مُصوتن ہُند بدلُن تہٕ شاٲمِل ۔ مثلن VOWEL HARMONY ہٕندی رۄل ۔ کأشرس صوتیاتی نظامس منٛز چھُ مُصوتن علاوٕ مُصمتن ہِند بدلنکی تہٕ رۄل شاٲمِل ۔

کینٛژو خامیو باوجوٗد تہٕ چھُ گرٛیرسن ہنٛز مُصوتن ہنٛز نشاندہی سیٹھاہ اہم ۔ یہٕ نشاندہی چھےٚ وارِیٛس کالس آمٕژ برٕ کھاونہٕ ۔ باقے یوٗرپی سکالرو تہٕ چھےٚ مُصوتن ہنٛز یہے نشاندہی ماننٕمژ ۔

ڈاکٹر نذیر احمد دار

(پی، ایچ، ڈی لسانیات)

# گریرسن تہٕ کاشُر بولہِ

سر جارج ابراہم گریرسنن چھےٚ کاشر زبان مختلف لسانیاتی خطوطن پیٹھ دٕبرٕ ژھنادمژ تہٕ اتھ منز چھےٚ کاشرِن بولین ہنز سام دُسی لایِق حیثیت تھوان۔ گریرسن (۱۹۱۹) چھُ دیٚتھو پاٹھو کاشرِن بولین دوٚن حصن منز باگراوان مثلن:۔

(۱) وادی منز کاشر زبانِ ہنز علاقٲیی بولہِ (REGIONAL DIALECTS) یِتھ منز کشتواڑی، پوگلی، رامبنی تہٕ سراجی شامِل چھ

(۲) وادی منز کاشر زبانِ ہنز معاشرتی بولہِ (SOCIAL DIALECTS) یِتھ منز مسلمان کاشُر تہٕ بٹہٕ کاشُر چھُ، معاشرتی سطحس پیٹھ چھُ گریرسن کاشر زبانِ شہری (URBAN) تہٕ دیہی (RURAL) بولین منز تہٕ باگراوان۔

OF LAHANDA" (GRIERSON 1919: 233)

یہِ حقیقت چھیٚہ پرکھاونہٕ آمٕژ زِ مذہب، ثقافت تہٕ
زبان چھےٚنہٕ پانہٕ واٗنۍ اکھ خاص وابستگی ہاوان۔ اَکِس معاشرس
منز چھِ مختلف اعتقادی فرقہٕ آسِتھ زبان آسِتھ تہٕ بول چالِ منز فرق
ہاوان۔ گریرسن تہٕ چھُ امہِ کتھِ ہُند قایل تہٕ اَتھ بُنیادس پیٹھ
چھُ سُہ وادی منز بولن وول کاشُر دوٚن مذہبی طبقن (مسلمان
کاشُر تہٕ بٹہٕ کاشُر) منز باگراوان۔ گریرسن چھُ اَمِچ وضاحت
یمن الفاظن منز کران:۔

" IN THE STANDARD KASHMIRI OF THE VALLEY, THERE ARE MINOR DIFFERENCES OF LANGUAGE, WHICH HOWEVER ARE NOT SUFFICIENT TO ENTITLE US TO DIVIDE IT INTO FURTHER SEPARATE DIALECTS. FOR INSTANCE KASHMIRI SPOKEN BY MUSLIMS DIFFER FROM THAT OF SPOKEN BY HINDUS ....... THE MUSLIM DIALECT BORROWS FREELY FROM THE PERSIAN VOCABULARY, ON THE OTHER HAND, THE HINDUS BORROW FROM SANSKRIT " (GRIERSON 1919: 234)

یہِ چھُ زبانۍ ہُند آفاقی تصوٗر زِ اکثر زبانہٕ چھیٚہ دیہی

وادی منز کاشرِ بولین ہنز شناخت کران چھ گریرسن

ہم الفاظ بیان کران ۔

"KASHMIRI HAS ONE TRUE DIALECT — KASHTIWARI, SPOKEN IN THE VALLEY OF KASHTIWAR (COMMONLY KNOWN AS KASHTIWAR) LYING TO THE SOUTH EAST OF THE VALLEY OF KASHMIR. KASHMIRI HAS ALSO OVERFLOWED THE PIR PANCHAL RANGE INTO THE JAMMU PROVINCE OF THE STATE, AND IN THE VALLEY BETWEEN THE SOUTHERN HILLS OF THE RANGE, BETWEEN THE WATER SHED AND THE VALLEY OF CHINAB, THERE ARE A NUMBER OF MIXED DIALECTS, SUCH AS POGULI, SIRAJI OF DODA AND RAMBANI. THE FIRST TWO OF THESE REPRESENTS KASHMIRI MERGING INTO DOGRI. FARTHER EAST, OVER THE GREATEST PART OF RAISI DISTRICT OF THE STATE, THERE ARE MORE OF THESE MIXED DIALECTS ABOUT WHICH NOTHING CERTAIN IS KNOWN, EXCEPT THAT THE MIXTURE IS BETWEEN KASHMIRI AND THE CHIBHALI FORM

ہُند تعاوُن خاطرٕ چھِ سائنسی خطوٗطن پیٹھ وسیع پیمانس پیٹھ فیلڈ وٗرک کرُن ضروٗری۔ سٔمیرن چھُ فیلڈ وٗرک ہنٛز اہمیت یِمو الفاظو سٟتۍ کران:۔

"THERE IS DIRECT RELATION BETWEEN FIELD WORK AND LANGUAGE DESCRIPTION. THE MORE FIELD WORK, THE MORE INFORMATION WE WILL HAVE ABOUT THE VARIABILITY OF LANGUAGE"

(SAMARIN 1967:4)

فیلڈ وٗرک ماہرو (مثلن سٔمیرن (1967)، ہینس کرٕتھ، (1939) چارلس ایف ہاکیٹ (1958) بیترِ چھِنہٕ مُخبرن (INFORMANTS) نِش معلوٗمات (DATA) استنباط (ELICIT) کرنہٕ خاطرٕ مختلف طریقہٕ تجویز کرِمٕتۍ مگر یِمن ہُند بُنیٲدی طریقہٕ چھُ INPUT ⟶ OUT PUT اصوٗلس پیٹھ مُشتمِل۔ یعنی محقق چھُ مُخبرس کُنہِ طریقہٕ (سوالنامکِ ذریعہ، تصویرو ذریعہ بیترِ) ذہنس منٛز کینٛہہ تصوٗر تراوان یہِ تصوٗر چھُ مُخبر سنٛدِ خاطرٕ INPUT بنان۔ مُخبر چھُ اَمہِ تصورُک متن الفاظو ذریعہ اظہار کران تہٕ اَمہِ تصوٗرُک متٕن الفاظن منٛز اظہار کرُن چھُ مُخبر سنٛدِ خاطرٕ OUT - PUT۔ فیلڈ وٗرک دوران لگہار معلوٗمات حٲصل کرنُک دارٕمدار چھُ مُخبرن تہٕ سوالنامس پیٹھ۔ مُخبر تہٕ سوالنامہٕ چھُ تحقیقہٕ

(RURAL) تہٕ شہری (URBAN) بول چالہِ منز فرق
ہاوان ۔ اتھ سطحس پیٹھ چھ گریرسنَن کاشُر زبانی منز تہٕ فرق
لبُہمُت تہٕ پننِس مقالس منز چھُ سُہ اتھ کتھِ کُن یتھہٕ پاٹھۍ اشارہ
کران ۔

"AGAIN THERE IS (IN KASHMIRI), AS IN ALL COUNTRIES, THE DISTINCTION BETWEEN TOWN AND VILLAGE TALK. IN VILLAGE A FEW OLD FORMS HAVE BEEN PRESERVED THAT HAVE DISAPPEARED IN TOWNS AND THERE ARE ALSO VARIATIONS OF PRONUNCIATIONS"

(GRIERSON 1919 : 234)

یوٚدوے گریرسنٕنہِ کامَس یمَن سطحَن پیٹھ بُنیادی حیثیت
چھیٚنہٕ تھوان ۔ مگر جدید "بولیاتی" (DIALECTOLOGY) طریقہٕ کار
نظرِ تَل تھوٚوِتھ چھُ گریرسنَن اتھ کامہِ منز واریاہ کمی محسوٗس
سپدان ۔ ماہرِ بولیاتو (DIALECTOLOGISTS) بولین ہنز سام
ہینہٕ خاطرٕ ہم زاویہ وۄپداوی متہٕ چھہِ اتھ منز چھہِ فیلڈ وٚرک
(FIELD WORK) بولین ہندِ نعاینہٕ خاطرٕ طریقہٕ کار
(METHODOLOGY) بولہِ ہنز تشریح کرنہٕ خاطرٕ معیار بیتر
اہم حیثیت تھوان ۔ زبانی منز فرق ژھارنہٕ خاطرٕ تہٕ بولین

گرٲن :-

" THERE ARE GOOD INFORMANTS AND THE BAD INFORMANTS, BUT CRITARIA FOR CONSIDERING ONE GOOD AND ANOTHER BAD ARE DIFFICULT TO ENUMERATE" ( SAMARIN 1967: 23)

مُخبرس نِش اہم پٕتہ فایدٕ مند معلومات حاصل کرنس منز چھُ سوالنامہٕ خاص درجہ تھوان ۔ ماہر بولیاتو چھُ پرٛکھوو مُت زِ تفصیلی فیلڈ وٕرک ( INTENSIVE FIELD WORK ) کرنہٕ بروٛنہہ پتہ سوالنامس حتمی شکل دِنہٕ بروٛنہہ چھیہ اُتھ علاقس منز سرسری فیلڈ وٕرک (PILOT SURVEY) کرُن لازمی تاکہ مُحقق ہیکہِ ضروٗری تہٕ غار ضروٗری سوالن منز فرق زانتھ تہٕ ہیٚکہ سوالنامس منز فقط تِھی سوال شامل کرِتھ یِموٚ سِتی مُخبرس نِش کم کھوتہٕ کم سوالو سِتی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ معلومات حاصل سپدن ۔ امہِ مزید سائنسی خطوطن پیٹھ فیلڈ وٕرک کرنہٕ خاطرٕ چھُ ٹیپ ریکارڈرُک استعمال کرُن اہم ۔ زبانن منز پھیر تارنہٕ خاطرٕ تہٕ بولین ہنز سام ہینہٕ خاطرٕ چھُ طریقہٕ کار فیلڈ وٕرک لرِ لوٗر ۔ زبانن منز لسانیاتی سطحن (مثلن فونیمیات صرف و نحو بیترِ) پیٹھ پھیر طریقہٕ کارکس سانچس منز تراونُک ارتقا سپدیو اوُداہمہٕ صدی منز ییلہٕ یوٗرپُک ماہرِ لسانیات لگ لفظن ہندِس بُنیادس پیٹھ زبانن منز علاقٲیی پھیر ہاونہٕ ۔ کُنوہمہٕ صدی منز سپدیو

نوٕ یٚر سیتۍ مفاہمت ہاوان ۔ ہرگاہ تحقیق نوٕ یٚر فقط زبانۍ ہندی
بناوٹ اصول ژھانڈنۍ آسہٕ، تیلہِ چھُ سوالنامہٕ کہِ ذریعہ اکس یا دون
مُخبرن نِش تفصیلی معلومات حاصل کرُن کافی ۔ اتھ برعکس ہرگاہ مُحقق
سُند مقصد آسہٕ زبانۍ منز علاقأیی معاشرتی سطحس پیٹھ فرق ژھانڈنۍ
تہٕ تتھ صورتس منز چھُ وارِہن مُخبرن نِش اکہِ مخصوص سوالنامہٕ کہِ ذریعہ
معلومات حاصل کرنۍ لازمی ۔ یِم مُخبر گژھن پننین علاقأیی بولین ہنز
یا پننین معاشرتی بولین ہنز نمأیندگی کرنۍ تہٕ مُحققس پننہٕ بولہِ ہنز پوٚر
زان کأری دِنۍ ۔ ماہرِ چھُ یہِ پرکھوومُت زِ کینہہ مُخبر چھِ پننہٕ بولہِ غأر معیأری
درجہ دِوان تہٕ امہِ طبقکۍ مُخبر چھِ مُحققس معلومات دِنہٕ وِزِ پننہٕ بولہِ
منز امہِ زبانۍ ہنز معیأری بولہِ ہندی عناصر استعمال کران یتھی
معلومات چھِ تحقیقس پیٹھ وارِیاہ غلط اثر تراوان ۔ مُحقق ہنز
ذمہٕ وأری چھیہ زِ فیلڈ ورک دوران تیتھ ماحول بناوُن، یمہِ ستۍ
مُحقق مُخبرس نِش غأر مصنوعی معلومات استنباط کرنس منز کامیاب سپدِ
ماہرِ چھُ بودمُت زِ "ANY SCIENTIFIC INVESTIGATION ON LANGUAGE WILL HAVE TO APPRECIATE THE NATURAL SPEECH."

فایدہ مند تہٕ غأر مصنوعی معلومات حاصل کرنہٕ خأطرٕ
مأرِ منِدی مُخبرن ہُند انتخاب گژھن چھُ وارِہس حدس تام اتفاق ۔
سٔنسمبرن چھُ پننس ذاتی تجربس پیٹھ اتھ کتھ کُن ہِنہہ پاٹھی اشارٕ

وُہمہ صدی ہندِس ابتداہس منز زبانن ہنز سام ہینہٕ خاطرٕ STRUCTURAL
APPROACH رائج ۔ یہ نموٗنہٕ چھُ لِسانیاتی نظامس معاشرتی نظامس
ستۍ مُشابہہ کران ۔ امیک تصوٗر چھُ یہ زِ لِسانیاتی نظامس منز چھِ
لِسانیاتی عناصر (مثلن فونیم ، مارفیم بیترِ) پانہٕ وٕنۍ اکھ اَکس ستۍ
زٕلرِ نلاج ہندی پاٹھۍ واٹھِتھ تہٕ زبٲنۍ ہنز تشکیل SYSTEM OF
RELATION کِس بُنیادس پیٹھ دِوان ۔ امہِ مزید چھیہٕ اکھ نموٗنس
تحت زبان دوٚن سطحن منز باگراونہٕ آمژ مثلن اوٚندرٕ وٕنی سطح
(FORM) تہٕ بیرٕوٕنی سطح (SUBSTANCE) ۔ اوٚندرٕوٕنی
سطح چھِ زبٲنۍ ہندس پہلوٗیس زبٲنۍ ہند بُنیادی بناوٹھ اصوٗل
بیان کرِ تہٕ بیرٕوٕنی سطح چھیہٕ زبٲنۍ ہنز بول چال ظاہر کران ۔ یہ
خاکہٕ نظرِ تَل تھوٚوِتھ لگی ماہر بولیات زبٲنۍ منز فرق ژارنہٕ خاطرٕ
تہٕ زبٲنۍ منز بوٗلن ہندس تعاین خاطرٕ زبٲنۍ ہنز بیرٕوٕنی سطح پرکھاونہٕ ۔
ڈیٖٹھی پاٹھۍ چھُ امہِ نموٗنک تصوٗر یہ زِ بولن درمیان لسانیاتی سطحس
پیٹھ تقابُل کران یم فرقہٕ لبنہٕ ین تہٕ یمن فرقن ہنز نشاندہی ہم معنی
لفظو ستۍ کرنہٕ برونہٕ چھُ اہم زِ یم فرقہٕ بولن ہندس پننِس لسانیاتی
نظامس منز تعلیل کرنہٕ ۔ پیٹھٹ چھُ موختصر پاٹھۍ امہِ نموٗنِچ وضاحت
یمن الفاظن منز کران:-

THE MAIN TENENT OF STRUCTURE LINGUISTICS IS
THAT ANY VARIETY OF LANGUAGE IS A SYSTEM;

زبانن تہٕ بولین لسانیاتی خطوطن پیٹھ فرق ژارنک نوو دود شروع ییلہٕ
آگست سچلچرن (AUGUST SCHLIECHAR) کوٚر FAIMLY TREE
MODEL یا STAMMBAUM MODEL یا COMPARATIVE
MODEL رائج ۔ ویٹھو پاٹھو چھُ امہٕ نموٗنک بُنیادی قاعدہ یہٕ زِ زبان
یا بولہِ گژھن ییک زمانی (SYNCHRONIC) تہٕ تواریخی (DICHRONIC)
زاویِن پیٹھ پرکھاونہٕ تہٕ امہٕ ستی ہیکہِ زبانن یا بولین لسانیاتی سطحس
پیٹھ ہشر تہٕ فرق ژٔنی کرنکس بُنیادس پیٹھ یہنز طبقہٕ بندی سپدتھ۔
اتھ نموٗنس تحت آیہٕ زبانن یا بولین درمیان لسانیاتی سطحس پیٹھ
ہشر یا فرق ہم معنی لکیرو (ISOGLOSSES) ستی اظہار کرنہٕ تہٕ
زبانن یا بولین درمیان نزدیکی یا دوٗر پرٕ سپدلو ہم معنی لکیرٕ کیو تعدادو
ستی مشخص ۔ یہٕ طبقہٕ بندی ہند سلسلہٕ ہیکہِ زبانن تہٕ بولین ہنز
نسبی رشتہٕ برونٹھ کنہِ انتھ ۔ ہرگاہ زبانن یا بولین آسہٕ فرق
آسنس باوجود بُنیادی ساختن منز ہشر تہٕ اتھ بُنیادس پیٹھ
ہین ییم اکھے طبقس منز گنڈنہٕ ۔ ییم طبقہٕ ہرگاہ مزید پرکھاوتھ
فرق آسنس باوجود کنہٕ حدس تام پانہٕ وٕنی بناوٹی ساختس
منز ہشر ہاون تیلہٕ پیہِ ییمن اکھے ماخذی زبانی ستی نسبی
رشتہٕ واپرنہٕ ۔ اتھ نموٗنس پیٹھ آو ہند یوٗرپی، ہند ایرانی،
منڈا بیتر زبانن نسبی رشتہٕ پرکھاونہٕ ۔
ڈی ساسرن (FERDINADND DE SAUSSURE) کوٚر

معاشرتی اصوٗلن ہِتی مفاہمت ہاوان تہٕ یِمہٕ فرقہٕ چھِیہٕ بولن وٲلۍ
ہنز معاشرتی حیثیت ، نفسیاتی ساخت ، ثقافتی پوٚت منظر بیتر
اظہار کران ۔ اَتھی نموٗنس تحت کٔر ڈیل ہائمزن ( DELL HYMES )
یہ راے قایِم زِ ثقافتی پھیر تہٕ لسانیاتی پھیر چھہِ پانہٕ وٕنۍ مفاہمت
ہاوان تہٕ زبان چھِیہٕ ثقافتچ نشاندہی کرنس منز اہم ڈکھ کران ۔
ڈیل ہائمزن چھُ اَمِچ وضاحت یِمو الفاظو ستۍ کران :

" WORDS ARE FUNDAMENTLY THE SYMBOLS FOR THE FEATURES OF THE CULTURE. "

ولیم لیبون ( WILLIAM LABOV ) کٔر یہ دلیل پیش
زِ معاشرس منز چھہِ مختلف معاشرتی طبقہٕ پننہٕ بول چالہِ منز لسانیاتی
عناصرن ہنز فرق اظہار کران تہٕ یہ فرق چھِیہٕ معاشرچ طبقہ بندی
( SOCIAL STRATIFICATION ) کرنہٕ خاطرٕ اہم سبب بنان ۔
اَتھی ستی کوٚر لیبون زبانۍ ہُند رِوایتی FREE VARIATION تصور تہٕ
معاشرتی سطحس پیٹھ واضح تہٕ بوٚوُن زِ زبانۍ منز پرتھ کُنہِ سطحچ لسانیاتی
فرق چھِیہٕ معاشرتی اصولن تحت پیدان ، یِمہٕ فرقہٕ چھِیہٕ معاشرس
ساخت دِنس منز اہم حصہٕ نِوان ۔ بولہٕ پرکھاونہٕ خاطرٕ یِم طریقہٕ کار
پیش چھہِ کرنہٕ آمتۍ یِمو منز سیدلو ییٚتتھ فقط مخصوص طریقہٕ کارن
کُن سرسری اشارہٕ ۔ فیلڈ ورک تہٕ طریقہٕ کارکس سطحس پیٹھ چھِیہٕ
بولہٕ ہنز تشریح کرٕنۍ تہٕ اہم ہہ ییٚتتھ یِیہٕ مو مختصر پاٹھۍ بولہٕ ہنز

THE ITEMS WITHIN THIS SYSTEM ARE DEFINED NOT IN TERMS OF ANYTHING OUTSIDE THE SYSTEM, BUT BY THEIR MUTUAL OPPOSITIONS AND FUNCTIONS IN RELATION TO ONE ANOTHER."

(PETYT 1980 :120)

دورِ جدیدس منز ووپدیو زبانٕی منز فرق ژارنک معاشرتی، لسانی (SOCIOLINGUISTIC) نموٗنہٕ۔ یہ نموٗنہٕ چھُ زبانٕی ہنز تشریح زبانٕی ہنز معاشرتی ہستی (SOCIAL ENTITY) کِس بُنیادس پیٹھ کران تہٕ اَمہِ معیارہٕ مُطابق چھُ اکھ فرد معاشرس ستۍ زبانٕی ہندِس بُنیادس پیٹھ مُنسلک سپدان۔ چونکہ معاشرس منز چھُ اکھ فرد متحرک کِردار ادا کران تہٕ اَمی سُند پریتھ کُنہٕ کِردارٕچ عکاسی چھِنہٕ زبانٕی ہنز ترکیب وار استعمال کرنہٕ ستۍ واضح سپدان۔ بقولِ فشمین۔

"LANGUAGE BEHAVIOUR AND SOCIAL BEHAVIOUR WILL BE APPRECIABLY RELATED IN MANY LAWFUL WAYS" (FISHMAN 1968: 6)

زبان بحیثیت معاشرتی عنٲصر وبڑھناونہٕ خاطر کرٕ محققو مختلف رایہٕ قایم تہٕ پریتھ کانٛہہ رایے روٗز اَمہِ کتھہِ ہنز قٲیل زِ بول چالہٕ منزٕ لسانیٲتی عناصرن ہنز فرق چھِنہٕ غار لسانیٲتی اصوٗلن (یعنی

(علاقائی یا معاشرتی) ہنکہ بولہِ ہنز تشکیل دِتھ۔ پس بولہِ ہنز
تشریح چھیٚ پھیرٕ (اَمہِ زبانٕ ہندین طبقن درمیان) تہٕ مفاہمت
(اکہِ طبقکین بولن والین درمیان) اظہار کران۔ اَتھ دوران
آد یہ تصور تہٕ دِنہٕ زِ طبقن درمیان یہ پھیرٕ پیٚہ ہم معنی لفظو
ستیٚ اظہار کرنہٕ تہٕ اکھ بوٗلی لسانیاتی لحاظہٕ کوٗتاہ نزدیک یا دوٗر
چھیٚ بٔیس بولہِ نِش ہنکہِ ہم معنی لفظن ہُند تعداد واضح کرٕتھ۔
یہ وضاحت سپدِتھ وۄتھ محققن بیاکھ سوال زِ یِلہِ زٕ یا اَمہِ
کھوتہٕ زیاد طبقہٕ ہاوَن پانہٕ وٕنی فرق تیلہِ کونہٕ دِمو یمن بولہِ
بدلہِ زبانٕ ہنز اصطلاح۔ اَمہِ سوالک حل آو یِتھہٕ پاٹھۍ دِنہٕ
زِ اکہِ طبقچ سہ بول چال چھیٚ بوٗلی یِلہِ یم لسانیاتی سطحس
پیٚٹھ کُنہِ حدس تان پانہٕ وٕنی پھیرٕ تہٕ کُنہِ حدس تان مفاہمت
ہاوَن مگر ستیٚ آسن یم بوٗلی پانہٕ وٕنی MUTUAL
INTELLIGIBILITY خاصیت تھاوان۔ یعنی ہرگاہ
اَکِس لسانیاتی خطس منز چھ مسلسل بولہِ (DIALECT
CONTINUUM) ا، ب، پ، ت، ٹ .... بولنہٕ یوان
تہٕ 'ب' بوٗلی چھیٚ 'ا' تہٕ 'پ' بوٗلی آسانی سان سمجھتھ ہیکان
مگر 'پ' بوٗلی بولن والِس چھیٚ 'ا' بوٗلی بولن والِس سمجھنس
منز مشکل پیش یوان تہٕ MUTUAL INTELLIGIBILITY
خیالات پوٚت منظر تھوٚوِتھ چھیٚ یمہِ الگ زبانہٕ مگر اَتھ

تشریح ورتھناوِنہٕ ۔ ابتداہ اَس منز آیہٕ ۔ بولہٕ ہنز اصطلاح زبانٕی ہنز تِتھ بول چالہٕ دِنہٕ یوس یہ دیہی لوکن ہنز ، انپڑھ لوکن ہنز تہٕ معاشرس پس ماند طبقن ہنز بول چال آس یُتھ آو یہ باونہٕ زِ معاشرُک تعلیم یافتہٕ طبقہ ، معاشرتی ٹھز رٔٹھوَن وٲلی طبقہٕ تہٕ شہری لوکن ہنز بول چالہٕ چھ زبانٕی ہُند رُتبہ حاصل ۔ اَمہٕ پتہٕ آیہٕ بولہٕ ہنز یہ تشریح غار لسانٕی قرار دِنہٕ تہٕ یہ تشریح رَد کران آیہٕ ۔ نۆو تشریح پیش کرنہٕ تہٕ اَتھ مطابق چھِیہٕ بولہٕ اکہٕ مخصوص زبانٕی ہنز مختلف قسم یِم پانہٕ وٕنی میلتھ چھ اَمہٕ زبانٕی ہنز تشکیل دِوان ۔ چونکہٕ اَتھ تشریح آو نہٕ کینہہ تہٕ معیاری حد مقرر کرنہٕ تہٕ امیک مطلب آو یِتھ پاٹھی ژارنہٕ زِ فرد سنز انفرادی بولی ( IDIOLECT ) تہٕ ہیکہٕ زبانٕی منز بولہٕ ہُند درجہ حاصل کرِتھ یہ مطلب آو یِتھ بُنیادس پیٹھ کڈنہٕ زِ پرتھ کانہہ فرد چھ پَننہٕ بولہٕ منز کینہہ مخصوص لسانیاتی عناصر استعمال کران یِمو اَمس فردس معاشرس منز باقی فردن نِش چھُ الگ کران ۔ یہ مسلہٕ نظرِ تل تھوٚوتھ بوو ماہرو زِ زبانٕی منز بولہٕ تشکیل دِنہٕ خاطرٕ پیزِ اَکھ ضبط قایم کرُن ، یِتھ تحت کینہہ اہم لسانیاتی فرقہٕ ین ژارنہٕ تہٕ یِم لسانیاتی فرقہٕ آسن اَتھ زبانٕی منز طبقہ بندی کران سِتی آسن اکہٕ طبقُک بولن وٲلی پانہٕ وٕنی لسانیاتی مفاہمت ہاوان ۔ زبانٕی منز یہ فرق تہٕ مفاہمت بنیہٕ اَمہٕ سِتی طبقن ہُند تقسیم

کامہٕ پھیُر دِنہٕ ییہِ اَتہٕ ییدہٕ۔ حقیقت ٹاکارٕ پاٹھۍ چھےٚ زِ گریرسنن چھُنہٕ بولیاتی قاعدن تحت پننُ تحقیق ورتھنووُمُت تہٕ اَتھ صوٗرتَس منز چھِ اُمی پنٕدی نتیجہٕ قابلِ تنقید۔ ییمہٕ ذِکرٕ آیہٕ ابتداہَس منز کَرنہٕ زِ مُخبرن نِش معلوٗمات استنباط کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ براہِ راست فیلڈ وَرک کَرُن لازمی۔ اَتھ برعکس چھِ گریرسنن کاشُر زبان بولن منز باگراونہٕ خاطرٕ معلوٗمات حاصِل کرنچ ناراست طریقہٕ استعمال کٔرمُت تہٕ یِم معلوٗمات چھِ وارِیہَس حدس تام اَڈیچ ثابت سپدیمتۍ۔ معلوٗماتَن ہنز خامی چھےٚ گریرسنن کامہِ منز وسیع پیمانس پیٹھ لبنہٕ یِوان تہٕ ییٚتیتھ ییہِ موٗختصر پاٹھۍ یمو مثالو سٟتۍ اَمہِ خامی ہنز نشاندہی کَرنہٕ۔ گریرسنن چھُ کشتواڑی بولہِ ہندِس فونیماتی نظامس منز فونیم '٥'، 'ہٕ'

[GLOTTAL VOCOID [h:]

شامِل کوٗرمُت مگر اَمہِ فونیم چِھ غار موجوٗدگی چھےٚ اَتھ بولہِ منز مخصوٗص لسانیاتی خاصیت تہٕ یہ فرق چھےٚ کشتواڑی بولہِ باقے کاشرِس نِش الگ کران۔ یِم مثال کرن کشتواڑی بولہِ ہنز یہ خاصیت ثابتھ۔

(۱) الفاظن منز گوڈنِکِس مقامس پیٹھ فونیم "ہٕ" "٥" موجوٗدگی تہٕ غار موجوٗدگی۔

برعکس چھیہٕ یِمہٕ اَکی سے زَبانی ہنز مختلف بوٗلہٕ۔ یہٕ سوال حل کرنہٕ
خاطرٕ آو بیاکھ اصوٗل بادنہٕ تہٕ اَمہٕ اصوٗلہٕ مطابق آیہٕ زبانی منز
اکھ معیارٕی بوٗلی ( STANDARD DIALECT ) قایم کرنہٕ۔ معیارٕی
بوٗلہٕ چھیہٕ یہٕ خاصیت زِ سو گژھہِ ادبی لحاظہٕ مقبوٗل تہٕ پرٛزٕ ذخیر
آسن ریڈیو، ٹیلی وِژن بیترٕ گژھہِ یہے بوٗلی استعمال کرٕنۍ۔
زبانی منز معیارٕی بوٗلی قایم سپدِتھ گژھن اَمچہٕ باقے بوٗلہٕ ساخت کہ لحاظہٕ
اَتھ معیارٕی بوٗلہٕ سیتۍ رشتہٕ ہاوٕنۍ۔ اَمہٕ مزید گژھہِ یمن سارنے بوٗلین
ماخذی زبان کُنی آسنۍ۔ یِم ساری خیالات نظرِ تل تھوٗتھ چھیہٕ بوٗلہٕ
ہنز تشریح یتھٕ پاٹھۍ سپدیمژ۔

زبان چھیہٕ بوٗلین ہُند ڈھانچہٕ تہٕ بوٗلہٕ چھیہٕ اَکس خاص
ضبطس تحت پانہٕ وٕنۍ اہم لسانیاتی پھیر ہاوُن مگر اَمہٕ پھیر
باوجود چھُ یمن بوٗلین اکۍ لسانیانی ساخت یُس ساخت زَبانی
ہنز معیاری بوٗلہٕ سیتۍ رلان چھُ۔ یمن بوٗلین چھُ کُنے نسبی رشتہٕ
آسُن ضروٗری۔ بوٗلہٕ چھیہٕ پھیرٕ (باقے طبقکین بوٗلن والین سیتۍ)،
تہٕ مفاہمت (پننین طبقکین بوٗلن والین سیتۍ) کِس بُنیادس
پیٹھ تشکیل سپدان۔ بوٗلین ہنز نزدیکی یا دوٗری چھیہٕ ہم معنی
لکیہٕ اظہار کران۔ MUTUAL INTELLIGIBILITY چھیہٕ
بوٗلہٕ تشکیل دِنس منز کم درجہ تھوان۔ زبانی منز بوٗلہٕ پرکھاونک
تہٕ بوٗلین ہنز تشکیل دِنک خاکہٕ نظرِ تل تھوٗتھ ہرگاہ گریرسن نہ

(۳) الفاظن منز آخری مقامس پیٹھ فونیم "ہ" "ہ" پیٹھ موجوٗدگی پتہٕ غار موجوٗدگی

| کشتواڑی بوٗلی | وادی منز بولن وول کاشُر |
| --- | --- |
| رُو | رُوہ |
| تبا | تباہ |
| کا | کیاہ |
| واراہ | واریاہ |

پیٹھمٕن معلوٗماتن پیٹھ چھِ گریرسنٕ کشتواڑی بولہِ مطابق یِم تاثرات پیش کرٕ ٚ مٕتی۔

" DARDIC LANGUAGE AS A RULE DO NOT POSSESS THE SONANT ASPIRATES GH, JH, ḌH, DH, BH,. THEY ARE COMMON IN KASHTIWARI AND ARE EVIDENTLY BORROWED FROM PAHARI. THUS WE HAVE GH IN GHAR, A HOUSE AND GHUR; ḌH IN KRŪDHI ANGRY DHĀM IN FEAST, BH IN BHAY, A BROTHER, BHIAN, A SISTER, BHOCCHI OF HUNGRY. WE EVEN HAVE INITIAL OR MEDIAL M

| کشتوآڑی بۄلی | وادی منز بولن ودل کاشُر |
|---|---|
| اوا | ہوا |
| اَفتہ | ہفتہٕ |
| اۄشیار | ہوشیار |
| آپت | ہاپت |
| آکھ | ہاکھ |
| اِمت | ہمت |
| یچھُن | ہیٚچھُن |
| اُن | ہوٗن |
| اُنۍ | ہوٗنۍ |

(۲) الفاظن منز وسطی مقامس پیٹھ "فونیم" "ہ" "ہ" موجودگی تہٕ غآر موجودگی

| کشتوآڑی بۄلی | وادی منز بولن ودل کاشُر |
|---|---|
| زار | زہر |
| گانہٕ | گھہنہٕ |
| اِمتان | اِمتحان |
| کآنۍ | کہانۍ |
| دوم | ڈُہیم |

نزدیک ِنوان ۔

"ONE OF THE TYPICAL CHARACTER OF MODERN DARDIC LANGUAGE IS THE FREQUENT HARDENING OF ORIGINAL SONNET LETTERS, SO THAT G BECOMES K, J BECOMES CH, D BECOMEMS T AND D OR V BECOMES D. THIS WAS A UNIVERSAL RULE IN THE REIGN WHEN PISACHA PRAKRIT WAS SPOKEN."

(GRIERSON 1919: 242)

کشتواری بولِ مطابق یہِ راے قایم کرِنہٕ نِہ اتھ منز چھِ فونیماتی سطحس پیٹھ دردِک زبانَن ہنز خاصیت لبنہٕ یوان، کرَن حسب ذیل مثالہٕ ڈکھ ۔

| کشتواری بولی | وادی منز کاشُر |
|---|---|
| پُنیلُ | بُنیلُ |
| کنٹھہٕ | گنٹھہٕ |
| کابہٕ | گابہٕ |
| تاٗر | داٗر |
| تَکہٕ | ڈَکہٕ |

BECOMING MH IN MHĀL, FATHE"

(GRIERSON 1919:348)

گریرسنس چھ یم معلومات غلط فراہم سپدیمژ زِ مسموع بندشی کنسوننٹ ( VOICED STOP CONSONANTS ) چھیہ کشتواڑی بولہِ منز ہکارِیت ( ASPIRATION ) اختیار کران پتہ اتھ علاقس منز براہِ راست فیلڈ ورک کرنہ پتہ چھ یم نتیجہ ژُدسپدان پتہ یہ حقیقت۔ برونہہ کُن یوان زِ مسموع بندشی کنسوننٹن چھِنہ فقط ہکاری ہنز غار موجودگی، بلکہ چھ اکثر الفاظن منز مسموع بندشی کنسوننٹ غار مسموع بندشی کنسوننٹ ( VOICELESS STOP CONSONANT ) بنان۔ مثلن۔

| کشتواڑی بولی | گریرسنز معلومات | وادی منز کاشُر |
| --- | --- | --- |
| کرہ | گھر | گرہ |
| کُرُ | گھُڑ | گرُ |
| پوے | بھاے | بوے |
| پینہ | بہن | بینہ |
| پوچھ | بھوچھ | بوچھ |
| مالُ | مہال | مول |

یم معلومات چھ کشتواڑی بولہِ گریرسنس یتھ اصولس

سراسر نارٕ بسٲنی پٔتہٕ مُبہم مثلَن بقولِ گریرسن۔

"IT [SIRAJI] MIGHT, WITH ALMOST EQUAL CORRECTNESS, BE CLASSED AS A DIALECT OF KASHMIRI OR AS A DIALECT OF WESTERN PAHARI, BUT I HAVE PUT IT IN THE FARMER CLASS, BECAUSE IT POSSESS CERTAIN TYPICAL DARDIC CHARACTERISTICS WHICH DO NOT BELONG TO THE LATTER."

(GRIERSON 1919 : 433)

"IN FACT RAMBANI, CAN VERY FAIRLY BE DESCRIBED AS MIXTURE OF SIRAJI AND DOGRI. IT STILL POSSESS ENOUGH KASHMIRI PECULARLIES TO ENTITLE IT TO BE CLASSED AS A DIALECT OF THAT LANGUAGE."

(GRIERSON 1919 : 458)

علاقٲیی لحاظہٕ کٲشرٕ زبٲنہِ ہنٛز بولہٕ پرٛکھاونہٕ خاطرٕ ہیمہٕ کمی گریرسن سٕنہِ کامہٕ منٛز محسوس سپدان چھیہٕ یِہنٛز نشاندہی آیہٕ یِنیتھ موخصر پٲٹھۍ کرنہٕ۔ یِنٛہٕنس تحقیقس منٛز چھُ گریرسن

چونکہ معلوماتن ہنز خامی چھیہٕ غلط نتیجہٕ دِنہٕ خاطرٕ ذِمہٕ وار
پتہٕ اَمہٕ نوٚئیتٕ ہنز خامی چھیہٕ گریرسن نہٕ کامہٕ منز صاف پاٹھۍ لبنہٕ
یوان۔ کاشرٕ بولین مطابق چھیہٕ کاچرون تہٕ یہٕ کمی محسوٗس کرٕ منہٕ
پتہٕ بوو مُت۔

" AT PRESENT THE DIALECT SITUATION OF KASHMIRI IS UNCLEAR, AND WITHOUT INTENSIVE FIELD WORK IN THE KASHMIRI SPEAKING AREAS IT IS DIFFICULT TO COMMENT ON IT."

((KACHRU 1969 : 18)

معلوماتن ہنزن خامین ہتی چھیہٕ گریرسنہٕ کامہٕ منز طریقہٕ
کارِچ تہٕ بولین ہنز مُناسب تشریح کرنچ تہٕ کمی محسوٗس سپدان۔
گریرسن چھُ بادان:-

"KASHMIRI HAS ONLY ONE TRUE DIALECT —

KASHTIWARI ...." ((GRIERSON 1919 : 233)

گریرسنٕنہٕ یہٕ اصطلاح " TRUE DIALECT " چھیہٕ غار لسانی
اصطلاح تہٕ لولیاتکین دایرن منز بولہٕ پرکھاونہٕ خاطرٕ " TRUE "
یا اَمیک ضد " FALSE " چھُنہٕ کانہہ گنجایش تھوان۔ گریرسنن
ہیم تاثرات سراجی تہٕ رامبنی بولہٕ مُطابق قلمبند کرِمٕتۍ چھہٕ تم چھہٕ

کٲشرِ زبٲنۍ منز وسیع علمی ذخیرٕ موجود آسِتھ چھیٚ یہِ لسانیٲتی خطوٗطن پیٹھ ژُرکہِ سان پرکھاوُنہٕ نِش تقریباً محروٗم رُوزمٕژ۔ یہِ زبان جدید لسانیٲتی تہٕ بولیانی خطوٗطن پیٹھ وِڑناوٕنۍ چھیٚ وقتٕچ اہم ضروٗرت تاکہ اَمِچن بولین مُطٲبق ہیٚکہِ اَکھ تازٕ نقشہٕ بروٗنہہ کُن یِتھ یمہِ ستۍ کٲشرِ زبٲنۍ ہٕنز تہٕ کٲشرِن لوٗکن ہُند تواریخ پوٗرٕ منظر سائنسی خطوٗطن پیٹھ معلوٗم سپدِ۔

## حاشی

۱۔ یہِ مقالہٕ غار ٹیکنیکی زبٲنۍ منز بیان کرنہٕ آیہِ پوٚرٕ کوٗشش کرنہٕ تاکہ پرن والین پیٚیہ نہٕ یہِ مقالہٕ پرن وِزِ کانہہ تہٕ ٹھوٗر۔

۲۔ کشتواڑی بولہِ مطٲبق یِم معلوٗمات فراہم کرنہٕ خاطرٕ چھُس بہٕ سَنجے کمارن (بی، ایس، سی، زراعت) شُکر گُذار یِمو پننہٕ مصروٗفیات لوٗب کُن تھوٚوِتھ میٚ کُن وارِیاہ وقت صرف کوٚر تہٕ یِم معلوٗمات فراہم کٔرۍ۔

یِتھ کٕنہِ تہٕ اِشارٕ کوٚرمُت زِ کاشِر زبان چھےٚ معاشرتی سطحس پیٹھ (مثلن بٹہٕ، مسلمان، دیہی تہٕ شہری) فرق ہاوان مگر یہِ دٔلیل ثابت کرنہٕ خاطرٕ چھنہٕ گریرسنَن کانہہ تہٕ ٹھوس مثال پیش کٔرمٕژ۔ یِمہ خامی نظرٕ تَل تھٲوِتھ چھےٚ یہِ راے قایم کرٕنٕ صحیح زِ بولہِ پرکھاونٕچ خاکہٕ تہٕ گریرسنٕنی بولین ہنٛز ورٛژھنے چھنہٕ پانہٕ وٚنی کیٚنہہ تہٕ زاوِیس پیٹھ زلان تہٕ لہٰذا چھنہٕ اَتھ تحقیقس کانہہ علمی دٔرجہ۔ اَتھ صوٗرتس منٛز ییٚن نہٕ گریرسنٕنی یِم نتیجہٕ مُستند قرار دِنہٕ۔ فرگوسنَن تہٕ چھےٚ گریرسنٕنہِ کامہِ منٛز معلوٗماتن ہنٛز تہٕ طریقہٕ کارٕچ کمی ژٕھنہٕ مژ تہٕ بووُمت۔

" THE EXISTENCE OF LSI [ LINGUISTIC SURVEY OF INDIA] DOES NOT GAURENTEE SENSIBLE DECISION, AND THE LSI IS NOW OUT DADED IN ITS METHODS AND MUCH OF ITS INFORMATION".

( FERGUSON 1971 : 151)

گریرسنٕنہِ کامہِ منٛز یِمہ خامیہٕ آسنکہِ باوجوٗد تہٕ چھُ کاشِر زبان ییٚن خطوٗطن پیٹھ پرکھاونُک گریرسنٕن اکھ اہم دیُت۔ بقولِ پروفیسر مرغوب بانہالی " یوٚدوے گریرسنہٕ ہندِس سروے لیس منٛز کینژَن خامیَن ہنٛز نشاندہی کرنٕچ گنجایش چھےٚ تووِتہٕ تہٕ چھےٚ اکھ غٲرمُلکی آسنہٕ کِس حیثیتس منٛز تٔہنٛز کٲم مقٲمی عالمن تہٕ محققَن ہندِ خاطرٕ قابلِ رشک تہٕ وَتہٕ ہاوِک" ( بانہالی ۱۹۷۷ : ۴۴ )

## BIBLIOGRAPHY

Banihali, Marghoob 1977 — "Pguli Ka:siri Zab:n hinz akh aham bu:l" Anhaar Vol 1 No: 1 Srinagar, University of Kashmir P. G. Deptt. of Kashmiri.

Dhar, Nazir A. 1983 — A Sociolinguistic Study of Kamraz dialect of Kashmiri Language. Ph. D. dissertation Poona University (un-published).

1985 — 'Ka:siri Zaba:n manz ayza:za:t - Ma: srati: lisa:ni:sa:m' Anhaar vol. 8, No:11 Srinagar, University of Kashmir, P.G. Deptt of Kashmiri

1986 — "Some significant Phonological features of Kashtwari dialect" Paper present in XV All India Conference of Linguists: Maduria Kamraj University-Maduria.

Ferguson, Charles A 1971 — Language Structure and Language use California Standford University Press.

Fishman, Joshua A 1968 — "The Sociology of Language - Introduction" In: Readings in Sociology of Language. The Hagua: Mouton and Co.

موتی لال ساقی

# کأشرِ زبأنؠ ہُند آگُر تہٕ گریٖس

کأشرِ زبأنؠ ہُند آگُر وَنہٕ اَنٛنس تہٕ بَدِ کڈٕن وِزِ چھُ تِمَن گرٛنٛز رٛوس تہذیبی تہٕ تمدنی لہرن ہُند دیان تھاوُن یِموٚ بِکہٕ وٕرٛہٕ تھِ تہٕ موٚللس سرمایہٕ زأیِن چھُ دیتمُت یِتھ بِنٛن وٕیٛرِ لوٚرِ زأنِتھ اَسی کأشُر تمدُن چھِ وَنان تہٕ یٛیٚچ سٕنہٕ وِنِلے کأشرِ زبان چھیٚنہٕ۔ کٔشیرِ یِم مختلف زأژن تہٕ قبیلن ہِندی توأریخہِ کِہ پٔتھ کالہِ بیٚیٹھ کھیٚنٛجن تہٕ کھیٚلِن منٛز وأتی تِمن ہنٛز گرٛنٛد کرٕنۍ چھُنہٕ سہل معاملہ کینٛہہ، ووٚنۍ گوو یہٕ کینٛژھا اَسہِ ڈٔنس تَل چھُ تِمہِ موجوب چھِ آسٹرِک، چیٖنی، پارتھی، سیتھی، یوٗنأنۍ، تُرک، بوٚٹہٕ تہٕ گُجری شأمِل۔ ناگن تہٕ پِشاچن ہُند ذکر چھُ وُنِتام تیٚشرِ پھِر آمُت

Grierson, George A
1919
Indo-Aryan Family, Northwestern Group: Specimans of the Dardic or Pisacha Languages (Including Kashmiri) Linguistic Survey of India Vol 8 Part 2 Calcutta. Reprinted Delhi: Motilal Banarasidass 1968.

Hymes, Dell H.
1964
Language in Culture and Society: a reader in Linguistics and Anthropology. New York: Harper and Row.

Kashru, Braj B
1969
A Reference Grammar of Kashmiri. University of Illinois.

Labov, William
1966
Social Stratification of English in New York City. Washington: Centre for Applied Linguistics.

Petyt, K. M.
1980
The Study of Dialect- An introduction to dialectology. Andre Deutsch.

Samarin, William J.
1967
Field Linguistics: Guide to Linguistic Field work. New York: Halt, Rinchart and Winston.

Saussure, Ferdlnand de
1959
Course in General linguistics Translated by Wade Baskin. New York: Philosophical Library. Original published in 1931.

ہُند کٔشیرِ تہٕ اَمکِس اَندٕ پکھٕ علاقَس منز واتُن تہٕ نامُمکِن آسِتھ تہٕ کیازِ
سانہِ زبٲنۍ منز چھِ وُنہِ تہٕ کیٚہہ بُنیٲدی لفظ موٗجوٗد یِمن سٕیدِ سیوٚد دراوِڑ
زبٲنۍ سٟتۍ واٹھ چھُہ ۔ آسہٕ ڈک زاژ ہندِ ن لوٗکن ہُند ناو بوٗزِتھ چھُنہٕ
تمبلہٕ تلنٛچ کانٛہہ ضروٗرت، تِکیازِ آسہٕ ڈک لفظ چھُ وارِہن دوستن
دوہہ پرٕ باسان حالانکہ پَزر چھُ یہِ زِ یِم چھِ تِمے لوٗکھ یِمن سنسکرت
کتابن منز "نشادٕ" چھُ وَننہٕ آمُت ۔ ناگن متعلق چھُ یہِ ونُن ضروٗری
زِ مہاوامشہٕ موٗجوٗب آسۍ مسیحَس بروٚنہہ پوٗنژ مس ہتۍ لس منز ناگ
زاژ ہندۍ لوٗکھ کٔشیرِ پیٹھٕ گاندھارَ تہٕ اَمہِ اپوٗر علاقَن منز آباد ۔
چنانچہِ بودِھ ستو مدھیانتکُ گوٚو بودھ دھرمُک تبلیغ کرنہٕ کٔشیرِ
پیٹھٕ گاندھار یٚیتہِ ناگ بسان آسۍ، مہاوامشہٕ کِس بیانَس
چھُ شٕتۍ مس ہتۍ لس منز ہیون سوانگ تہٕ تصدیق کران ۔
دوٚیِمۍ زوٗدۍ پِشاچ، پِشاچن ہُند تعلُق تہٕ اوس آریٲیی قبیلَس
سٟتۍ ۔ یِم لوٗکھ گٔے پہاڑی علاقن منز آباد، یٟمہِ کِنۍ یِمن آریٲیی
تمدن کِہن مرکزن سٟتۍ سٕیدِ سیوٚد واٹھ ژھیوٚن ۔ ضروٗرژ تہٕ
حالاتو بناوۍ یِم لوٗکھ ہنا مُتھی پھرۍ تہٕ تہٕ یِمو کرنہٕ مٲدانی علاقن
منز آباد آریَن لوٗکن ہنز برتری تسلیم ۔ مٲدانی علاقن منز
آباد آریَن آسہٕ نہٕ جفاکش پِشاچن سٟتۍ مُتھ لاگے کرنَس
سوٚمب ہیکِتھ مگر قلم اوس مٲدانی علاقہٕ کِہن لوٗکنے اَتھہِ ۔
تمو دیُت بالۍ علاقن منز آباد لوٗکن پِشاچ ناو یعنے کوٚچ

زِ دوٗنۍ چھِ یِم ناو کُنۍ گوبان ہی ۔ بیاکھ اکھ قبیلہٕ یُس برونٛہہ کالی
کشیر ووت چھُ کھش ہُند قبیلہٕ ۔ یہِ قبیلہٕ رُوٗد وارہِس کالس مغربی
ایشاہس منز حکمران تہٕ اکہِ وقتہٕ پھُرن بابلس گرٕ کار تہٕ وَتھ وار
کرٕتھ تروٗوُن ۔ انگریزی یَس منز چھُ یِمَن لوٗکن KASSITE وَننہٕ آمُت تہٕ
سنسکرتس منز پیوٗو یِمنٛے کھش ناو ۔ اَمے قبیلہٕکین لوٗکن چھِ پہاڑ ٕس
منز کھکھ تہٕ کاشرس منز کھاہ وَنان ۔ اَز تہٕ چھِ اَمہِ زاتٕ ہِندی
لوٗکھ راز ویرِ تہٕ باہنالہِ ہندِس علاقس منز آباد ۔ ویدک آرین
چھنہٕ تم لوٗکھ یِم گوڈٕ انوارِ ہندوستان آے ۔ آسٹرک
تہٕ دڑاوڑ آسی ویدک آرین برونٛھے یور آمتی ۔ یِمَو دڑاوڑ
اکہِ شہری تمدنکۍ بانی کار بنے یہِ تہٕ رُوٗدی آسٹرک گامَن گھُٹ
منز لسان لبسان تہٕ یِم لوٗکھ آسی سارِی ہے ہندوستانس
منز چھکرِتھ یمُک ثبوت تمہِ لفظٕ وُترِستی لگان چھُ
یُس آسٹرک زبانٕ ہُند لفظ ووٗترُ دوٚیمین بھارتی علاقائی
زبانَن منز تہٕ خود سنسکرت زبانٕ منز وُنہِ موجود چھُ ۔ آسٹرک
لوٗکن ہنز اکھ کھیٚچ اُس کشیرِ تہٕ واُژ ہِش یمیُک ثبوت آسہِ
کاشرِ زبان تہٕ فراہم چھینہٕ کران تہٕ یتھ زبانٕ گریرسن باشگلی
ناوٕ ناگ زبان تصور چھُ کران تتھ نسبت چھُ جدید لسانی
تحقیق ونان زِ کافرن ہنز یہِ زبان چھینہٕ بذاتی آسٹرک
زبانٕ ہُندے مُژی دوٗنۍ ۔ پتھے کُنۍ ہیکہِ نہٕ دڑاوڑن

ہُند کُشیرِ تہٕ اُمکِس اُندٕ ٕکِھ علاقس منز واتُن تہٕ ناممکن آسِتھ تہٕ کیازِ
سانہِ زبأنی منز چھِ وُنہِ تہٕ کیٛتہہ بُنیأدی لفظ موٗجوٗد یِمن سیٛدِ سیٛود دراوڑ
زبأنی ستیٚ واٹھ چھُ ۔ آسہٕ ٹِک زأژ ہِندِین لوٗکن ہُند ناو بوٗزِتھ چھنہٕ
تمبلہٕ تلنچ کانہہ ضروٗرت، تِکیازِ آسہٕ ٹِک لفظ چھُ وارِہٕن دوستن
دِہ پر باسان حالانکہ پزر چھُ یہٕ زِ یِم چھہِ تمے لوٗکھ یِمن سنسکرت
کتابن منز "نِشاد" چھُ وُننہٕ آمُت ۔ ناگن متعلق چھُ یہٕ ونن ضروٗری
زِ مہاوامشہٕ موجوٗب آسی مسیحٔ برونہہ پوٗنژمس ہٹی ٕلس منز ناگ
زأژ ہِندی لوٗکھ کشیرِ پیٹھٕ گاندھارہ تہٕ اَمہِ اپور علاقس منز آباد۔
چنانچہِ بودھ ستو مدھیانتِکُ گوٚو بودھ دھرمُک تبلیغ کرنہِ کشیرِ
پیٹھےٚ گاندھار یٚتہٕ ناگ بسان آسی، مہاوامشہٕ کِس بیانس
چھُ سنیٚ مس ہٹی ٕلِس منز ہیون سوانگ تہٕ تصدیق کران۔
دوٚن زوٗدی پِشاچ، پشاچن ہُند تعلق تہٕ اوس آریأیی قبیلس
ستی ۔ یِم لوٗکھ گٔے پہاڑی علاقن منز آباد، یِمہٕ کِنہِ یِمن آریأیی
تمدن کِس مرکزن ستیٚ سیٛدِ سیٛود واٹھ ژھیٛون ۔ ضروٗرژ تہٕ
حالاتو بناوی یِم لوٗکھ ہنا بُتھی بہری تہٕ تہٕ یِمو کرنہِ مأدانی علاقن
منز آباد آرین لوٗکن ہِنز برتری تسلیم ۔ مأدانی علاقن منز
آباد آرین آس نہٕ جفاکش پشاچن ستیٚ بُتھ لاگےٚ کرنس
سوٚمب ہیٚکِتھ مگر قلم اوس مأدأنی علاقہٕ کِس لوٗکنےٚ اَتھہِ۔
تمو دیُت بأنی علاقن منز آباد لوٗکن پشاچ ناو یعنے کوٚرچ

زِ دوٗنۍ چھِ یم ناو کنن گوبان ہی۔ بیاکھ اکھ قبیلہٕ یُس برونہہ کالی کشیرِ دوت چھُ کھش ہُند قبیلہٕ۔ یہِ قبیلہٕ روٗد وارِہس کالس مغربی ایشاہس منز حکمران تہٕ اکِہ وقتہٕ پھِرُن بابلس گرٕ کار تہٕ وَتھ وار کرٕتھ ترٛووُن۔ انگریزی یس منز چھُ یمَن لوٗکن KASSITE وَننہٕ آمت تہٕ سنسکرتس منز پیوو یمنٛہٕ کھش ناو۔ اَمے قبیلٕکین لوٗکن چھِ پہاڑٕ کِس منز کھکھو تہٕ کاشرِس منز کھاہ وَنان۔ اَز تہٕ چھِ اَمہٕ زاژٕ ہندی لوٗکھ راژ وِیرِ تہٕ باہہارِ ہندِس علاقس منز آباد۔ ویدک آرین چھِنہٕ تم لوٗکھ یم گوڈٕ انوارِ ہندوستان آے۔ آسٹرک تہٕ دراوڑ آسی ویدک آرین برونٛہٕ یور آمتی۔ یِمَہٕ دراوڑ اکِہ شہری تمدنٕکۍ بانی کار بنے یِہ تیٚتہٕ روٗدی آسٹرک گامَن گھُٹن منز لسان لسان تہٕ یم لوٗکھ آسی ساری پہے ہندوستانس منز چھکرِتھ یِمُک ثبوٗت تمہِ لفظٕ ژٕترِ ستی لگان چھُ یُس آسٹرک زبانٕ ہُند لفظ ووٚتُرُ دوٚیمین بھارتی علاقایی زبانَن منز تہٕ خود سنسکرت زبانٕ منز وُنہٕ موجوٗد چھُ۔ آسٹرک لوٗکن ہنز اکھ کھیٚنج اُس کشیرِ تہٕ واتٕمٕژ یِمُک ثبوٗت آسہٕ کاشرِ زبان تہٕ فراہم چھِیہٕ کران تہٕ یتھ زبانٕ گریرسن باشگلی ناوٕ ناگ زبان تصور چھُ کران تتھ نسبت چھُ جدید لسانی تحقیق وَنان زِ کافرن ہنز یہِ زبان چھِیہٕ بذاتی آسٹرک زبانٕ ہُندے مژٕ دوٗنۍ۔ پتھے کُنۍ ہیکہٕ تہٕ دراوڑن

پۆکمُت زِژکس تام وانُن چھُ سُدر پاژِتھ ژکہٕ تِلہٕ چوٗن لایق آب کڈنس برابر ہیوٗمُت آسان۔ بےٚ شونکۍ پاٹھۍ زبانۍ ہُند پانس اندر دۆیمین تہذیبن ہُند ہُرتُر جذب کرُن چھیہٕ اکھ ژھیپہٕ رۆس عمل ییتھ متعلق غالبن کانہہ تہِ اختلاف آسہِ نہٕ۔

یہ سورے زانتھ تہٕ اتھ سارِی پیٹھ وۆن دِتھ چھُ کاشر زبانۍ ہُند آگر نیب ہیوٗ کڈن تیلی ممکن ییلہِ تم سارِی تہٕ مُژراوہٕ ین یموٗ مُنزِ کاشر زبان اَسہ تام واژِتھ چھیہٕ۔ جلدبازی منز کانہہ فاصلہ دیُن چھُنہٕ تحقیقہٕکین قاعدن کومہٕ ہیکان اَنِتھ تہٕ امۍ ہیکہٕ ناکارہ نتیجہٕ نیرِتھ۔ تحقیقس منز گژھن ہمیشہٕ عقیدہٕ بدلہٕ حقایق تہٕ واقعات وَتہٕ ہاوکۍ آسنۍ۔

گریرسنس یہ رٕہ ٹھاوُن چھُ سراسر ناانصافی زِ تمۍ لیوٗکھ سرکاری سرپرستی منز ییمہٕ کِنۍ تسُندی نتیجہٕ تہٕ نظریہٕ درست ہیکہٕ نہٕ آسِتھ۔ اَسہِ چھُنہٕ یہ وُچھُن زِ تمۍ کیتھ پاٹھۍ لیوٗکھ بلکہ چھُ یہ وُچھُن زِ تمۍ کیا لیوٗکھ تہٕ تتھ کیا چھُ مول۔ کاشرِ زبانۍ ہِندِس آگرنیبس متعلق گریرسنُن نظریہٕ رد کرُن چھُنہٕ تیوٗت سہل یوٗت سہل اَسہِ زونمُت چھُ، تہٕ کیازِ تیلِہ چھُ اَسہِ زبانہِ ہِندِس اُکس پوٗرہ خاندانس متعلق پننُی نظریہٕ بدلاوُن تہٕ یہ چھُنہٕ توٗت تام ممکن یوٗتام نہٕ تمن سارنے زبانن پیٹھ نوٗ سرٕ کام یِیہ کرنہٕ یِمہٕ زبانۍ پشاچ خاندانچہِ اَلگ لنجِ گنزرنہٕ چھیہٕ آمژٕ۔ کھیلِہ منز

ماز کھینہٕ وٲلی تہٕ غار مہذب۔ یہٕ ناو آس نہٕ بذاتی یمن لوٗکن ہنز ذات بلکہ ریٖژھ۔ مگر یہٕ لیکھتھ گوو تہٕ گوو ہوٗکھتھ تہٕ اَمہٕ پتہٕ رۄزی یم لوٗکھ پشاچ ناوے لوٗکن ڈٕنس تَل۔

کٲشُر زبٲنۍ ہُند آگُر نیب بُد کڈُن چھُ اکھ حسین دُنیا۔ اکھ تیُتھ حسین دُنیا یتہٕ رنگَن ہُند گنجار نظرِن گیٛوُر تُلان چھُ۔ پزر چھُ یہٕ زِ لسٲنی نسلیاتکِین مٲہرَن ہنٛدِ باپتھ چھےٚ سٲنٛز زبان تیٚژ زرخیز تہٕ لۄج زِ لے لاگ تحقیق ہیٚکہِ ترٛژھن کیٚتھن ہُندِ پتاہ کڈِتھ یمَن ہُند وُنستام ذکر تہٕ سپُدمت چھُنہٕ۔ یہٕ چھُ اکھ تیُتھ شعبہ یتھ کُن وُنہِ دیان دِین باقی چھُ۔

یوٚدوے میٚ زیٛٹھ زلیوٗٹھ تمہید گنڈنَس عادت چھُنہٕ مگر کینٛہہ پھیُر دِین باسیوم ضروٗری، یتھ زن سورُے لوٚت منظر برونٛہہ کنہ روزِ، تہٕ اَوکِنۍ زِ اَسی ہیٚکون نہٕ کانٛہہ تہٕ زبان تمہٕ علاقکہٕ تمدنی لوٚت منظرِنش بِدوٗن کڈِتھ پرکھٲوِتھ یتھ علاقس منٛز سو زبان بولنہٕ آسہِ یوان۔ میانین نظرِن منٛز چھےٚ زبان تمدنی اَکھ واضح سارِوے کھوتہٕ حسین تہٕ جمیل علامت یوسہٕ بےٚ شونٛکی پاٹھی پانَس اندر تہٕ سورُے رٕژھرتھ چھےٚ تھوان یتھ کُن اکثر پرٛیمتین لیکھیمتین دیان چھُنہٕ گرٛزھان تہٕ یمہِ ساتہٕ پرٛیمتین اتھ کُن دیان گرٛزھان چھُ، تمہِ ساتہٕ چھُ تہذیبی سفر تیٚوت برونٛہہ آسان

پوٚکمُت زِ ژکِس تام وانٛنُ چھُ سٕدر پاژِتھ ژکہِ تلہٕ چوٚن لایق آب کڈنس برابر بنیومُت آسان۔ بیٚے شوٚنکھ پاٹھی زبانۍ ہنٛد پانس اندر دوٚیمیٚن تھذیبیٚن ہنٛد ہُرتُر جذب کرُن چھیٚہ اکھ ژھینہٕ رٛوس عمل یتھ متعلق غالبن کانٛہہ تہٕ اختلاف آسہٕ نہٕ۔

یہ سوٚرے زانٛنتھ تہٕ اکھ ساری ہے وٚون دِتھ چھُ کاشُر زبانۍ ہنٛد آگر نیب یدِ کڈُن تیٚلی ممکن یٚلہِ تمہ ساری تہٕ مُژراوٕنہٕ ییٚن یموٚ منٛزی کاشُر زبان اُسہٕ تام واژمژ چھیٚہ۔ جلد بازی منٛز کانٛہہ فاصلہٕ دیُن چھُنہٕ تحقیقہٕ کین قاعدن کومِ ہیکان اُنتھ تہٕ امہِ ہیکُن ناکارہٕ نتیجہِ نیرِتھ۔ تحقیقس منٛز گژھن ہمیشہِ عقیدہٕ بدلہٕ حقایق تہٕ واقعات وٕتہٕ ہاوکی آسنہٕ۔

گرِیرسنس یہ رٕٹ کھارُن چھُ سراسر ناانصافی زِ تمۍ لیوٚکھ سرکاری سرپرستی منٛز یمہ کنۍ تسٛندی نتیجہ تہٕ نظریہٕ درست ہیکُن نہٕ آستھ۔ اُسہِ چھُنہٕ یہ وُچھُن زِ تمۍ کتھ پاٹھی لیوٚکھ بلکہ چھُ یہ وُچھُن زِ تمۍ کیا لیوٚکھ تہٕ تتھ کیا چھُ مول۔ کاشُر زبانۍ ہنٛدِس آگرنیبس متعلق گرِیرسنُن نظریہِ رد کرُن چھُنہٕ تیوٚت سہل یوٚت سہل اُسہٕ زونمُت چھُ، تہٕ کیازِ تیٚلہٕ چھُ اُسہٕ زبانٕ ہنٛدِس اُکس پوٚرہٕ خاندانس متعلق ییٚنُ نظریہِ بدلاوُن تہٕ یہ چھُنہٕ توٚت تام ممکن یوٚتام نہٕ تمن سارنٕے زبانن بیٚٹھ نوٚسر کام یِیہِ کرنہٕ یمہ زبانۍ پٛاچ خاندانچہِ الگ لنجہِ گنٛزرنہٕ چھیٚہ آمژ۔ کھیٚلہِ منٛز

ماز کھینہٕ وٲلی تہٕ غار مہذب۔ یہ ناوٕ آس نہٕ بذاتی یمن لوٗکن ہنز ذات بلکہ ریٚژھہٕ۔ مگر یہ لیٚکھتھ گوٚو تہٕ گوٚو ہوٚکھتھ تہٕ اَمہٕ پتہٕ روٗدی یِم لوٗکھ پِشاچ ناوے لوٗکن ڈٲنس تَل۔

کٲشرِ زبٲنۍ ہُند آگر ییٚب بَد کڈُن چھُ اکھ حسین دُنیا۔ اکھ تیٚتھ حسین دُنیا ییٚتہٕ زَنگن ہُند گنجارِ نظرن گیوٚر تُلان چھُ۔ یِہنز چھُ یہ زِ لِسٲنۍ نسلیاتکین مٲہرن ہندِ باپتھ چھیہٕ سٲنۍ زبان تیٚژ زرخیز تہٕ بوٚج زِ بلے لاگ تحقیق ہیکہِ ترٛٲوِتھ کیتھن ہندِ بے پتاہ کُڈِتھ یمَن ہند دُنستام ذِکر تہٕ سپدُمت چھُنہٕ۔ یہ چھُ اکھ تیٚتھ شعبہ یتھ کُن وُنہٕ دیان دیُن باقے چھُ۔

یوٚدوے میہٕ زیٛٹھِ زیوٚٹھ تمہید گنڈنس عادت چھُنہٕ مگر کیتہِ پھیرِ دیُن با سیوم ضروٗری، یتھ زن سوٗرے لوٚت منظر بروٗنٹھ کنہٕ روزِ، تہٕ اوٚکنِ زِ اسی ہکون نہٕ کانہہ تہٕ زبان تَمہِ علاقکِ تمدنی لوٚت منظرٕنش بدوٗن کڈِتھ پرکھٲوِتھ یتھ علاقس منز سہ زبان بولنہٕ آسہٕ یوان یمیانین نظرن منز چھیہٕ زبان تمدنی اکھ واریہہ سارِ ہوے کھوٚ تہٕ حسین تہٕ جمیل علامت یوسہ بیے شوبنکی پاٹھی پانس اندر تہٕ سوٗرے رٕژھرتھ چھیہٕ تھوان یتھ کُن اکثر پرٛی متین لیکھی متین دیان چھُنہٕ گژھان تہٕ یمہِ ساتہٕ: پرٛی متین اتھ کُن دیان گژھان چھُ، تمہِ ساتہٕ چھُ تہذیبی سفر تیوٚت بروٗنہہ آسان

دٕرد زبانٕہ ۱، شِنا یا شِنیا ۲، کأشُر ۳، کوہِستأنی۔ کافِر قبیلچن
زبانَن متعلق کتھ کران چھُ گریرسن لیکھان زِ یِمَن منز چھُ اکثر 'دٕ'
لامس منز تبدیل گژھان ییمہٕ کِنی یِمَن مشرقی ایرأنی زبانٕن ستیٖ
کأنی ہشر چھِ مگر یِمو زبانو چھُ اندی پکھی زبانَن ہند اثر تہٕ قبوٗل
کوٚرمُت۔ کھووٗرِس متعلق چھُ گریرسن لیکھان زِ کھووٗر چھیٖ
خاص ہِیچ دٕرد زبان مگر یہِ چھیٖ کم کاسہٕ دوٚیمین زبانَن مقابلہٕ
اکھ آزاد مرتبہٕ بھاوان۔ یوٚدوے اَکھ کافِر قبیلس ستیٖ تہٕ کینہہ
چیز رلان چھِ۔ دٕرد زبانَن ہِنٛش چھیٖ اَکی ٹھٕدی بالن پیٹھ ژھینہٕ
کرٕمٕژ تہٕ یِمَن ستیٖ چھُس سٹھاہ کم مُشترکہٕ۔ تمام دٕرد زبانو
اندرٕ چھیٖ کھووٗر ایرأنی گھاچھا زبانَن نِشہ یِمہ ہندوکش کِس
شمالس منز بولنہٕ چھیٖ یِوان۔

دٕرد قبیلس متعلق بحث کران چھُ بہٕ لیکھان زِ دٕرد
قبیلس منز چھیٖ خاص دردستانچہٕ زبانٕہ شأمِل۔ ژھوٚٹ پأٹھی یہٕ زِ
گِلگِتُک شِنا بولن وول علاقہٕ، گریز، چلاس، بند ہپھر تہٕ
سوات کوہستان۔ اَتھ منز چھِنہٕ ہونزا نگر تہٕ چترالُک
علاقہٕ شأمِل۔ کأشُر وراے چھیٖ دٕرد قبیلچہٕ زبانٕہ وُنی کینہہ
اَتھی علاقس تام کم کاسہٕ محدوٗد۔

خاص دٕرد زبانٕہ ہنز سارِوے کھوتہٕ پژ مثال
چھیٖ گریرسنٕ ہندی کِنی شِنا۔ اَمہٕ معتبر صورت

الگ کڈِتھ صرف کاشُر زبانے پانٛژ موضوع بناوِتھ ہیکہٕ نہٕ کتھ اَند واتتھ تہٕ اوٗ کنہٕ زِ کاہہ تہٕ کتھ واتہٕ نہٕ تووتام مُنز یُس یوٗتام نہٕ ثُمبک سیاق وسباق اُسہ نظرن تَل آسہ۔

گریرسن چھُ کاشُر زبانٕ بذاتی پشاچ زبانن ہندِ خاندانٕچ زبان گنزراوان مگر تمیُ چھُ اکثر جایہ پشاچ لفظ بدل لفظ 'درد'، ورتوومُت تہٕ کیازِ پشاچ لفظہٕ ستی اوس کینژن لوکن باسان زِ امہٕ ستی چھیہ تہنز تحقیر سپدان۔ حالانکہٕ قدیم سنسکرت لِکھاریو چھہٕ برونہہ کالہٕ پیٹھٕ امہٕ علاقکی لوٗکھ (شمال مغربی سرحدی علاقہٕ پشاچ ناوٕ گنزراوی متی۔ تمیٚ چھُ زبانن ہندِس اَتھ خاندانس مجبوری موکھہٕ درد خاندان لیوٚکھمُت تیٚہٕ اوس تہٕ اَتھ کتھہٕ پیٹھ متفق زِ امہٕ خاطرٕ چھُ پشاچ ناوے مناسب تہٕ یہٕ ناو چھُ تمہٕ ٹی سروے ہندین دوٚیمین جلدن منز اکثر ورتوومُت۔

دردہٕ زبانٕ ہندِس خاندانس چھیہ تمیٚ ترٛیہ باگنیہ کرِمتہٕ۔

(۱) کافرِ زبانن ہندِس قبیلس منز چھیہ تمیٚ یمہٕ زبانٕ آمژ

(۱) باشگلی (۲) داے الا (۳) واشی دری یا ورن (۴) اشکند کلشہ۔ پشلیے (اَتھ کرانس منز چھیہ یمہٕ بولہٕ شامل)

(۱) کلاشا (ب) گوار باٹی یا نارستی رج، پشایی، لاگھمانی یا دِہ گانی (د) دری (ہ) تراہی۔

(II) کھووٗر، چترالی یا ارنیا (III) درد قبیلہٕ تہٕ ڈیٚتھ گووخاص

یمو بروٚنہٕ کنۍ پٔکھۍ جدید ہندوستانی زبانہٕ ہند رنگ روٗپ روٗٹ۔
یم آریا پتھ کنۍ ہندوکُش کِس شمالس کنۍ روٗدی تہٕ یم ہندوستان آے نہٕ، آے مشرقس تہٕ مغربس کنۍ ژھکرنہٕ۔ یم لوکھ مشرقس کُن درای تہٕ پامیر گٔیہ آباد، چھہٕ ووٚنۍ گالچا بولان تہٕ تِم یم مغربس کُن گٔے تِم بیٹھی مرو، نارس تہٕ بلوچستانس منز ڈیرٕ دِتھ تہٕ یہندی اولاد یمہٕ زبانۍ بولان چھہٕ تِمہٕ زبانۍ چھیہٕ گالچا ہیتھ ایرانی زبانۍ ہندِس دٲیرس منز یوان۔ یتھ پاٹھۍ چھیہٕ کٲشر زبان گریرسنہٕ موٗجوٗب اکھ سوٗ زبان یوسہٕ سنسکرت چہٕ کھوتہٕ منز پھانچلتھ تہٕ اکھ الگ وجوٗد چھیہٕ تھاوان تہٕ اتھ چھہٕ سنسکرت زبانۍ ستۍ یوٗہے بڈٕ بڈٕ ماسہٕ نانہٕ ہند ہیوٗ رشتہٕ۔
کٲشرِس کتھ حدس تام چھہٕ دوٗیمین ستۍ ہشر تتھ کنۍ چھہٕ گریرسنن خاص دیان دِتمٕت:-

| کٲشُر | کافر (کلشا) | شنا | کٲشُر | کافر (کلشا) | شنا |
|---|---|---|---|---|---|
| اکھ | اِک | اِک | سٔتھ | ستہہ | ستھ بت |
| زٕ | دُ | ڈ | اٗٹھ | اُشٹھ | اٹھ |
| ترٛے | ترٛیہہ | ترٛیہہ | | | |
| ژور | چار | چار | نو | نہٕہ | نو |
| پانژھ | پونج | پٔش | داہ | دٕش | ڈیَں |
| شے | شوہ | شاہ | | | |

چھیٚ سوے یوس گلگتکس اَندۍ کِھ علاقس منز بولنہٕ چھیٚ یِوان پوٚز
اَکھ چھیٚ واریاہ بولہِ یِمن منز اسٹوٗر ، گرُیز ، چِلاس تہٕ بروک پا
شامِل چھیٚ ۔ بروک پا چھُ شِنٕ ہُند اکھ الگ قبیلہٕ بولان
یُس بلتستانکس مشرقی سرحدس پیٹھ بسان چھُ تہٕ اَکھ پیٹھ چھُ
تبتی زبانٕ ہُند اثر ۔ کاشُر چھُ کٔشیرِ ہنز بیچھرِ تہٕ ہمسایہ بیچھرِن
منز بولنہٕ یِوان ۔ یِہ دۄے اَمیک ژۄک درد چھُ مگر اَتھ پیٹھ
چھُ ہِند آریٲیی زبانن ہُند کافی اثر ییوٚمُت ۔ یِمہ جنوٗبس کُن
بولنہٕ چھیٚ یِوان ۔ یِہ چھیٚ واحِد درد زبان یَتھ منز ادب چھُ ۔
گریرسن چھُ تسلیم کران زِ درد زبانن منز چھیٚ کیٚنہہ خصوٗصیژ
ترٛژھ یِمہ ہِند آریٲیی زبانن منز نظرِ چھیٚ گژھان تہٕ کیٚنہہ
ترٛژھ یِمہ مشرقی ایرٲنی زبانن منز بُتھ چھیٚ پیوان ۔ چنانچہٕ چھُ
شہ راژ اشوکٕ سٕندِس شہباز گرٛھی ہِندِس کتبس منز کیٚنہہ تِتھۍ
لفظ بدِ کڈان یِمن ہُند تعلُق درد زبانن سۭتۍ چھُ ۔ پِشاچی کیٚتھ پٲٹھۍ
دژٲیہِ ہِند آریٲیی زبانیٚ نِش بدٕلِتھ تَتھ متعلق چھُ گریرسن
سائنسی بُنیاز پیٹھ نتیجہٕ اخذ کران ۔ ایرٲنی تہٕ ہِند آریٲیی زبانن
سۭتۍ کیٚنہہ چیز مُشترکہٕ آسِتھ تہٕ چھِ درد زبانن پننۍ الگ صفت ۔
ژٕ ساس تہٕ ۱۵۰۰ ؤری مسیحس درمیان وٲتۍ کابل وادی کِنۍ ہِند
آریٲیی ہندوستانکس مادٲنی علاقس منز ۔ تمہ ساعتہٕ آسہ آریٲیی
مشترکہ زبانٕ کیٚنہہ خاص خصوٗصیژ یِمہ حملہ آوروٚ پانس سۭتۍ اَنٕ تہٕ

تام چھُ ہِشر۔

| کاشُر | شنا | کاشُر | شنا | کاشُر | شنا |
|---|---|---|---|---|---|
| ہٕش | روشن | پٕتہٕ | پھتوٗ | ژوٗنک | پُجرکوٗ |
| ماس | ما | پوٗپھ | پاپی | کان | کون |
| ژوٚپ | چوٚپ | مٔتسٕر | مجہٕ | ہٕرُد | شارو |
| پھُٹ | پُٹ | شرُ | ثُنڈٕر[1] | نیٚوٗل | نِلو |
| داند | دُنو | گرٕوٕ[2] | گرٕ | شاہ | شا |
| کاو | کو | گاو | گو | دوٗنٹ | وُنٹ |
| مرُ | مر | دوہ | دلس | نژھ | نٹ |
| کن | کون | ہوٚکھ | شکوٗ | دَر | دَر |
| اُچھ | اُچھ | ہوٚس | ہستو | بُنیُل | بُوٗشیال |
| توٚت | تتو | دِ | دِ | موٗل | مالو |
| چھوٚن | چھون | باشہٕ | باش | مار | مار |
| راتھ | راتی | نوٚو | نوٗ | نوٚن | تنو |
| ووتھ | اُتھ | پرون | پردنو | دِش | دِش |
| کام | کوم | ستہٕ | ساتی | رو | رو |

[1] اُسی چھ وَنہٕ تہٕ یہٕ لفظ ورتاوان مثلن پوٚو وأنتھ "ثنڈری گڈری" ہتھ

[2] گریریسن چھُ اگر، لفظک کاشُر مبدل اگرُٹ، لیوکمت یہٕ زن دُرُس چھُنہٕ۔ گرٕ لفظ چھ کاشرکِس معنیس منز اَسی ازتہٕ ورتاوان۔

یتے بوت نہ کاشرِ وارِیاہ لفظ چھِ باشگلی تہٕ کھووٗر زبانٕی

منزٕ ترلان۔

کافرٕن زبانٕی منز چھُ تُل لفظ یُڈ ہندِس معنیس منز استعمال سپدان

تہٕ اُتھی معنیس منز چھُ "گُج" لفظ کافر (کلشا) زبانٕی منز ورتاونہٕ یوان۔

یم دوٗ شوٗے لفظ چھِ ژُونہٕ تہٕ کم کاسہٕ "لول" تہٕ کوٚ چھُ "بٔنِتھ کاشرِس

منز ورتاونہٕ یوان۔ باشگلی زبانٕی منز چھُ "کھورِ" خاطرٕ "کھیٚتر"، مگر کلشا

کافر زبانٕی منز چھُ "کھرٕ" لفظ ورتاوس۔ روٗپ چھِ کلشا زبانٕی منز

رُوا ونان تہٕ شنیا زبانٕی منز چھِ اَتھ رُپ ونان۔

یِمہٕ چھِنہٕ صرف کینہہ مثالہٕ مگر یِمہٕ اعتبارٕ چھِنہٕ اہم زٕ

لفظہٕ ؤترِس منز ہشر آسُن چھُ سوچکی درواز ژھٕ تراوان۔ بابتہٕ چھُ

اَسہِ مانُن زِ اَتھ علاقس منز یم لوکھ لسان بسان چھِ تِم چھِ مادانی

علاقو پیٹھٕ اور لسنہِ گامتی تہٕ کاشرِ زبان چھِنہٕ مولہٕ بوٗنٕ۔ یِمہِ

پیٹھ مختلف زبانو ووزِم ووٗرُد چھُ کوٗرمُت۔ یہ زن تواریخی

سفرس ستی واتھ چھُنہٕ کھبوان یہ گیہ، ترتھے ہِش کتھا زِ ویتھ کھِ

کھادن یار پیٹھ واپس تہٕ پیٚیہ اَسہِ مانُن زِ آریایی زبان اُستھ

تہٕ چھُ کاشرِ زبانٕی اکہِ الگ آگرٕ نیب یوان یُس مشرقی ایرانس

منز چھُ۔

گریرسن چھُ کاشرِس تہٕ شنا زبانٕی ہندِس لفظہٕ ؤترِس

تہٕ سنان تہٕ تقابُل کرِتھ ہاوِتھ دِوان زِ یمن منز کتھ حدس

درد زبانٕ چھ آوازِ دار اچھرن پیٹھ شہک زور کم کران یتھ پاٹھۍ گوڈے
اتھ کُن اِشارٕ کرنہٕ آو۔ یِتھ صورت چھنہٕ خاص ہندوستانس منز مگر
کأشرِکۍ چھ یہِ عام قأعدٕ۔

جدید درد زبانن ہنز اکھ خاص یہِ زانٕنۍ لایق خصوصیت
چھیہٕ زِ آوازدار اچھر چھِ اکثر گوبن اچھرن منز بدلان یِمہٕ کِنۍ ج، ک،
جے، چھ، ڈ، ٹ، د، ٹ، تہٕ ب یاو، پ چھ بنان۔ یہِ قأعدٕ
اوس تمہٕ ساتہٕ عام ییلہِ پِشاچی پراکرت بولنہٕ اَس یوان۔ وقتس ستۍ
ستۍ چھ واریاہ گوبۍ اچھر نونن اچھرن منز تبدیل گأمتۍ یہِ زن زبانٕ
ہنز ترقی ستۍ پیدن لازمی چھ پوز تیوت کرِتھ تہٕ چھیہٕ گوبن اچھرن
ہنز واریاہ مثالہٕ وُنہٕ تہٕ ڈنجہٕ یہِ دوٚیمین زبانن نِش لفظ ووزم انن
وِزِ چھیہٕ یہِ عمل بییہ شروع سپدان مثلن فارسی لگام لفظ بنیوو
کأشرس منز "لاگم" تہٕ "کاغذ" بنیوو "کاگد"۔

"د" کیتھ پأٹھۍ چھ "ٹ" بنان تمِچ مثال چھ سنسکرت
شوٗپدایتھ کأشری پأٹھۍ ہاٹ چھ بنیومُت۔ یتھے پأٹھۍ چھ سنسکرت
شوس کأشر "ہیچھ" لفظ بنیومُت۔

کأشرس متعلق یہِ کینژھا گریرسن لیوکھمُت چھ تتھ چھیہٕ
زبردست اہمیت تہٕ اتھ نظرانداز کرِتھ ہیکہٕ نہٕ کانہہ تہٕ کأشرس
لسانیاتس پیٹھ کتھ کرِتھ۔ تمۍ سُند دعوی تہٕ دلیل چھ تیوت وزندار
یتھ پیٹھ بحث کرنہٕ خأطرٕ واریاہ وق تہٕ اتھ ستۍ زبردست زانٕکأری

کتھ زیٛچھر ڈنگ چھنہٕ میٛہٕ کاہہ مَنشہ مگر اَکِس کتھِ کُن توجہ پھِرن چھُم ضروٗری باسان زِ واریاہ ہم لفظ ییٚمن ہنز شنا صوٗرت گریرسنن درج چھیٚہٕ کرمژ ہم چھہ کنہٕ تبدیلی ورٲے اَسہِ لَل دِٚیدِ تہٕ حضرت شیخہٕ[رح] ہندِس کلامس منز نظرِ گژھان مثلن ہستو، تتوَ، ننو، دِش بیتر۔ یِتھے پاٹھۍ یِیہٕ اَسی اکثر 'یِتہٕ' لفظ ورتاوان چھہِ تہٕ چھُ کینژن علاقن منز وُنہِ "ساتی" لفظ ورتاوس تہٕ یِتھہٕ پاٹھۍ چھُ اَسہِ بروٚنٹھ پیٚٹھے کاشرِس تہٕ شناہس درمیان رشتُک بے پناہ لگان۔ گریرسن سُند یہ ونُن چھُ پٔننہٕ جایہِ سیٹھاہ اہم زِ ماہر لسانیات ہندِ خاطرٕ چھیٚہٕ کاشُر سیٹھاہ اہم زبان، تہٕ کیازِ یہ چھیٚہٕ واحد آریائی زبان یُتھ یہ صوٗرت چھیٚہٕ زِ تجزیاتی زبانی پیٚٹھ ییٚس ترکیبی زبانی ہند روٗپ دِتہٕ۔ ہندوستانچ ساری پرانی ژھوتہٕ پرانی ڈنس تَل زبان چھیٚہٕ ویدک سنسکرت یُتھ زبردست ترکیبیاتی صلاحیتھ آس۔

گریرسن چھُ پوگلی، سراجی تہٕ رام بنی زبانن کاشرِچے بولہٕ مانان، یِمو منز رام بنی بولہِ پیٚٹھ ڈوگریُک اثر چھُ تہٕ باقے دوٚن بولین پیٚٹھ مغربی پہاڑی غالب چھیٚہٕ گامژ۔ مگر کشتواڑی بولہِ متعلق چھُ گریرسن لیکھان زِ یہے یاژ چھیٚہٕ کاشرِچ اکھ صحیح بوٗلی۔ آوازچہِ بُنیادٕ پیٚٹھ بحث کران چھُ گریرسن کینژن بُنیادی کتھن کُن سون توجہ پھِران۔

"کینژو وۄزُم لفظو ورٲے چھنہٕ کُنہٕ تہٕ جدید دردِ زبانی منز تِتھی اچھر یِمن شاہ ہیتہٕ ستی نٔو آواز نیرِ ییلہِ یِتھی اچھر کُنہٕ لفظُک حِصہٕ آسن یا اَسی شہل اچھر چھہِ ڈسی بیوان تہٕ گھ چھُ اگ، جھ ج، زِ، ڈھ، ر، تہٕ دھ تہٕ بھ چھہِ ب بنان۔ سارِنے جدید

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

# کشتواڑی تہٕ گریس

## اکھ سام

تھدِین شیشہٕ بالَن تہٕ گنین یارِ وَنَن منز باگ پاڑرچہٕ نیلم کھانہٕ ہمسایہٕ تہٕ چناب دٔریاوکِس بُٹھِس پیٹھ واقع کشتواڑچ سرسابہٕ تہٕ خوٗبصوٗرت سرے چھیہٕ قدیم تہٕ وسطی کاشرِ کلچرُک اکھ تِھتھُے محافظ خانہٕ باسان یُتھ پانہٕ خوٗبصوٗرت کٔشیر وسطِ ایشیاکِ میڈیول کلچرُک محافظ خانہٕ باسان چھیہٕ۔ یُتھ کالچہِ کٔشیر ہندِس دوٚھتھنَس بیٚہنس فکرانگیز راچھ تہٕ زیرِلب ترجمانی کرن والہِ کشتواڑُک رہن سہن وُچھتھ چھُ ازتہٕ اُکِس عام کاشرِس پننُ پان یُتھ کالِکِس کاشرِس سماجَس منز واتان ہیوٗ محسوٗس سپدان۔ لِسانی سوتھرِس پیٹھ چھُ زبان شناسی ہٕنز رژھ کھنڈ

ہنٛز ضروٗرت چھےٚ۔ گریرسنٕن یمَن سائنسی بُنیادن پیٹھ کاشُر زبانۍ
پشاچ خاندانَس سٟتۍ واٹھ چھُ دِیُتمُت سُہ چھُ معقوٗل تہٕ قابلِ اعتبار
تہٕ امہِ خاطرٕ یُس طریقہٕ تمیٚ پانہٕ نووُمُت چھُ تمہِ لِٹس چھُ امہِ بارنے
ہیٚچھِن تہٕ تمے سائنسی مزاجہٕ پانہٕ نادِتھ ہرگاہ کام کرنہٕ ییہِ سانہٕ
عُلمیکۍ نبہٕ دُندی ین ضروٗر گاشراوُنہٕ۔ یتھ رُوٗد عقیدہٕ۔ لِسانیاتکِس
مادانس منز چھُنہٕ عقیدس کانہہ جاے۔ زبانۍ پیٹھ کام کرن وِزِ
چھُنہٕ صرف لفظہٕ وُترٕچ سام ہیٚنۍ یارٕ کافی، بلکہ چھُ امیک صوتی
آہنگ، ساخت تہٕ گرامرٕ تہٕ نظرِ تَل تھاوُن تہٕ پننُ نظریہٕ پیش
کرن وِزِ چھےٚ گریرسنٕن اُکس شوٗدِس عالمہٕ سندی پاٹھی سارِے
کتھ نظرِ تَل تھاوِمژ تہٕ کاشرس چھُ گریرسنٕن پانہٕ پوٚڈ دیتُت سُہ
نظریہٕ ییمہِ کِنۍ امیک تعلق پشاچ خاندانچن زبانن سٟتۍ ثابتھ
چھُ سپدان تہٕ وُنہٕ چھُ تیتھ کانہہ شخص پاد سپدنے یُس لسانی
تحقیقکۍ ساری لوازمات پوٗرٕ کٔرِتھ گریرسنٕس غلط ثابتھ کٔرِتھ
ہیکہِ یتھ گےٚ دعوا ختم کٔرِنس کُس ہیکہِ ٹھوٗر بنٕتھ۔

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

# کشتواڑی تہٕ گریرس

## اکھ سام

تھدِین شیٖنہٕ بالَن تہٕ گنٕہن یارِ وَنَن منٛز باگ پاڈرچہٕ نیلم کھانہٕ ہمسایہ تہٕ چناب دٔریاوکِس بٹھِس پیٹھ واقع کشتواڑچ سرسایہ تہٕ خوٗبصوٗرت سرے۔ چھیٖہٕ قدیم تہٕ دٔسطی کأشرِ کلچرُک اکھ تِتھُے محافظ خانہٕ باسان یُتھ پانہٕ خوٗبصوٗرت کٔشیر وسطِ ایشیاکِ میڈیول کلچرُک محافظ خانہٕ باسان چھیٚہ۔ یُتھ کالچہِ کٔشیر ہندِس دوٚتھنَس بیٚہنَس فکرانگیز راچھ تہٕ زیرِلب ترجمأنی کرٕن والِہ کشتواڑُک رہن سہَن وُچھتھ چھُ ازتہٕ اُکِس عام کأشرِس پننُ پان یُتھ کالہِکِس کأشرِس سماجَس منٛز واتان ہیوٚ محسوٗس سپدان۔ لِسأنی سوٗتھرَس پیٹھ چھُ زبان شناسی ہٕتہٕ رٕژھ کھنڈ

ہِنٛز ضروٗرت چھِیہٕ۔ گریرسنَن یِمَن سائنسی بُنیادَن پیٹھ کاشرِ زبانۍ
پِشاچ خاندانَس سٍتۍ واٹھ چھُ دیٚتمُت سُہ چھُ معقوٗل تہٕ قابلِ اعتبار
تہٕ اَمہِ خاطرٕ یُس طریقہٕ تٔمۍ پانہٕ نووُمُت چھُ تَمہِ نِش چھُ اَبہٕ ساریِنے
ہیٚچھُن تہٕ تِمے سائنسی مزاژٕ پانہٕ ناوِتھ ہرگاہ کٲم کرنہٕ یِیہٕ سانہٕ
عٔلمکۍ نبہٕ دُندی ین ضروٗر گاشراونہٕ۔ یِتھ رُود عقیدہٕ۔ لِسانیاتکِس
ماہرَس منٛز چھِنہٕ عقیدَس کانٛہہ جاے۔ زبانۍ پیٹھ کٲم کرَن وِزِ
چھُنہٕ صرف لفظٕ دُترِچ سام ہیٚنی یا رٕ کٲفی، بلکہ چھُ اَیگ صوتی
آہنگ، ساخت تہٕ گرامرٕ تہٕ نظرِ تَل تھاوُن تہٕ پننُے نظریہٕ پیش
کرَن وِزِ چھِیہٕ گریرسنَن اَرکس شوٗدِس عامہٕ سندی پاٹھی ساریے
کَتھ نظرِ تَل تھاوِمٕژ تہٕ کاشرِس چھُ گریرسنُن پانہٕ بوٗڈ دیُت سُہ
نظریہٕ یِمہِ کنِہ اَیگُ تعلق پِشاچ خاندانٕچَن زبانَن سٍتۍ ثابتھ
چھُ سپدان تہٕ وُنہٕ چھُ یُتھ کانٛہہ شخص پاد سپدنے یُس لسٲنی
تحقیقکۍ ساری لوازمات پوٗرٕ کٔرِتھ گریرسنس غلط ثابتھ کٔرِتھ
ہیکہِ یِتھ گٔے دعویٰ ختم کرنس کُس ہیکہِ تھوٗر بنِتھ۔

کم زیادٕ اثر پیٚیہٕ کنہٕ چھُنہٕ کشتواڑیُک ٹھیٹھ انہار پلمارٕ کھوتہٕ بیٚہتر پاٹھۍ کنہٕ جایہٕ نظرِ گژھان حالانکہ دراب شالس تہٕ پلماڑس درمیان واقع یمن گامن ہنز۔ بۄلی اتھ مطالعہس منز اہم آسنُک باس چھیہٕ دِوان تم چھہِ وُسدار۔ بھنڈار کوٹ ناگ سین، کیشوان، پوچھال، گودرش ناگ، تزگام، شاہین بھتہ، لچھ خزانہ، ژریہار، سنگرام باٹا۔ بندرابن، ڈوٗل، ڈوگر، ٹھاکرائی، بوہنہٕ مسجد تہٕ منا بیتر۔

وُس دار چھہِ کشتواڑُک سہٕ گام ییٚتہٕ پیٹھہٕ پتھ کالہٕ کین وارہٕ ہن کشتواڑی کاروانن ہنز وتھ رٹھ حضرت شیخ العالمؒ سُند مول سلر ستر کشیر تران چھُ۔ یتھے پاٹھۍ چھہِ بھنڈار کوٹ کشتواڑُک سہٕ گام ییٚتہٕ پیٹھہٕ عشقہٕ مقام جایہٕ مدفون کشیرِ ہُند مشہور وٗلی یعنے بڈشاہ صابُن ہم کال تہٕ ہمنام ہیو بُزرگ زینہٕ شاہ صاب کشیر کُن ہجرت کران چھُ۔ یتھین تمدن ساز بُزرگن ہندِ کلامکہِ ذریعہ بیٚیہٕ اَمہٕ برونٹھہٕ ہین ایاین دوران صدی وادن کشیر تزٕ متین کاروانن ہندِ ذریعہِ بیٚیہٕ وزہٕ وزہٕ لارکرنہٕ آمتین سبہ دیو تہٕ یعقوب ژک ہوین کاشرِ حکمرانن ستی کشتواڑس منز پناہ ہینہٕ پتہٕ واپس کشیر ییٚنہٕ والین کاروانن ہندِ ذریعہِ چھیہٕ کاشرِ مرازی بۄلی خاص پاٹھۍ کشتواڑی بولہِ لتہٕ متاثر سپدان روزمرہٕ۔ ویسے کشتواڑی بولہِ ہُند طرہٕ امتیاز یعنے "چھُ" بدلہٕ "تھُ" ورناون یکطرف تراوِتھ چھیہٕ شرٕ تہٕ گرُ ہوین لفظن منز "ر" آواز وۄتلاونہٕ رنگہٕ ژراہ پیٹھہٕ ہماچل پردیشہٕ کین تپساتہٕ چمبہ تحصیلن منز

شود بود تھوَن وول اکھ کاشُر کشتواڑی کتھ بوزِتھ یوِ ہے لل دید ہندِن ہم کال وِگنین تہٕ شیخ العالمؒ ہندِن ہم کال یادن مُژن ہندِ ہِشہٕ کنھ اَتہٕ بوزان، خاص کٔرتھ اگر تس کانہہ دِگِز کرِلرِس گوبہٕ زنٛی بور ہیتھ وطنس پہٕ گبوان گبوان پنٛنہٕ غمُک بور لوٗشراوان وُچھنک موقعہٕ میلِس زِ ع

سوندر پرمیانیا کشتواڑا تھکھ تہٕ اُسن دیش یا اگر الغائبہٕ پژھی دِگِنہٕ ہنز کانہہ وِلس بالہٕ یارس یِیمہٕ آیہٕ مِٹنُ نیب وُنان باسِیس زِ

ژوڑبن بہٕ گرٛتھ ژرزہٕ مالے

چوگان بہٕ گندے ہالہٕ مدنو

میانہٕ مدنو تے ہو

یوت تام کشتواڑی بولہٕ ہندِ فداتسُک تہٕ اَتھ مَوجودٕ کاشرِج ماجہٕ بولی MOTHER DIALECT قرار دنہٕ کِہن امکانن پیٹھ غور کرنُک سوال چھُ بہٕ دمہٕ ہِہ اَتھ پوگلی بولہٕ پیٹھ اَمہِ رنگہٕ لسانی ترجیح، تہٕ کیازِ سو چھنہٕ یِیمہٕ کِھوتہٕ کِہی یا زیادٕ ناگن، پشاچن یا کھشن تہٕ آرین ہندِ اکِہ مِل مِشہٕ ولوہارگ آہہٕ ہاوان۔ یتھ رُوٗدِ یہٕ سوال زِ یتھ پاڈٔری پوگلی بولہٕ ہندِس معاملس منز نیل پرٛ ہند رگ تہٕ کھروش تٕرکانگ لہجہ کِلُہم پاڈٔری پرستان تہٕ مالیگامہٕ کِس مُشترکہٕ لہجس ماتحت زانٛن چھُ یوان تتھے پاڈٔری چھُ کشتواڑ سریہٕ اَندی یکھی بلکہ بھلیسہٕ پیٹھ سرتھل دیوی تام کِہن ہیندی گھرن منز بولہٕ یہٕ واجنہٕ کشتواڑی بولہٕ ہند غالب لہجہِ بلماڑکے لہجہِ مانٛن یوان، تہٕ کیازِ اَندیکھی چھن بولبن ہُند

کم زیادٕ اثر پیٹھ کنہ چھُنہٕ کشتواڑیُک ٹھیٹھ انہار پلمار کھوتہٕ بیٚہتر پاٹھی کنہٕ جایہٕ نظرِ گژھان حالانکہ درٛاب شالس تہٕ پلمارس درمیان واقع یمن گامن ہنز بوٗلی اتھ مطالعہس منز اہم آسنُک باس چھپہٕ دِوان یم چھِ دُس دار۔ بھنڈار کوٹ ناگ سین، کیشوان، پوچھال، گوٗدرش ناگ، ترٛگام، شاہین بھتہ، لچھ خزانہ، ژیرہار، سنگرام باٹا، بندرابن، ڈوٗل، ڈوٗگر، ٹھاکرائی، بوٗنہٕ مسجد تہٕ منا بیتر۔

دُس دار چھُ کشتواڑُک سُہ گام ییٚتہٕ پیٹھ پتھ کالہ کین وارِہن کشتواڑی کاروانن ہنز وتھ ژٕھتھ حضرتِ شیخ العالمؒ سُند مول سلر سٕتہٕ کشیٖر ترٛان چھُ۔ یتھے پاٹھی چھُ بھنڈار کوٹ کشتواڑُک سُہ گام ییٚتہٕ پیٹھ عشق مقام جایہٕ مدفون کشیٖرِ ہند مشہور وٗلی یعنے بڈشاہ صابُن ہم کال تہٕ ہمنام ہیو بُزرگ زینہٕ شاہ صابٕ کشیٖر کُن ہجرت کران چھُ۔ یِتھٕین تمدن ساز بزرگن ہندِ کلامکہِ ذریعہ ییٚیہٕ اُمہٕ برونٹھٕین ایامن دوران صدی وادن کشیٖر ترٛہمتین کاروانن ہندِ ذرٛیعہٕ ییٚیہٕ وِزٕ وِزٕ لار کرنہٕ آمتین سبہ دیوتہٕ یعقوب ژک ہوین کاشرٕن حکمرانن سٕتی کشتواڑس منز پناہ ہیٚنہٕ پتہٕ واپس کشیٖر ینہٕ والین کاروانن ہندِ ذریعہٕ چھیہٕ کاشرٕچ مرازی بوٗلی خاص پاٹھی کشتواڑی بولہٕ تٕہ متاثر بِدان روزمٕژ۔ ویسے کشتواڑی بولہِ ہند طرٕہٕ امتیاز یعنے "چھُ" بدلہٕ "تھُ" ورناوُن یکطرف ترٛاوِتھ چھیہٕ شرٕ تہٕ گرٕ ہوین لفظن منز "ر" آواز وُتلاوُنہٕ ژنگٕ ژرار پیٹھ ہماچل پردیشکین نپساتہٕ چمبہ تحصیلن منز

شوَد بوَد کھوَن ووِل اکھ کاشُر کشتواڑی کتھ بوزِتھ یوٚہے بَل دیِدِ ہِندِ ن
ہم کال وِگنِن تہٕ شیخ العالمؒ سِندِ ن ہم کال یاون مرِٕثن ہِندِ ہشہٕ کیتھ اَتہٕ
بوزان، خاص کرِتھ اگر تس کانہہ وِگنِہ کُنہ لُبرس گوٚب بِزی بور ہیتھ وطنس پہٕ
گبوان گبوان پَنُنہٕ غمُک بور لوٚچراوان وُچھنک موقعہٕ میلِس زِ ع
سوندر میانیا کشتواڑا تُھکھ تہٕ اُسن دیش یا اگر الغابہٕ پرِٕڑھی وِگنہٕ ہِندِ
کانہہ ولس بالہٕ پارس ییمِ آیہٕ مین تیب وُنان باسِس زِ

ٹوڈِن بہٕ گرِٹھ ٹرزہٕ مالے
چوگان بہٕ گِندے ہالہٕ مدنو
میانہٕ مَدنو تے ہو

یوٚت تام کشتواڑی بولہٕ ہِند قدامتُک تہٕ اَتھ موجوٗدہٕ کاشرِ
ماجہٕ بوٗلی MOTHER DIALECT قرار دِنہٕچ امکانُن پیٹھ غور کرنُک
سوال چھُ بہٕ دمہٕ نہٕ اَتھ پوگلی بولہٕ پیٹھ اَمہٕ رنگہٕ لِسانی ترجیح، تہٕ کیازِ
سو چھیِہ ییمہٕ کہ کھوتہٕ کہی یا زیادہ ناگن، پشاچن یا کھشن تہٕ آرین ہِندِ
اکہٕ ملِ مشہٕ ولوہارگ آنہٕ ہاوان۔ پتھ روٗد یہ سوال زِ یتھ پاڈھی پوگلی
بولہٕ ہِندِس معالس منز نیل پرٕہِندرگ تہٕ کھروش ترگامُک لہجہ کلُھم
پاڈھی پرستان تہٕ مالیگامہٕ کِس مُشترکہٕ لہجس ماتحت زانُن چھُ یبوان
تِتھے پاڈھ چھُ کشتواڑ سرِیہٕ اَندی یکھی بلکہ بھلیسہٕ پیٹھ سرتھل دیوی تام
کِہن ہِندی گھرن منز بولہٕ ینہٕ واجنہٕ کشتواڑی بولہٕ ہِند غالب
لہجہٕ بلمارکے لہجہٕ مانُن یبوان، تہٕ کیازِ اَندی یکھی چھین بولِن ہِند

بالہٕ کوٚتن ستۍ پیپر وٚستھ تیز نوکل کنین ہُند گول آرٕ کنہٕ بنگ ہیوٗ عمل باسان ییمہٕ کنہِ خود کنہٕ ہند یہ جواب تہٕ پوز مانُن پیوان چھُ زِ کنہِ گول کتھ پاٹھۍ بنیہ تیکھ دوٚپنکھ ڈُلہٕ گرٛژھی گرٛژھی۔ ڈُلہٕ گرٛژھی گرٛژھی گول بنکس وبوہارس کُن توجہ کران تہٕ پین اَسہٕ زٕ درجہ مقرر کرنہٕ ییتھ تحت میانہٕ اندازٕ موجُب کشتواڑی بولہٕ قدیم آسہٕ باوجود کم قدیم بوٚلی تہٕ پوگلی بولہٕ بہرحال قدیم تر بوٚلی وَنُن پییہٕ۔ پرٛتھ ہش راے گنس کانہہ ورژھنے کرنہٕ بجایہ روزٕ بہتر کشتواڑی بولہٕ ہندس سماجی پوٚت منظرس نبستھ گریرسنس نش نظر انداز گاہژ سوکتھ بروٚنھ کُن اَنُن یوسہٕ یمن دون قدیم بولین سنزہٕ ستۍ ووتلان چھییہ لہاذا کرہ بہ گریرسن ہندین خیالاتن کُن اکی ژھالہٕ ترنہٕ خاطر صرف اکھ درجن ژھوٚٹ کاشُری جملہٕ جدید ہیتھ قدمس کُن یا معلومہ ییتھ نا معلومس کُن گرٛژھنہٕ کس اصوٗلس تحت کشتواڑی تہٕ پوگلی جُملَن لرِ تھوٚتھ پیش ییتھ زن تہٕندس زبان شناسی ہندس صلاحیتس کشتواڑیک مطالعہٕ محض یِمنہٕ زبانی ہندِ ییتھ کالک مطالعہٕ باسہ۔ اَمہٕ ترتیبہٕ موجُب چھُ گوڈ کاشُر جملہٕ پتہٕ کشتواڑی تہٕ پتہٕ پوگلی جملہٕ تگہٕ تگہٕ تھونہٕ یوان ییتھ پاٹھۍ:۔

| پوگلی جُملہٕ | کشتواڑی جملہٕ | کاشُر جملہٕ |
| --- | --- | --- |
| اس گرٛژھم بازر | اَہسی گہٕژھو بازار | ۱. اَسی گرٛژھو بازر |
| تہٕ کُت چھُ نوٚکس گونڈمت | ژرٕنہٕ کیا چھُتھ سوشیر گونڈمت | ۲. ژرٕنہٕ کیا چھے کلس گونڈمت |

بسن والین کاشرن ہنز بولی گُلہم پاٹھی اَکے اہمار ہاوان تہٕ امہ لحاظہٕ چھُ لسانی مطالعک وسیع ترٕ دایرٕ کاشر زبانی ہندِس معاملس منز بنگم گُدلہٕ ییتھ سلہ دارِ گُدس نام خاص پاٹھی قابلِ توجہ بنان ۔ ییلہٕ اسی یہ کتھ تسلیم چھِ کران زِ کاشر زبان چھےٚ اکھ سیٹھہٕ پرانی زبان یہ زبان چھےٚ صدی وادن ییٚمن زبانن ہندین اثرن تل یوان روزمرٕ ۔ ییمہ کنہ امیک لفظہٕ راش سیٹھاہ متاثر چھُ سپدان روزمت ۔ اماپوز امکین لسانی امبرن ہندین بنیادی اہمارن چھنہٕ تبدیلی پدتھ ، ییچہٕ تبدیلی آسنہٕ ممکن تہٕ ۔ وون گوو تمن اہمارن قدیم ترٕ لفظہٕ راشہٕ سان زٕتھرنک امتیاز وُچھنہٕ خاطرٕ پییہ اسہ بہرحال قدیم کشتواڑی تہٕ قدیم ترٕ پوگلی بولہٕ پرنہٕ پاٹھی سٕنن ۔ ییتہٕ نس خاص پاٹھی کشتواڑیس نسبتھ گریرن ہندِ مطالعہ کتھ کرنہٕ برونٹھ چھُم زٕ کتھ وَننہٕ ضروری باسان ۔ اکھ یہ زِ اگر اسی کاشرکین قدیم ترٕ اہمارن تام واتن یوہے چناب دریاوکین خوفناک کھنگرن تہٕ بالن ییتھ واقع زٕندر تہٕ باگا ناوچین دون بالہٕ کولن تام واتن ہیو فرض کرو تیلہٕ ہیکو اسی "چھُ" بدلہٕ "تھ" تہٕ "ر" بدلہٕ "ڑ" ورتاوہٕ کین اہمارن وٕیتھ ہندین پانژالی آگرن ہندسٕہ آب وُنتھ لیُس وہ پر زبانن ہندین حملن ستی ہشر گُوٕن والین روٕد چھلین ہندِ ذریعہ گرٕتھ رنگہٕ بالہٕ کولن منز گوٕزن چھُ ہیوان تہٕ بیتہٕ لیُس رٕسہ رٕسہ ہمان نہٕ میدانی علاقن منز وُستھ شوٕد تہٕ صاف بنان چھُ ۔ دوٚیم کتھ ییٚیہ تیٚلہٕ یہ مانہٕ زِ زٕ تہٕ تھ ہتن آوازن ہند صوتی ارتقا یا پھوہریہ ییتھ پنچارس کن پکن چھُ

پیٹھ ختم گرژھن والین سنسکرت، عربی تہٕ فارسی پیٹھ ژٹمتین لفظن
کأشرِس منز واحد جمع (یا NUMBER) تہٕ مذکر مونث (یا GENDER)
بناوُن ورِز تہٕ میلان مثلاً زیٹھ رات وُنتھ زیچھ راژ یا اکھ دوات وُنتھ
وارِیاہ دوأژ وَنہٕ ستیٖ۔ دوٗیم لوٗگ اَسہِ یہِ باس زِ بیکنڈ پرسن یا حاضر ضمیر
کہو جمع صیغو خاطرٕ تہِ تہٕ تہند لفظ ورتاوِتھ چھِ اَسی ژریہ علاوٕ ت آواز
تہٕ ضمیر مفہوٗمس اندر کأشرِس منز کنہِ حدس تام PARTLY ڈنجِ تھوٚوتھ۔
ترییم سپُد یہِ انداز زِ یُس فعل اضافی یا AUXILIARY VERB
ژریہ آواز ہندی پأٹھی کأشر زبأنی ہند امتیأزی نشانہٕ "چھُ" شکلِ منز
زانہٕ چھُ یوان، سُہ چھُ کشتواڑی یَس منز خاص پأٹھی "تھُ" بنان ییلہِ
زن پوگلی یَس منز تہٕ یہِ گاہ بگاہ "تھُ" بنان چھُ۔ ژوٗرم سپُد اَسہِ یہِ
اندازہٕ زِ کأشرِس منز پوٗرٕ زیچھر سان ورتاونہٕ یِنہٕ وول ہینو چھُ کشتواڑی
بولہِ منز اَڈہنا ژھوٚٹِتھ موہنو تہٕ پوگلی بولہِ منز پوٗرٕ ژھوٚٹِتھ موٚہن بنان۔
گریرسن چھُ کشتواڑی تلفظچ کتھ کران "لنگوسٹک سروے
آف انڈیا" جلد ۸ صفہٕ ژہس منز ہینو لفظس موہنو بننس کشتواڑیک
بعضے تلی آواز یا VOWEL ژھڑاونُک رجحان زانان تہٕ مثالہٕ
پأٹھی دلیٖک دِش تہٕ ہینوک موہنو بنُن پیش کران حالانکہِ یہِ وُنتھ
چھُ سُہ اوٚڑے پرزر حاطہٕ بند کرُتھ ہیوکُمت اَمہِ رنگہٕ زِ واو تہٕ یے
ہِشن کُلی آوازن یا کانسوننٹن ستیٖ چھُ کشتواڑیُک اکھ بدوٗن تہٕ
مختلف وہوار نظرِ گژھان یُس پتہٕ کأشرِنِ بیٚین بولین تہٕ متأثر کران

| کاشُر جُملہ | کشتواڑی جُملہ | پوگلی جملہ |
|---|---|---|
| ۳، اُسی چھ ژور بینہِ تہٖ زٕ بایے | اُسی تھ ژور بینہِ تہٖ زٕ بھایہ | اس چھیم ژور بینہ تہٖ دہ بارہٖ |
| ۴، مول چھُ کُنِے زوٗن زٕنِس گومت | مولوتھُ اکُلے ژورٕبن گیومت | بوب چھُ یکلُے کاٹھن گومت |
| ۵، موج چھےٚ شیچوس ژوٹ کھیاوناوان | ماجِ تھِ بوکُتس منجی کھاون | ماں تھِ بکُتس منڈی کھاولتہ |
| ۶، آسمانس پیٹھ چھِ نہ تارکھ نظرِ یوان | نبس پیٹھ تھوزی تاری نظر یوان | اسمونس پانتھ تھوڑی تارگن نشینہ ییتہ |
| ۷، فکر مہ کرُ اسی واتوٗ صبح سلی | فکر موکر اسی واتو رُزی (باشمہٕ گری) | فکر ماکرہ اس واتم رچی (یاہگے) |
| ۸، تو ہے کیتیاہ گژُن چھو | توہہ کرشا گوتر تھو | تُسن کیتکھ گوترہ چھ |
| ۹، اَز چھ دوہ بڈہ وزوٗگ | ازتھ دُد بڈہ دُزگ | از چھُ دُد بڈی دُزگ |
| ۱۰، ترن دوہن چھ یٚزکالہ پیٹھ جگڑہ چلان | ترن دوہن تھُ واراہ کالُک جھگڑہ ہنٹھن | تینون دن چھُ ہگے پہن جھگڑہ چلوتہ۔ |
| ۱۱، کاٗلہ کیتہ چھ اَسہ امتحان شروع | ترزدس چھُ اسہ امتحان شروع | چوندس چھُ اسن امتحان شروع |
| ۱۲، ژٕ چھکھ بڈٕ قابل مہنیو | ژُ تھکھ بڈہ قابل مہنو | تہ چھوس بوڈ قابل مھون۔ |

تٔلتون یوہے ہم جملہ گریرسن ہندِ مطالعہ کس تناظرس منز۔

خاص کرِتھ اکہ گوڈنکہ زِ تہٖ یتھ اکھ لفظ یم کاشرس منز ژٕ چھکھ بڈٕ قابل مہنیو۔ کشتواڑی یس منز ژُ تھکھ بوڈ قابل مہنو تہٖ پوگلی یس منز ژُ چھوس بوڈ قابل مھون۔ تقطیع کرہٕ تہ نیو اَسہٕ گوڈنیتھے زِ کاشرچ ژ یہ آواز چھےٚ ہند آریایی کیو ہند یورپی تہٖ سامی زبانن ہنز۔ آوازِ ہنز نعم البدل، SUBSTITUTE آسنچ حیثیت تھوان تہٖ اکھ ثبوت چھُ اسہٕ ت حرفس

گرزا سنز بس سلر ہتہٕ سُلوٗ
سُلرن بہٕ چھُس ننُدا سنز

---

۵۲ زیرٕ میون اوس امرتہٕ گوٗرو
گو گورس تہٕ ژاٹھا ژوٗ رٗو

۵۳ آنگن ناد کران چھو ہونٗو
بایو میانیو تھو شُنٗ تو
یُیمی ییٚتہٕ وٚووُ تمٕ تتہٕ لوٗنوٗ
ہوٗن چھُو کران وَو باوَو

---

امہٕ کلامچ مختصر تقطیع چھیہٕ حاضر۔ سَمے ییٚلہٕ ووت. بجایہٕ سمے ییٚلہٕ ووتُو۔ موٗد بجایہٕ موٚرُوٗ۔ (یتھ کُن بجایہٕ یتھَن) کمٕ دیُت. بجایہٕ کمٕ دِتوٗ سُلہٕ بجایہٕ سُلوٗ۔ امرتٕ گوٚر بجایہٕ امرتہٕ گوٚرور ۔ ژوٚر بجایہٕ ژوٚروٗ۔ ہوٗن بجایہٕ ہوٗنو (بوٗزتوٗ بجایہٕ شُنٗتوٗ) ڈٗو بجایہٕ وٚووٗ تہٕ لوٗن بجایہٕ لوٗنو۔
ادبی سوٚتھرس پیٹھ ہیکو اَتھ شاعرانہٕ مجبوری تحت لفظن بدلاونہٕ آمُت آسے تہٕ وُنِتھ مگر لسانی سوٚتھرس پیٹھ چھُ یہٕ اکہٕ فالتو واو آوازٕ ہندِ حیثیتہٕ قابل توجہ بنان۔ امہٕ آیہٕ فالتو "ے" ورتاونکُ رجحان تہٕ چھُ کاشُرس کشتواڑی اثرکُ دیُت باسان۔ مثلاً کلامہٕ شیخس

چھُ گوٗمُت۔ مثالے واوچ کتھ کران چھُ ہند آریائی زبانن تہٕ ہند یوٗرپی
لِسانی قبیلن ہُند قدیم رشتہٕ یاد پاونکہِ انمانہٕ انگریزی کِس MAN لفظس
نکھ پوگلی بولہِ ہُند موٗہن لفظ باسان۔ مگر یتھین واریاہن پوگلی انمانہٕ ٹھیٹھ
لفظن کاشُر آسے دِنہٕ خاطر کوٗر کشتواڑی بولہِ "پوٗنتُس" واوٗ آوازہٕ ہُند
اضافہٕ مثلاً موہَن بنیوو موہنوٗیس بُتھہٕ پہن ٹھیٹھ کاشرِس منز مہنیوو بنیوو۔
واو کانسونَنٹکہِ اضافچہِ زٕ زوٗر مثالہٕ یوٚدوَے اَسہٕ ہمسایہٕ زبانن ہُند
اثر ہاوِنہٕ رٕنگہٕ بٹہٕ مالِنس بُٹہٕ مالو، واٚلیس واٚلیو احمد ولد لسہٕ ناوس
احمد وولد لسو تہٕ "پرٕ" لفظس "بوٗ" تلفظ کرناوتھ عٔ مشراوتھس جانانہٕ زٕ یہٕ
کریاد ہیمے بوو ہوی نغمہٕ گیوناوان چھُ۔ اما پوٚز لِسانی ارتقاہس کتھ کران
چھیہٕ اَسہٕ اَمہِ رجحانہٕ چہِ بے شمار مثالہٕ حضرت شیخ العالمؒ ہندِس کلامس
اندر تہٕ لبنہٕ یوان یِم براہِ راست کشتواڑی بولہِ ہند اَثر کشیرِ منز
عام گرنچ حیثیت تھوان چھِ۔ یِہِنز آبائی سلسلس، یِہِنز اُکس
خلیفس تہٕ یِہِنز نظریس نسبت اظہار کران چھِ تم فرماوان۔

ع ۱ ۔ دٕرٕ پتا سنزِس سمے ییٚلہِ ووتُس
یوٚت پتہٕ رۄدُس رنگا سنز
رنگاسنز ییٚلہِ رَن منز مرُد
پتھن رۄدُس ہنز سنز
ہنز سنزِس سنت کمُی دِتوٗ
اَکھ سنت رۄدُس گرزا سنز

عام "چ" آواز "ژ" ہس منز بدلاونک رُجحان کاشرِ کِ پاٹھۍ پوگلی تہٕ
کشتواڑی دوشونی منز اکی تنوبسہٕ لبنہٕ یوان چھُ مثلاً چادر بدلہٕ ژادر،
چلنا بدلہٕ ژلُن، چھنا بدلہٕ ژارُن، چور بدلہٕ ژوٗر بتیر مگر گیئرشَن جایَن
چھُ کشتواڑیس امیکُ رُجحان غالب آسنک باس لگان مثلاً پگھہ
لفظ خاطرٕ پیٹھ کنہٕ درج جُملَن منز پوگلی رُچی بدلہٕ رُژی ورتاوُن سینسکرت
زاو زبانَن منز شینہٕ تہٕ "ہ" آواز اکھ اُکس بدلہٕ ورتاونہٕ ہنس متعلق تہٕ
چھُنہٕ کشتواڑی بولہٕ ہُند کاشرس تہٕ پوگلی بولہٕ ستۍ مطابقت نہٕ تھوَن
وول ولوہار گریرسنَن محسوس کرِتھ ہیوٗکمُت مثالہٕ پاٹھۍ پوگلی بولہٕ
منز شو پیٹھ دَنہٕ. برعکس کاشرِ کِ پاٹھۍ کشتواڑی بولہٕ ہُند ہاپھ لفظے
ورتاوُن اماپوز کاشرچہٕ کلہٕ ہیر وَنہٕ بجایہٕ کشتواڑی بولہٕ منز شیر لفظ
ورتاوُن مگر انھ برعکس کشتواڑِیَس منز "بوزِتو" خاطرٕ کلام شیخ العالمؒ
منز ورتاونہٕ آمُت شُنتو 'لفظک' ورتاو کم کرِتھ بوزِتو لفظ ورتاوُن
یِیلہٕ زَن پوگلیَس منز اَمہٕ خاطرٕ ہنو یا خُدا رُچھن ورم کھنکہٕ منفہومہٕ
سان ہنتھا ہیوٗ لفظ اَمہٕ خاطرٕ وَرتاوُن۔ مگر یتھ تنقید کرنہٕ برونٹھ
یتھ کُن اِشارہٕ کرُن تہٕ چھُ لازِمی باسان زِ کشتواڑِ یُک مطالعہٕ کرَن
وِزِ چھُ گریرسنس بالواسطہ کشتواڑی بستی منز گژھنک موقعہٕ
میلنہٕ بجایہٕ ثانوی درجہٕ کِس تحقیقی موادس پیٹھ انحصار کرُن پیوٗمُت۔
مثالہٕ پاٹھۍ رایل ایشیاٹک سوسائٹی ہندِ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمژ گراہم
بیلی ہنز کتاب "THE LANGUAGES OF THE NORTHERN HIMALAYAS"

اندرہے گٹے، یوٚہے تہٕ رٹے لفظن پوٚتس یمہٕ آیہٕ نگہٕ ون "یے"

گہلہ ونہٕ زن گیم گٹے، بتھ یپے موٚٹھم تار

ژُچھکھ اندتہٕ اکھ کوٗمے رٹے بارخدایاپاپ ہنوار

حالانکہٕ حضرت شیخس اوس ونن گہلہ ونہ زن گیم گرٹہ بتھ آم یپ تہٕ موٚٹھم تار - ژیٖلہٕ اندکن ہیتھ وچھان روزہم تیلہٕ کس رٹہٕ مے اکھ بارخدایا میانی پاپ بخش - لفظس پوٚتس نگہٕ ونہٕ "یے" آوازٕ چھ کاشرس منز کشتواڑی بولہٕ ہندی پاٹھی اکہٕ حرفہٕ نداہک یا نادلاین دالہٕ حرفک درجہ تہٕ حاصل تہٕ زن گوو ییٚتہٕ آسی مذکر اسمن آلو دنہٕ خاطرٕ الف حرف یا واو حرف ناوس پوٚتس لاگان چھ مثلاً سُلا، لسا یا سُلو، لسو تہٕ چھ مونث اسمن آلو دنہٕ خاطرٕ ناوس پوٚتس "یے" آوازٕ ہند استعمال یدان - ٹاٹھنیارہٕ یا ہزلہٕ سان آسہٕ ونن تہٕ لوکٹہٕ "یے چہٕ" آوازٕ منز - اوبرٕ گوبر تہٕ تاکیدہٕ سان آسہٕ ونن تہٕ بڈٕ یے چہٕ آوازٕ ہیٚتھ دیاو تراوتھ - مثلاً لوٗچی، ویسی، موجی نتہٕ لوچیے، ویسیے، موجیے بیتر "ڑ" تہٕ "ژ" آوازٕ نسبتھ تہٕ چھ کشتواڑی بولہٕ ہند ولوہار کینژن صوٗرژن منز - عام کاشرٕ تہٕ پوگلی بولہٕ کھوتہٕ رژھا مختلف - تہٕ زن گوو "ڑ" آوازٕ ہندس سلسلس منز چھ یہٕ مرازکین گرٹہ تہٕ کوٗرڈ لفظن رژھ کھنڈ تیز راوتھ شہر سرنگرکہٕ آیہٕ "ڑ" ہیچ لرٹکہٕ یا لڈآے لفظن ہنز - ہش آواز کڈان ییٚلہٕ زن پوگلی بولہٕ منز یہٕ آواز "ڑ" کین سرحدہنے منز - تھدان چھیہٕ بلکہ باتے ہند آریائی اثرٕ سان مثلاً گھرٹ تہٕ کرٹی ونتھ - ییتھے پاٹھی یوٚدوے

انکار یا الوپ بجایہ الوپک وَنُن ظاہر چھُ کران ۔ یتہٕ گریرسن یِمہٕ کتھہٕ ہُند صحیح اندازٕ لاگان چھُ زِ کاشرِس منز یِمَن لفظن عام پاٹھی پوٚتُس ہے آواز لگان چھیٚہ تِمن چھنہٕ کشتواڑی یَس منز اکثر یہ آواز قٲیِم روزان مثلاً بہ کھیمہٕ بتہٕ بجایہ وَنُن تِم بہ کھیم بت ۔ یتھے پاٹھی گرٕ بجایہ گھر، اُتھ بجایہ ہتھ ۔ حالانکہ یہ صورتِ حال تہٕ چھنہٕ مستقل پاٹھی پرینتھ لفظ سِلسِلس اندر اُتھِ لبان، کاشرِس برعکس چھُ کینژن لفظن پوٚتُس کشتواڑی تہٕ پوگلی بولین منز ۔ آوازِ ہُند اضافہٕ سپدان یتھ کُن گریرسنن صحیح توجُہ چھُنہٕ کرِتھ ہیوٚکمُت مثلاً اول بجایہ اولُ وَنُن ۔ وَنُن بجایہ اُشنُ وَنن ۔ اوٚدر بجایہ اوٚدرُ تہٕ ادم بجایہ ادمُ بیترِ وَنُن ۔ یتھے پاٹھی یٚیتہٕ گریرسن کشتواڑِیَس منز کینژن لفظن ہندِس ژھوٚٹراونہٕ ہنٛس اکھ رجحان زانُن چھُ ہیوان مثالے توٚمُل بجایہ توٚمُلُ، پوٚنی بجایہ پنٛز، وتھرُن بجایہ آتھر، ژھاوُل بجایہ ژھیل، تراس بجایہ تراہ، تارکھ بجایہ توٚر یا ٹوٚر تہٕ جاناوار بجایہ جانور بیترِ ۔ تتہٕ چھنہٕ گریرسن اتھ رجحانس کُن توجہ کرِتھ ہیکان زِ کاشرِ برعکس چھُ پوگلی بولہٕ ہندی پاٹھی اتھ منز بیٚین ہند آریٲیی زبانن ہِتی رلہٕ وُن سہٕ آے نظرِ گژھان یُس کینژن کاشرِن لفظن وُنہٕ زیچھر سان یا مُنزِم vowel زیٹھراوِتھ درتاونگ روادور چھُ مثلاً یُزمن بجایہ یُزمان ۔ زامتُر بجایہٕ زامانٛترُ، مہنٛزِ بجایہ مہارینٛز تہٕ مہرازٕ بجایہ مہارازٕ بیترِ ۔

البتہٕ چھُ گریرسن یِمہٕ کتھہٕ ہُند صحیح اندازٕ لاگان زِ کاشُر

یا امہ پیٹھ خوگراہم بیلی ہستہ طرفہٕ تہٕ کشمیر دربارکہٕ طرفہٕ میسر سپدن وآلی کیہنہ نوٹ۔ تاہم گرئیرسن سُنز ہِندی اندازہ چھنہ تمہ تنوظرٕ نشہٕ ڈالی متہ یس کاشرچھن پرٛھن قدیم بولبن ہندہٕ مطالیعہ کوٗنز امہ کس ہند آریائی زبانو کھوتہٕ مختلف گرامرس قرار دِوان چھُو۔

حالانکہٕ کشتواڑی بولہٕ ہند وارٛاگی جُملت IRREGULAR SYNTAX چھُ تس کتہٕ کور پریشان کران۔ مثلاً کاشرِ خاطرٕ تسلیم کرنہٕ آمتہٕ SVO لفظ ترتیبہٕ برخلاف ییتھی ہوی SOV لفظ ترتیبہٕ وٲلی جملہٕ بوزٕتھ

۱، تتھ مُلکس منز وۄتھ دڑاگ وُننہٕ بجایہٕ تتھ دیٖسس منز کال پیوٚو۔

۲، مانٛز اکھس لاگُس واج بجایہٕ مانٛز ہتھس آنٛکھچ لاگُس

۳، تمیٚ دوٚپ بئنس دِلس ہتی بجایہٕ تمیٚ پئنس دِلس ہتیٚ زوٚبُن

۴، میٚہ کوٚرہٕ زانہہ چانس حُکمس ادل بدل بجایہٕ زنتھ زانٛہ حُکمس ادل بدل نہٕ ہنتھس بیترٕ۔

کشتواڑی جُملیچ مجموعی صورتِ حال چھنہٕ یہ بلکہ بوزو اُسی عام کشتواڑہن نش یہے جُملہٕ ییمہٕ انٛداز تہٕ۔ تتھ دیٖشس منز پیوٚو کال۔ مانٛز ہتھس لاگُس آنٛکھچ تہٕ تمیٚ زوٚب پئنس دِلس ہتیٚ بیترٕ۔

یہٕ شاذو نادر ولوہار چھُ تتھے ییتھ لفظہٕ راشگ شاذونادر ولوہار کشتواڑیس منز اُچھ بجایہٕ اَچھ، ییتی بجایہٕ اِتی، چھانُن بجایہٕ زانُن، سرانٛہ بجایہٕ ناوُن، دوہ بجایہٕ دُوس، لوسنہ بجایہٕ درِلگُن، آنکار بجایہٕ

انکار یا الوپ بجایہ الوپک وٚنُن ظاہر چھ کران ۔ یِیتہٕ گریرسن یمہٕ کتھہٕ ہُند صحیح اندازہٕ لاگان چھُ زِ کاشرِس منز یِمن لفظن عام پاٹھۍ پوٚتُس ہے آواز لگان چھیہِ یِمن چھِنہٕ کشتواڑی یَس منز اکثر یہ آواز قایم روزان مثلاً ہہ کھیمہ بتہٕ بجایہ وٚنُن تِم لہ کھیم بت ۔ یِیتھے پاٹھۍ گرٕ بجایہ گھر، اَتھ بجایہ ہتھ ۔ حالانکہ یہ صوٗرتِ حال تہٕ چھِنہٕ مُستقل پاٹھۍ پرتھ لفظ سِلسلس اندر اَتھِ یِوان ، کاشرِس برعکس چھُ کینژن لفظن پوٚتُس کشتواڑی تہٕ پوگلی بولِن منز ۔ آوازِ ہُند اضافہٕ سپدان یتھ کُن گریرسنن صحیح توجہ چھِنہٕ کرِتھ ہیوٚکمُت مثلاً اول بجایہ اوٗل وٚنُن ۔ وٚنُن بجایہ اشہٕ وٚنن ۔ اوٚڈر بجایہ اوٚڈر تہٕ ادم بجایہ ادم بیترٕ وٚنُن ۔ یِیتھے پاٹھۍ یِیتہٕ گریرسن کشتواڑیَس منز کینژن لفظن ہندِس ژھوٚٹراونہٕ پتس اَکھ رجحان زانُن چھُ ہیوان مثالے توٚمُل بجایہ توٚمُل ، پوٗنی بجایہ پنِ ، وٚتھرُن بجایہ آتھر ، ژھاوٗل بجایہ ژھیل ، تراس بجایہ تراہ ، تارُکھ بجایہ توٗر یا ٹوٗر تہٕ جاناوار بجایہ جانور بیترٕ ۔ تہٕ چھِنہٕ گریرسن اَتھ رجحانس کُن توجہ کرِتھ ہیکان زِ کاشرِ برعکس چھُ پوگلی بولِہ ہندی پاٹھۍ اَتھ منز بیٚین ہند آریائی زبانن ہتی رلہٕ وٚنُن سُہ آے نظرِ گژھان یُس کینژن کاشرِن لفظن وُنہٕ زیچھر سان یا مُنزِم VOWEL زیٹھراوِتھ وَرتاونگ روا دور چھُ مثلاً یُزمن بجایہ یَرمان ۔ زامتُر بجایہ زامترٕ ، مہرینِز بجایہ مہارِنز تہٕ مہرازہٕ بجایہ مہارازہٕ بیترٕ ۔

البتہٕ چھُ گریرسن یمہٕ کتھہٕ ہُند صحیح اندازہٕ لاگان زِ کاشُر

یا امہِ پتہ خوگراہم بیلی ہندِ طرفہ تہٕ کشمیر دربارکہِ طرفہ مییٚر سپدٕن واٲلی کینہہ نوٹ۔ تاہم گرئیرسن ہندی انداز چھہِ تمہِ تنوظرِ نشہ ڈٲلِتھ تِس کٲشرِ چین پزٕھن قدیم بولیٚن ہندِ مطالعہٕ کوٗنہٕ امہِ کِس ہند آریائی زبانو کھوتہٕ مختلف گرامرس قرار دِوان چھہٕ۔

حالانکہِ کشتواڑی بولِہِ ہند واراگی جمٕلت IRREGULAR SYNTAX چھہٕ تس کتہِ کور پریشان کران۔ مثلاً کٲشرِ خاطرِ تسلیم کرنہٕ آمتہ SVO لفظہٕ ترتیبہٕ برخلاف بیٚچھی ہوی SOV لفظ ترتیبہٕ واٲلی جملہٕ بوزٕتھ

۱، تتھ مُلکس منز ووٚتھ دزاگ وَننہٕ بجایہِ تتھ دیٚسس منز کال پیوٚو۔

۲، ماٗنزِ اکھس لاگُس واٚج بجایہِ ماٗنزِ ہٮ۪تھس آنکھج لاگُس

۳، تمٕ دوٚپ بنہِ دِس ہتی بجایہِ تمٕ بٮ۪نِس دِس ہتی زوٚبنٕ

۴، میٚہ کوٗرہٕ زانہہ چانِس حکمس ادل بدل بجایہِ زنتھ زاۓ حکمس ادل بدل نہٕ ہنتھس بیترِ۔

کشتواڑی جملیٚن مجموعی صورتِ حال چھہِ یہِ بلکہ بوزو اَسی عام کشتواڑبن نش یہٕ جملہٕ ییمہِ انہانہٕ تہٕ۔ تتھ دیشس منز پیوٚو کال۔ ماٗنزِ ہتھس لاگُس آنکھج تہٕ تمٕ زوٚب بنہِ دِس ہتی بیترِ۔

یہٕ شاذو نادر وبوہار چھہٕ تتھے یُتھ لفظہٕ راشک شاذو نادر وہوہار کشتواڑیس منز۔ اُچھ بجایہِ اچھ، ییٚتی بجایہِ اتی، چھانٕ بجایہِ زاژن، سرانٕ بجایہِ ناوٗن، دوہ بجایہِ دٕوس، لوہہ بجایہِ درِلگن، آنکار بجایہِ

پاک بجایہِ پاکھ تہٕ پوشاک بدلہٕ پوشاکھ وٕنہٕ کِس صوٗرتس منز۔

کلُہم پاٹھۍ چھُ گریرسٕن سُند کشتواڑی بولہِ نِسبتھ مطالعہٕ اکہِ پرزلونہٕ میلہٕ کنہٕ ہنز حیثیت تھوان۔ سُہ چھُ کشتواڑی کاشرِچ ماجہٕ بولی مانان یا نہٕ مانُن فاصلہٕ بہرحال پرٛن والین پیٹھے تراوان یُس تمہٕ ہندِ احتیاط پسند ماہرِ لسانیات آسنُک اکھ بوڈ ثبوت بانان چھُ۔

زبان یوّدوے۔ بحیثیتِ مجموعی دونٔ بھ، جھ، دھ، ڈھ، ڑھ تہٕ گھ ہشہٕ ہکاری آوازٕ ورتاونس رُوادور چھینہٕ باسان اما پوٗز کشتواڑی بوٗلی چھیہٕ پوگلی بولہِ ہندی آیہٕ یمَن ہکاری آوازن وُنہٕ پوٗر پاکھٕ ادا کرٕتھ ہیکان مثلن تم ونَن تی یہٕ گاندھی بھون اردوٗ رسم خطس منز پرٕنہٕ ییہٕ۔ اَتھ سلسلس منز چھیہٕ گریرسن ہنزٕ یمہٕ کینہہ کتھ قابلِ توجہ بنان ییلہٕ سہٕ وَنان چھُ زِ کشتواڑیک (گرمُکھی آیہٕ راٗیج) رسم الخط چھُ شمالی پنجابہٕ کس ٹنکری رسم الخطس ستی رلان۔ اَمہِ خطچہٕ صوتی علامژ چھیہٕ سیٹھے ناقص بلکہ پرٕیتھ رنگہٕ نامکمل۔ خاص کرٕتھ چھیہٕ لفظس منزس لگہٕ ونی صوتی علامژ یا MEDIAL VOWELS ورتاونس منز تھوس پوان۔ تاہم چھیہٕ زیچھ صوتی علامژ رٔھوچن صوتی علامژن ہنزی شکلہِ تحت ورتاونہٕ پوان۔ اَتھ سلسلس منز چھُ گریرسن کُو آوازو "چ" تہٕ "چھ" آوازہٕ ہند خاص ذکر کرٕتھ وَنان زِ کاشرس مقابلہٕ چھیہٕ بعضے یمہٕ "س" تہٕ "ز" آوازن منز ووتلان باسان تہٕ بعضے "تز" تہٕ "تزھ" آوازن منز۔

گریرسن چھُ بنہٕ تحقیقی وَرتہٕ منز حائل مشکلاتو باوجود ییمہٕ کتھہِ ہُند تہٕ صحیح نشاندہی کرٕتھ ہیوکمُت زِ کاشرس برعکس چھُ کشتواڑی بولہِ منز یم لفظ ہکاری آوازن منز بدلنہٕ ورآے ادا کرٕنچ ہنج وُنہٕ موٗجود یم پ، ت، ٹ تہٕ ک ہیون یا CONSONANTS کُو اچھر آوازن پیٹھ ختم گژھان چھِ۔ یم آوازٕ چھیہٕ کاشرس منز اکثر ہکاری آیہٕ ادا کرٕنہٕ پوان مثلاً رات بجایہٕ راتھ، دولت بجایہٕ دولتھ،

پروفیسر محمد اسد اللہ وانی (جموں)

مترجم:۔ سوم ناتھ پنڈت

# سرآجی بولہٕ تہٕ گریرسن

بوزوَے تہٕ ریاستہٕ جموں وکشمیرس منز چھیٖہٕ واریاہ زبانہٕ بولنہٕ یوان مگر یوٚتام ضلع ڈوڈہک تعلق چھُ اتھ ہیوٚ واریاہ پاسٕل لسانی خطہٕ آسہٕ خاپے بیٚنہٕ کانہہ۔ ییٚتہٕ کٲشُر، ڈوٗگری، رام بنی، پوگلی سرآج، کھشالی، کشتواڑی، پاڈری، بھدرواے، گجری، پنجٲبی، گدی بلیسی تہٕ بیٚیہٕ واریاہ بولہٕ بولنہٕ تہٕ سمجھنہٕ چھیٖہٕ یوان۔ یمہٕ بولہٕ بولن وٲلی اگرزن پننین پننین دائرن منز یمن بولین ماجہٕ زیوِ زاتھ بولان چھِ مگر شعوری تہٕ غار شعوری سوٗتھرس پیٹھ چھیٖہٕ یم ریاستچن دون اہم کٲشُر تہٕ ڈوٗگری زبانوٗ ڈٕس پریتھ قدمس پیٹھ مُتاثر سپدان روزمژہ۔ یوٚدوَے یمہٕ بولہٕ گوڈے شروٗ کیٚژ آسہٕ مگر دوٚنی چھِ یمہٕ ہُنہٕ

متعلق چھُ اُمِ سُند ناو سرِ فہرس۔ اَتھِ جِلدِ منز "لِنگوسٹک سَروے آف انڈیا" ناوِ کتابہِ منز چھُ اُمِ ہندوستانچَن زبانَن ہند تفصیلی جایزٕ ہیوٚتمُت تہٕ ستی چھُن لسانیاتکِس موضوعس پیٹھ کٲم کرن والین ہندِ باپتھ بُنیادی مواد فراہم کوٚرمُت۔ یہِ کتھ چھےٚ وکھرٕ زِ گریرسنہٕ ہندین خیالَن تہٕ نظریَس ستۍ ہیکَن اختلافچ وارِیاہ گنجایش آستھ مگر یہِ کتھ چھےٚ تِس شخصہٕ سنز کٲم یمیٚ سٕندِس دِلَس گریرسنہٕ سندِ تحقیقہٕ ڈٟس خیالاتَن وُتش لگہِ۔

گریرسنَن چھُ "لِنگوسٹک سَروے آف انڈیا" ناوِ کتابہِ ہندِس اَوٹھِمِ جِلدِکس دوٚیمِس حصَس منز دردِ زبانَن مُتعلق تفصیلی بحث پیش کوٚرمُت تہٕ کٲشُر زبانی ہندِس زُمرس منز یِنہٕ واجنین زبانَن متعلق خاطرِ خواہ مواد جمع کوٚرمُت، یمَن منز کشتواڑی، پوگلی تہٕ رام بنی علاوٕ سراجی تہٕ یِوان چھےٚ۔

سراجی چھےٚ تحصیل ڈوڈکین وارِیَہن علاقَن ہنز بولی۔ یہِ علاقہٕ چھُ چناب دریاوکہِ بٹھِ پیٹھ پوگلی تہٕ رام بنی بولَن والہِ علاقہٕ پیٹھٕ شروع سپدتھ کشتواڑ تانۍ واتان۔ راج گڈھ، ٹاپ پنل، چک کنڈی دلیہ، بھاگواہ، بجارنی، کاستی گڈھ، سزان تہٕ بھرت ہوین بڈین دہاتَن منز بولنہٕ علاوٕ چھےٚ وارِیَہن لوکٕ ٹین موکٹین گامَن ہندۍ ہنٛدی تہٕ مسلمان یہِ بوٗلی بولان۔ خاص ڈوڈٕ نگرس منز تہٕ چھےٚ یہِ بوٗلی بولَن واجی کینہہ آباد۔ سنہٕ ۱۹۶۱ چہِ

ہنہٕ وارٕ ژھوکان تہٕ کاشُر یا ڈوگری زبانہِ منز زم گژھن ہیوان اکھ وقت اوس یُس تہٕ ییلہٕ زن پانژالہِ اپارٕ سراجی، ڈوگری، رام بنہ تہٕ بھدرواے بولن والۍ کاشرِ زبانۍ ہنٛزٕ خاصکر ناواقف آسی مگر ووٚنۍ چھنہٕ سو حالتھ یم لفظ چھنہٕ کاشرِ زبانۍ ہندِ بجر باسیتھے یوت لیکھنہٕ یوان، بلکہ یہ چھُ اکھ حقیقژ ہند اعتراف تہٕ مثالہِ پاٹھۍ ہیمہٕ بہٕ ضلع ڈوڈہکین دوٚن گامن مرمت تہٕ کیلڈرُہند ناو، یِیتہٕ میٚہ لوکچار چھُ گسودمُت۔ تتہٕ آسی میانۍ لوکچارکی دوس میانِس کاشُر بولنس پیٹھ "زبان یارِ من ترکی و من ترکی نے دانم" دِتھ ٹھٹھہٕ کران۔ مگر از چھ یمنے گامن ہندی روزن والۍ کاشر کران تہٕ پرٛی ہتہٕ لیکھو متہٕ لوکھ چھ اُمکس ادبس پیٹھ تہٕ نظر گزرٕ تھوان۔

اکھ وۄتھ پوچھ تبدیلی یتہٕ کنہٕ یم تہٕ عوامل کارفرما آسی تم چھ پرٛی پاٹھۍ تھیکنۍ لایق۔ مگر یمن لوکچن لوکچن بولین ہندِ اکھ واسہ ستۍ اکھ بڈ زبان بارسس چھیہٕ یوان تمن تحفظ کرُن چھُ حدرُوس ضروری تاکہ یتہٕ واٚس وقتس منز روزنہٕ یہ کتھ محض اکھ افسانہٕ ناوی زِندہ۔

جارج گریرسن چھیہٕ سانِس مُلکس منز زبانہِ ہندِ تحفظچ تہٕ تحقیقچ اپیچ مثال قایم کرمژ۔ اُمی منز یہ کینژھاہ کام سیتھ تہٕ صورژ منز اُسہٕ نش چھیہٕ سو چھیہٕ سانہٕ باپتھ اکھ روشن گاشہٕ منارچ حیثیت تھاوان۔ ہندوستانۍ زبانہِ ہندِس تحقیقس

تہٕ امہٕ علاوٕ چھُن آخرس پیٹھ لفظ، تہِند معنے جُملہٕ تہٕ کشتواڑی، پوگلی تہٕ رام بنٕ زبانَن منز یِہند تقویلی مقابلہٕ بیتر زیوٗٹھ فہرِس تہٕ دیمُت۔ یِمہٕ برکژٕ سِراجی بولہِ متعلق قابلِ قدر مواد چھُ فراہم گژھان۔ یہ ترجمہٕ تہٕ لفظن ہِند ذخیر بُنیاد بناوِتھ چھِنہٕ گریرسَن اکھ راے قایم کرمژٕ۔ سراج تہٕ سِراجی متعلق چھُ تم لیکھان:۔

[ وُچھو انگریزی ضمیمہٕ ۱ ]

سِراجی ہندس شُمالس منز چھُ پوگلی، مشرقس منز کشتواڑی جنوٗبس منز چناب دریاو تہٕ تمہٕ اپور مغربس منز بھدرواے یوسہٕ برونہہ جنوٗب تہٕ جنوٗب مغربس کُن پکیتھ یمیٚن ڈوگری تہٕ پنجابی بیتر بولیَن منز رَل چھِنہٕ گژھان تہٕ اُمکس مغربس منز چھِنہٕ رام بنی بولہٕ یوان۔

سِراجی زبانٕ متعلق چھُ گریرسَن لیکھان:۔

وُچھو انگریزی ضمیمہ ۲

مذید چھُ لیکھان ۔" دوٗیمہٕ طرفہٕ تالوی 'ن' نک آزادانہٕ استعمال چھُ اتھ ڈوگری یس تہٕ مغربی پہاڑی یس سیٹھاہ قریب انان، تہٕ کیازِ یہ حرف چھُنہٕ کاشرس منز موٗجوٗد ے۔ اسم تہٕ یِہند استعمال چھُس ڈوگری طرزس پیٹھ تہٕ ضمیرن تہٕ فعلِ مستقبلن ہندس بناوٹس منز 'انوا' ہُک طرز چھُس لامحل پہاڑی بولہِ ہندی پاٹھی سیٹھاہ زیادٕ۔ موٗخصر پاٹھی یہ مُرکب

مُردم شماری منز یتھ کیہنہ مُحقق اعداد شمار زِنگ زیاد مستند تہٕ صحیح مانان چھِ، چھُ جموں کشیر ریاسژِ زبانَن ہُند تنوسُب شایع سپُد مُت، یَمہِ مُوجوب کاشُر بولن والین ہُند تعداد ۵ء ۴۷ فی صدی چھُ یتھ منز ۱/۲ فی صدی کھوتہٕ زیاد حِصہ سرآجی زبان بولن والین ہُند چھُ۔ گریرسن سندِ ۱۹۱۱ء کہ رِپوٹہٕ کہ حوالہٕ مُوجوب چھِنہٕ یہ زبان بولن والین ہُند تعداد ۱۴,۳۲ یتھ منز ڈوڈی بولن وٲل ستتھ نفر تہٕ شامل چھِ۔ یہ چھُنہٕ پتاہ زِ گریرسنن کتھ چھُ ڈوڈی زبان ناو دیتمُت۔ ممکن چھُ زِ ۱۹۱۱ء منز ما آسہن سرآجی بولن وٲل صِرف ستتھ نفر ڈوڈہ شہرس منز آباد تہٕ تِمن بولہٕ ما آسہِ تمی ڈوڈی ناو دیتمُت نَتہٕ چھُنہٕ اَمہِ ناوِچ کُنہِ تہٕ زبٲنی ہُند اَتھ ضلعس منز کانہہ تہٕ وجوُد۔

سرآجی بولہِ پیٹھ یُس تہٕ تحقیق اَز تام سپُدمُت چھُ تتھ منز چھُ گراہم بیلیس پتہٕ جارج گریرسنہٕ سُندُے ناو سرِفہرس۔ گراہم بیلین چھُ "دی لنگویج آف دی نارڈرن ہمالیاز، ناوِچ کتابہِ منز اَمہِ زبٲنی ہُند ذکر کورمُت۔ گریرسنن چھُ زیادہ تفصیلہٕ سان بحث کورمُت مگر ڈکھ چھُس گراہم بیلی سُندُے اوسمُت، تہٕ کیازِ فضوُل خرچ نِچوُ سُند حوالہ تہٕ بیٚیہ اکہ عبارژ ہُند سرآجی ترجمہ چھُن گراہم بیلیس نشی یِہہ اوُنمُت۔ بیلین آسہ یہ ترجمہ کانہِ سرآجی زبان زانَن وٲلس اَتھی کرنوومُت

چھُ کٲشرِس نِسبَت پنجٲبی زبانَن ہندِس طرزِس پیٹھ۔ یِہنٛد
دۄن چھُ زِ جواب لفظَس منز چھِ کٲشرِکۍ اثرات مۆجود مگر "اِنٛز"
تہٕ اَچِھن اَندرِ آوازن ہُنٛد توضیع کرُن چھُ مُشکِل۔ اَتھ
زبانہِ منز تالِرِ "ݨ" (ن+ڈ) (RETROFLEX
NASAL SOUND) آواز چھیہٕ مغربی پہاڑی یا ڈوگری زبانَن
ہنز، یوسہٕ نہٕ کٲشرِس منز درینٛٹھ چھیہٕ گژھان۔ بے شک پاٹھۍ
"نو" تہٕ چھُ مغربی پہاڑی زبانَن ہُنٛد تہٕ مُرکب اضافی "نو" چھُ
لہندی زبانَن ہُنٛد۔

گریرسن یمَن وجوہاتن پیٹھ سراجی کٲشر زبانہِ ہنٛز ذاتی
شاخ قرار چھیہٕ دِژہِش۔ سُہ چھُ "د" "ت" ہس منز تبدیل
گژھنُک منزِمہٕ "ت" ہُک قایم روزُن۔ "ہائے مختفی" تہٕ
"ہائے مقلوط" ک استعمال۔ گوڈنکہِ "د" لُک تراونہٕ یُن تہٕ
فعل کین گردانَن سِتۍ ستۍ ضمیری لاحقن ہُنٛد کھلہٕ ڈلہٕ ورتاو بیترِ۔
امہِ علاقہِ یوتام زن مصمتن ہُنٛد تعلق چھُ یمَن منز چھِ دردِ اثراتن
تحت واریاہ نشانہٕ میلان۔ "ژ" تہٕ "ز" ہُک عام استعمال
چھُ سراجی منز نظرِ گژھان۔ مثلن ژالنو = چرنا = بڑھیرٕ =
بچھڑا، نژنو = ناچنا، زو = کیا، زبنو = کہنا، زبلہٕ = کب بیترِ

اضافی " اِنوا" چھُس دوٗر مغربس منز بولن واجنہٕ لہندی زبانٕ
ہُند اثر۔

THE ABOVE IS SUFFICIENT TO GIVE A GENERAL IDEA OF THE MIXED CHARACTER OF DODA SIRAJI.[1]

اَمہِ اقتسابہٕ تلہٕ یم تہٕ نتاۓج برونہہ کُن چھِ یوان تمو
تلہٕ چھُ صاف ننان زِ گریرسن چھُ پانہٕ تہٕ تذبذبس منز مُبتلا
اوسمُت۔ یوٚدوَے زن تمی اَمہِ زبانٕ ہُند لب لہجہٕ، مصوتے،
مصمتے، نحو، اِسماتہٕ یمن ہنز مختلف حالتہٕ مرکب اضافی ،
صفاف، صفاف الیہ، اسماے صفت تہٕ یِہند تقویل، اسم
ضمیر یمن ہندی قسم۔ افعال تہٕ اَمچہِ مُختلف ہیٚتر (بناوٹ
معنے تہٕ زمانہٕ لحاظہٕ) قاعدٕ، گرداں، لفظ ووٚتر، جملہٕ تہٕ یِہند
یوگی، رام بنز تہٕ کشتواڑی یس ستی ستی کاشرس ستی تقویل غرض
پرتھ لحاظہٕ مفصل بحث کوٚرمُت چھُ یُس تقریباً وُہن صفن
پیٹھ پھہلتھ چھُ مگر سُہ چھُنہٕ شقہٕ پاٹھی یہِ ہیوٚکمُت وَنتھ زِ
یہِ مانونا مغربی پہاڑی کِنہٕ کاشُر۔ یمن وجوہاتن پیٹھ سُہ اَتھ
کاشر زبانٕ ہنز ذاتی شاخ مانان چھُ مگر بحث کران چھُ سُہ
پانٕ پانے اَتھ خلاف تہٕ ونان، تہٕ کیازِ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ مانان زِ
یہِ چھِنہٕ اکھ مخلوط زبان۔ اَمیک لب لہجہٕ تہٕ باقے استعمال

1. LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G.A GRIERSON VOL. VIII PART II PAGE 433

چھُ کاشرِس نِسبت پنجابی زبانَن ہندِس طرزس پیٹھ۔ یِہِند دَلیٖل چھُ زِ جواب لفظس منز چھِ کاشرِ اثرات مَوجوٗد مگر "اِنٹر" تہٕ اُچینِن اَندری آوازن ہُند توٚضیع کرُن چھُ مُشکِل۔ اَتھ زبانَن منز تالُری "نٛ" (ن + ڈ) (RETROFLEX NASAL SOUND) آواز چھےٚ مغربی پہاڑی یا ڈوگری زبانَن ہنز، لوٚپہ تہٕ کاشرِس منز درینٛٹھ چھےٚ گژھان۔ بے شک پاٹھۍ "نو" تہٕ چھُ مغربی پہاڑی زبانَن ہُند تہٕ مُرکب اضافی "نو" چھُ لہندی زبانَن ہُند۔

گریرسَن یمن وجوہاتن پیٹھ سرآجی کاشر زبانَن ہنز ذاتی شاخ قرار چھےٚ دِژمٕژ سُہ چھُ "د" "ت" ہس منز تبدیل گژھنک منزِمہ "ت" ہُک قایم روزُن۔ "ہاے مختفی" تہٕ "ہاے مقلوط" ک استعمال۔ گوڈنکہ "د" لُک ترادہٕ یُن تہٕ فعل کین گردانن سیتۍ ضمیری لاحقن ہُند کھلہٕ ڈلہٕ ورتاو بیترِ۔ امہِ علاوہ یوٚتام زن مصمتن ہُند تعلق چھُ یمن منز چھِ دردِ اثراتن تحت واریاہ نشانہٕ میلان۔ "ژ" تہٕ "ز" ہُک عام استعمال چھُ سرآجی منز نظر گژھان۔ مثلن ژالو = چرنا = بڑھیرٕ۔ بچھڑا، نژلو = ناچنا، زو = کیا، زبو = کہنا، زبلہ = کبیتر

اضٲفی " اِلوا " چھُس دۄر مغربس منز بولنہٕ واجنہٕ لہندی زبانہٕ ہُند اثر۔

THE ABOVE IS SUFFICIENT TO GIVE A GENERAL IDEA OF THE MIXED CHARACTER OF DODA SIRAJI.[1]

اَمہِ اقتسابہٕ تلہٕ یم تہٕ نتاۂج برونہہ کُن چھہٕ یوان تمو تلہٕ چھُ صاف ننان زِ گریرسن چھُ پانہٕ تہٕ تذبذبس منز مُبتلا اوسمُت۔ یوٚدوَے زَن تمیٚ اَمہِ زبانہٕ ہُند لب لہجہٕ، مصوتے، مصمتے، نحو، اِسماہٕ تہٕ یمن ہنز مختلف حالتہٕ مرکب اضٲفی، صفاف، صفاف الیہ، اسماے صفت تہٕ یہند تقوبُل، اسم ضمیر یمن ہندی قسم۔ افعالی تہٕ اَمچہٕ مُختلف ہیٚشر (بناوٹ معنے تہٕ زمانہٕ لحاظہٕ) قاعدٕ، گرداں، لفظ وۄتُر، جُملہٕ تہٕ یہند یوگی، رام بنہٕ تہٕ کشتواڑی یس ستی ستی کاشرس ستی تقوبُل غرض پریتھ لحاظہٕ مفصل بحث کوٚرمُت چھُ یُس تقریباً وُہنہٕ[2] صفن پیٹھ پھہلتھ چھُ مگر سُہ چھُنہٕ ثقہ پاٹھی یہ ہیوٚکمُت وٕنتھ زِ یہ مانونا مغربی پہاڑی کنہٕ کاشُر۔ یمن وجوہاتن پیٹھ سُہ اتھ کاشر زبانہٕ ہنز ذٲتی شاخ مانان چھُ مگر بحث کران چھُ سُہ پانہٕ پانے اتھ خلاف تہٕ وَنان، تہٕ کیازِ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ مانان زِ یہ چھےٚ اکھ مخلوط زبان۔ اَمیک لب لہجہٕ تہٕ باقے استعمال

---

[1] LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G. A GRIERSON VOL. VIII PART II PAGE 433

مکمل پاُٹھی روُزٕتھ۔ عموٗمن چھُ صرف تنہا "ن" تالوی "ݨ" منز تبدیل گژھان ماسوا ے "نا"، ہیں تہٕ "نژنو"۔ ناچناکس "ن"نس منز۔ یتھٕ پاٹھی تاثری "ن" "ݨ" منز تبدیل چھُ گژھان تیتھے پاٹھی چھُ "ر" تہٕ "ڑ" ہس منز تبدیل گژھان۔ مثلن، "پرٕ" یعنی "پر"۔ مغربی پہاڑی بولہٕ ہندس اثرس تل چھُ تقلیب "ہ" مثلن برٕیا، برائے، "بھرا"، بھائی۔ یم چھ بالخصوص مغربی پہاڑی ہندی۔

نحوکہ اعتبارٕ چھُ اسم جمٗلن منز تہند استعمال کاشرٕ نسبت مغربی پہاڑی بولہٕ ہندس طرزس پیٹھ۔ اسمک واحد تہٕ جمع تہٕ چھُ تمی اندازٕ سپدان۔

گریرسنن یُس تفصیلی بحث سراجی زبانی تہٕ امکس گرامرس متعلق کورمُت چھُ سُہ ییتتھ بیان کرُن چھُ طوالت طلب۔ لہٰذا کرٕ بہٕ ییتتھ صرف تمے نوقطہ تلیخ کوشش یم امِہ کاشرِ نسبت مغربی پہاڑی بولہٕ ہنا زیادٕ ے قریب اُنیچ نشاندہی کران چھُ۔ بےشک چھُ گریرسنن تہٕ وارٕ ہیٖن جاین امہ کتھہٕ کُن اشارٕ کورمُت، مگر یتھ اندازس منز اُمی پیٹھ تحقیقی کام سرانجام دزٕمٕژ چھیہٕ سو چھیہٕ ہنا زیادٕ ے ہیٖن توجُہ طلب۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ گریرسنن چھیہٕ وارٕ ہیٖن جاین سہل ازگاری ورتاومٕژ تہٕ کیازِ کُنہٕ تہٕ زبانی متعلق کانہہ رائے قایم کرنہٕ باپتھ چھُ ضروری زِ تس گژھہٕ تتھ زبانی پیٹھ

کٔنہِ گٔنہِ چھُ "ز" "د" + "ذ" تہٕ بنان مثلن ازاڑنو یا ادزاڑنو یعنے
فضوٗل خرچ کرُن۔

درد زبانن ہنز اہم خصوصیتھ چھیہٕ یہٕ زِ مٔنزیمیُ "ت" چھُکھ برقرار روزان۔ مثلن ، بھوتو = وہ تھا ، مگر دوٚیمہِ طرفہٕ ستھار بھونو = ہو جانا ہس منز چھُ "ت" ترک آمُت کرنہٕ ۔ امہِ علاوٕ چھُ "د" "ت" ہس منز تبدیل گژھان۔ مثلن ، دنت (فارسی) دند یعنہٕ دانت ، دلنت ، کشمیری داند یعنی بیل ، مرکب اضافی "نو" پنجابی "دا" بدلہٕ استعمال سپدان۔ دردٕ زبانن ہند ہاے مختفی اور ہاے مخلوط "بھ" "چھُ" بچھ، بھوک ، برتور سنسکرت بھوتہ ) وہ تھا" لیکن "بھونو" = ہونا تہٕ اُمیک زمانہٕ ماضی "بھوئی" چھہِ اختیاری۔

دردٕ زبانٔن منز چھُ ابتدائی "ر" تراونہٕ یوان مثلن "ریچھ" چہِ جایہ "اِڑھ" یعنی ریچھ، لفظک "ر" چھُ تراونہٕ آمُت۔ مگر سرائجی بولہِ منز چھُ "ش" "ہ" بنان۔ مثلن "شنُو" یا "شا" یعنی "کُتا" چھُ کاشرِس منز "ہوٗن" بنان۔ پتھے پاٹھی چھُ جدید دردٕ تہٕ ہندوستانی زبانن منز "ن" نالوی "ڑ" ہس منز عام طور تبدیل گژھان، لیُس زن پراکرت زبانی ہُند قاید چھُ۔ مگر یہٕ قاید ہیوک نہٕ باقے سارنے جاین

تانٛ وانٛتھ ہیوٚکھمٕت ۔ اَدے کوٚر تٔمۍ گراہم بیلی ہٕندِ ڈٕسی
فراہم کرِ ہنٛس موادس پیٹھے قناعت تہٕ ممکن چھُ یتھ کنہٕ تہٕ
آسن غلطیہ سرزد گامٕژ تہٕ دوٚیم آب تٔمۍ یمن دُشوار گزار پہاڑی
وٚتن ہنٛزِ کیٛنہٕ زبانٛ ہند اصلی رٗوپ زانٛنچ کوٚشش کرمٕژ، تِتہٕ کتہٕ اوس
ممکن زِ لگ بگ پنٛژہن وٚریٛن تانٛ یِہے ڈوٗگری زبان
پنجابی زبانٛ ہُند اکھ حِصہٕ مانہٕ ۔ ییلہٕ زن صوٗرتِ حال اتھ برعکس
اوس ۔ پرٛژھے ہٕش اکھ معموٗلی مثال چھیہٕ بھدرواہی زبانٛ متعلق
تہٕ زِ تٔمۍ آسہے بھدرواہی زانٛن واٛلس کٔس تام شخصس پرٛژھمٕت:
"ڈُریاوس کیاہ چھِ بھدرواہی زبانٛ منٛز وَنان ؟" "ڈُریاو"
لفظُک بھدرواہی ترجمہٕ وَنہٕ بجاے وٚن تٔمۍ بھدرواہ
وادی درمیان وسن والِہ نالُک ناو "نیرُو" ( NEERU ) تہٕ
گریرسن لیوٚکھ "ڈُریاوُک" بھدرواہی مُتبادِل "نیرُو" ۔
پرٛژھے ہٕش وَنہٕ چھیہٕ سراجی زبانٛ ہٕندس "ذو" کس معنیس
متعلق ۔ گریرسن چھُ امیُک معنے "کیا" لیوٚکھمٕت ییلہٕ زن
سراجی منٛز امیُک معنے "کھو" چھُ ۔

یوٚدوے زن کاہنہٕ شخص گریرسن ہٕندِ ڈٕسی ہیٚچھہٕ
لفظ راشٕ ہُند مطالعہ کرِ تہٕ پتہٕ کانہٕ اَن پڑھ انسانس سٟتۍ
کیٛنہٕ زبانٛ منٛز خاصکر سراجی زبانٛ منٛز کتھ باتھ کرِ بییہ
فرق پیہٕ واضح طور یرِوہہٕ کنٕ ۔ بے شک چھُ گریرسن

خاص عبور آسُن یُتھ زَن زبانٕ ہند مزاجہ گرامہ تہٕ بُنیادی ہیتن
مُتعلق آسہِ تَس صحیح زانکاری۔ اَتھ برعکس چھُنہٕ یہِ کتھ سپکس
کھان زِ کُنہٕ تہٕ زبانہِ ہنز عبارژ ہند اکھ حصہ ہِنتھ اَتھ
جُملہِ یا سری نگرس منز ہِہتھ کرناوُ اَتھ ترجمہ۔ لفظو ترکیب
اکھ ذخیرٕ جمع کرِتھ تہٕ برونہہ کنہٕ تھاوِتھ یہ دعویٰ زِ یِمہ
زبانہِ ہُند گرام چھُ فلانہِ زبانہِ ہندِس طریقس پیٹھ، فلانی فلانی
زبانُن ہُند اثر چھُ اَتھ پیٹھ تہٕ اَمہ زبانہِ ہُند اثر چھُ فلانی
فلانی زبانن پیٹھ تہٕ فلانی زبانی منز چھیٚہ یہ دراپھ بیتر۔
دراصل چھِنہٕ کتھ اَتھی ختم گژھان۔ بُنیادی کتھ چھیٚہ زبانہِ
ہُند مزاج تہٕ تمہِ قوانُن مُکمل پأٹھی زانُن ۔ بے شک کیاز
آسہِ تمُ کاشرٕ تہٕ بیٚیہ باقے زبانن مُتعلق واریاہ تحقیق تہٕ
تجسُس سان کأم ہیٚژمژ بیٚیہ زَن رسلہ رسایل تہٕ آمدرفتکہ
سہولیات بہتر آسہن مگر یوگلی، رام ہنٛز تہٕ سرآجی ہوین بولین
ہندِ باپتھ کأژا شناخأری آسہِ تمِ تجرٕ ؟۔
گریرسنٕ ہندِ خاطر آسہ یہ خوش نصیبی زِ تَس
آس سرکارٕچ سرپرستی مگر یہ چھیٚہ سارِوٕے کھوتہٕ بڑٕ تم ظریفی
تہٕ سُہ تہٕ تِتھ موقعس پیٹھ ییٚلہِ بیٚیتہِ ڈوگرہ راج اوس۔ اور پور
گژھنکی ذریعہ آسی سیٹھاہ کم تہٕ وتہٕ آسہِ دُشوار۔ اَمہ وجہ
موجوب آسہِ نہٕ گریرسن زبان زانن والین وارہٕن لوکن

زمانہ حالہ باپتھ چھُ "چھو" فعل امدادی ظاہر کران۔ کیہنہ جمُلہ چھِ مثالہ رٛنگہ پیش :۔

اردو : رام جاتا ہے ۔ سراجی : رام گانچھو

کاشُر : رام چھُ گژھان ۔

اردو : یہ گزشتہ برس کی بات ہے ۔

سراجی :۔ اینگ پروتی گلا چھی

کاشُر : یہ چھِیہ پرُسج کتھ ۔

یمو جملو تل چھُ صاف ننان زِ ضمیری لاحقہ تہ فعل امدادی استعمال کرنہٕ باوجود کوتاہ بنیہ چھُ یمن پانہٕ ونی۔ اتھ برعکس یوٚدوے زن سراجی تہ مغربی پہاڑی بولہٕ ہنز شاخ بھدرواہی بولن والین ہٕ انسان اتھ اکس سمکھن تم ہیکن پننہ پننہ بولہٕ منزے پننہ پننہ زبانہٕ ہند معنے مفہوم اتھ اکس بیٹھ کنہٕ دِقتہٕ ورٲے واضح کرِتھ ۔ کیہنہ جمُلہ چھِ مثالہ رٛنگہ ۔

| اردو | سراجی | بھدرواہی |
|---|---|---|
| میں پڑھ رہا ہوں | اوں پڑھی رہو چھے | اوں پڑھی رہو روا ین |
| وہ جا رہے ہونگے | تین چلورے بھوے | تین ژاورے بھوے |
| میز پر کتاب ہے | میزے پٹھ (پڑ) کتاب چھی | میزے پڑا کتاب اے |
| ہم پڑھیں گے | اہ پڑھلے | اس پڑھلے |

کرشن جاین پیٹھ لفظن ہندس معنیس متعلق پانہٕ تہٕ تعجب کورمت ۔

یپارٕ چھیہٕ سراجی زبانہِ ہنز یہ بدنصیبی زِ اتھ منز چھنہٕ لکہٕ ادبہٕ ورأے بیپہٕ کانہہ تہٕ ادب پارٕ موجود ۔ وونی یہ کینژھاہ لکہٕ ادب موجود چھ سہ تہٕ چھ پہاڑی تہٕ ڈوگری زبانہِ سیٹھاہ قریب۔

وونی چھ سوال یوٚدوے زن سراجی کاشر زبانہِ ہنْد اکھ حصہ چھنہٕ تیلہٕ کتھ زبانہِ ہنْز چھ اکھ واکھ ... یہ یلہٕ تہٕ اَتھ موضوعس پیٹھ سونچان چھس مےٚ چھیہٕ بھدرواہی زبان بروٚنہہ کنہِ یوان تہٕ سوال چھُم ووتلان زِ اتھ کیازِ دٕنو اُسی مغربی پہاڑی بولی؟ مگر یہ سوال تہٕ چھنہٕ امہٕ مسٔلک حل ۔ سوال چھ یہ زِ یوٚدوے ہنگہٕ منگہٕ زِ کاشُر تہٕ بھدرواہی زبان بولن والی یا سراجی تہٕ کاشُر بولن والی پانہٕ وٕنی سمکھن تم ہیکا پتہٕ کتھ باتھ ہند معنے مطلب اکھ اکِس تام واتناوِتھ کنہ نہ یلہٕ زن تم بیپہٕ کانہہ زبان آسن نہ زانان؟ پننہٕ کتھ باتھ منز کرِن تم ساری حربہٕ استعمال یم زن بقول گریرسن کاشر زبان سمجھنہٕ باپتھ ضروری چھہ۔ تہٕ تم فعل امدادی تہٕ کرن استعمال یم کاشرس طرزس پیٹھ چھ مثلن :۔

| | |
|---|---|
| ضمیر واحد متکلم میں لاحقہ "م" | اردو : میں نے کتنے برس تمہاری خدمت کی۔ |
| | سراجی :۔ میٹی کیتائی (کیتراہ) برینٹے تونی خدمت کرڈیم ۔ |
| | کاشُر :۔ مےٚ کتین ؤرِین کرٕ چانہِ خدمت ۔ |

پسند باپتھ "برٛھِڈو"، وٕنہٕ باپتھ "زونو" کھینہٕ باپتھ "ژالو" بیتر لفظ استعمال سپدان۔ یتھے پاٹھی چھُ تالہری "ن" پتہٕ ژھانگ چلن تہٕ۔

یوٚتام زٕن ضمیری لاحقن ہُند تعلق چھُ گریرسن چھُ لیکھان:

PROMINAL SUFFIXES ARE FREELY USED, AND GIVE SIRAJI ITS CHIEF TITLE TO BE CLASSED AS A FORM OF KASHMIRI RATHER THAN OF WESTERN PAHARI OR DOGRI PUNJABI[1]

مگر تو پتہٕ تہٕ چھُ پننہٕ بےبسی ہُند اظہار یمن لفظن منز کران۔

THE RULES FOR THEIR APPLICATION CANNOT YET BE DEFINITELY STATED. AND WE MUST CONTENT OURSELVES WITH EXAMPLES OF THEIR USE[2]

گریرسن سُند ونُن چھُ زِ تسٕ نش یُس ترجمہ کرِتھ مواد آمُت چھُ تتھ منز چھُ "کیوٚریم" "KEORYEM" دوہہ پھِر آمُت یمیک معنے "بیٚے کوٚر" چھُ، اتھ منز چھُ

---

۱۔۲ LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G.A GRIERSON VOL VIII PART II P-450

یِمَو جُملَو تلہٕ چھُ سرٲجی تہٕ بھدرواہی زبانَن پانہٕ وٲنۍ
سیٹھاہ قریب آسنٕچ شہادت میلان۔

وونۍ کرَو اَسۍ گریرسنہٕ سندِ تمہِ بیانٕچ تہٕ اکہِ
لٹہِ وضاحتھ کرنٕچ کوٗشش یِمہِ موٗجوب رٕ سرٲجی کٲشرِ زبانۍ
ہُنٛز چھُ مانان۔ کینہہ نوقطہٕ چھِ یِم۔

"د"، "ت" ہَس منٛز تبدیل گژھن۔ منٛز یُم "ت" برقرار
روزن۔ ہاے مختفی تہٕ مخلوٗط استعمال کرُن۔ گوڑٕ پینہٕ ودل "ت"
ترک کرُن، فعل کین گردانن ستۍ ستۍ ضمیری لاحقن ہُند کھُلہٕ ڈلہٕ
استعمال۔ "ژ" "ک" تہٕ "ز" "گ" عام استعمال بیتر۔ یِمہٕ سارۍ
خصوٗصیژ چھُ گریرسن دردہٕ زبانن ستۍ وابسطہٕ مانان یِمہٕ ژٕن سرٲجی
زبانۍ منٛز تہٕ نظر چھیہٕ گژھان۔ اَمی چھیہٕ تمۍ سرٲجی تہٕ کٲشرِچ
اکھ شاخ تسلیم کرمژ۔ مگر یِیلہِ ژٕن یِمَن خصوٗصیژن ہُند
تلاش اَسۍ مغربی پہاڑی بولین منٛز کران چھِ، اَسہِ چھِ یِمہٕ
بھدرواہی، بھلیسی، پاڈری بولین منٛز ہنا زیادے یِہٕس
نظر گژھان، بلکہِ بوٚدوے یہِ وَنہٕ زِ سرٲجی چھیہٕ کٲشرِس
نسبت بھدرواہی زبانۍ زیادٕ نظر نزدیکھ تہٕ رلہٕ وٲنۍ۔ لوٗلوٗ ڈیٛکرٕ
گژھن۔ "دنٛد" خاطر چھُ دوشوٕنۍ زبانن منٛز "دنت"، "داند"
سند باپتھ "دانت" "گژھن" باپتھ "بھولو" روزنہٕ خاطر
"دھنو" باپتہٕ سندِ باپتھ "اژھ" "نژنہٕ" باپتھ، "نژلو" "وژھو"

SINGULAR. THERE SEEMS TO BE SOMETHING WRONG WITH THE TEXT"[1]

پتھ کنُہ زن میہٕ برونٛہہ ہمبلن منز عرض کور "زو" چھنہٕ "کھو" ہندس معنیس منز استعمال آمُت کرنہٕ تہٕ اَمہٕ علاوٕ چھنہٕ زِنہٕ باپتھ "لکڑی" ہند استعمال کرنہٕ آمُت، بلکہٕ چھ اَمہٕ باپتھ "ٹھ" لفظ استعمال پیدان۔

ہمو مثالو تلہٕ چھُ یہ زانُنس منز آسانی پیدان زِ گریرسنس چھُ سیٹھاہ کم موادس پیٹھ قناعت کرُن پیوومُت تہٕ اَمہٕ تلہٕ کم نتیجہٕ ہیکن اخذ پیدِتھ سو کتھ چھیہٕ صاف عیان۔ یہ کتھ چھیہٕ صحیح زِ "چھو" چھُ سراجی منز ضرور مستعمل مگر صرف "چھو" لفظہٕ ستی ہیکہٕ نہٕ سارِہے زبانی ہند ڈانچہٕ بدلِتھ۔ ہمبلن ہنز بناوٹ ہندی عوامِل چھِ کنہٕ تہٕ زبانی ہندِ خاندانچہٕ ولادُک ہندی کارفرما آسان۔ "چھو" چھُ بنگالی، نیپالی تہٕ گجراتی زبانن منز تہٕ استعمال پیدان مگر یمہٕ زبانی چھیہٕ کاشرِ تشہ نیٚر یمے ہدٕ ون ییٚزاہ سراجی چھیہٕ۔

سراجی منز چھُ مصدر، اسم، صفت، ضمیر

---

[1] LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G.A. GRIERSON VOL VIII PART II PAGE 443

لاحقہ "م" یتھہ برونہہ "ی" مصوتہ سابقہ زنگی تہ استعمال سپدان۔
فعل کرنو، (کرنا) چہ زمانہ ماضی لیس متعلق چھنہ کاہہ تہ مثالاہ پیش
آمژ کرنہ۔

یتھے پاٹھی چھ گریرسن فعلِ امدادی تہ فعل وصلی لیس مُتعلق
وُنان زِ زمانہ حالس منز چھ کاشُر (چھُ) موجود۔ مگر اتھ منز تہ
چھُ سُہ پننہ مشکلات باوان وُنان ہے۔

IT CHANGES FOR GENDER, BUT FOR

THE FEMININE ONLY THE THIRD PERSON

IS AVAILABLE IN THE METERIAL:

مثلن: واحد حاضر:۔ تو سدا مینٹی ساتھی چھی ۔ تم ہمیشہ میرے ساتھ ہو

مذکر غائب:۔ تینٹو پتُر چھو ۔ وہ تمہارا ہی بیٹا ہے

مونث:۔ پرُوتی گل چھی ۔ گذشتہ برس کی بات ہے

جمع متکلم:۔ گھر دِ بناوان چھا ۔ اگر ہم گھر تعمیر کر رہے ہیں

مذکر غائب:۔ بڈٹے نادین چھا ۔ وہ کاٹنے کی اجازت نہیں دیتے ہیں

مونث:۔ دوہوری لکڑی چھیا ۔ دہاں اور کیا لکڑیاں ہیں۔

اتھ "زوہس متعلق چھ لیکھان:

"THIS IS A VERY DOUBTFUL EXAMPLE

AND I AM UNABLE TO EXPLAIN IT FULLY.

20-IS MASCULINE SINGULAR AND HORI

AND LAKRI BOTH SEEM TO BE FEMININE

بجایہ سیٹھاہ زیادٕ استعمال پیدان۔

۴, سرآجی منز چھنہٕ اسم صفت، مصدر، واحد جمع، فعل تہٕ تمکی قسم، مرکب اضافی بیترِ کاشرِ زبانی ہندِس طرزَس پیٹھ۔

۵, سرآجی زبانی ہندِ جُملن ہنز ساخت، لب لہجہٕ تہٕ آہنگ چھُ کاشرِ نشہٕ بدَلن

۶, سرآجی لُکن ہُند رُن بُن، رسم تہٕ رِواج تہٕ سِلسِلہٕ نسب چھُ کاشرِ وِ نشہٕ بِلکُل الگ۔

۷, سرآجی زبانی ہُند لُکہٕ ادب چھُ کاشرِ نِسبت پہاڑی زبانی سیٹھاہ نزدیک۔

۸, سرآجی زبان چھِیہٕ پننہٕ مزاز تہٕ لہجہٕ اعتبارٕ تیٚژِے پہاڑی یِژھ زن پاڈری، بھلیسی تہٕ بھدرواہی چھِیہٕ۔

۹, سرآجی چھِیہٕ پننہِ بوٗلی پہاڑی بولہٕ خاصکر بھدرواہی پیٚٹھ لُر لوٗر مانان۔

۱۰, سرآجی بولہٕ منز چھِہ تمتھ فی صدی کھوتہٕ زیادٕ پہاڑی خصوصیژ آسنہٕ باوجود تہٕ پننہٕ اکھ منفرد تہٕ جُداگانہٕ حیثیت۔

موخصر پأٹھۍ چھُ سرآجی بولہٕ ہندِس سِلسِلَس منز از سرِ نو تحقیق کرنُک ضرورتھ یِتھٕ مِیک آغاز

تہٕ پھندی قسم تہِ کاشُر بنتہٕ بدٕن۔ سرٲجی مصدر چھُ "نو" ہس پیٹھ اندواتان بیلہٕ زَن کاشرِس منز "ن" تس پیٹھ چھُ ختم پدان۔ اسم صفت یِم زَن "د" لس پیٹھ ختم چھ سپدان، چھ جمع بناونہٕ وقتہٕ تبدیل گژھان۔ مُرکب اضافی یس منز مضاف آیہ کہ اظہار خاطرٕ چھُ "تو" تہ "نو" لگاونہٕ پوان تہ یِم دونوے چھ ڈوگری طرزِ زبانِ پیٹھ۔ سِتھے پاٹھی چھُ حرفِ جار تہ کاشر نشہٕ بدٕن۔

اَتھ کتھِ منز چھُنہٕ کانہہ تہِ شک زِ یِم ساری نوقطہٕ چھ گریرسنہٕ ہند زبانٕ ہندِ تحقیقہٕ کہ مطالعہ سِتی بروہنہ کُن پوان زِ سرٲجی چھنہٕ کاشرِ زبانِ ہنز اکھ بدٕن لنڈ بلکہِ ہیکہِ یہِ مغربی پہاڑی بولہِ ہنز شاخ آسِتھ، تہِ کیازِ سرٲجی تہ کاشرِ زبانِ ہُند تفصیلی تجزیہٕ تہ تقوبلی مقابلہٕ سِتی چھیہٕ یہِ کتھ ٹاکارٕ نان زِ اَتھ زبانِ چھُ پننُ اکھ الگ آہنگ، لہجہٕ، مزازٕ بیترٕ۔ سرٲجی بولہِ ہندِ الگ مزازٕ بیترِ آسنکی وجہ ہیکن یِم آسِتھ:

۱۔ سرٲجی ہندِس لفظہٕ ذخیرِس منز چھ کاشرکی داہ فیصدی تہ کھوتہ کم لفظ۔

۲۔ کاشرِس منز یِمن مُصوتن ہُند استعمال چھُ سپدان تِم چھنہٕ سرٲجی منز نظرٕ گژھان۔

۳۔ تالہری "نڑ" یعنہٕ ن + ڑ (نڑ) چھیہٕ پہاڑی بولین ہنز اکھ اہم خاصیت تہ یہِ آوازٕ چھیہٕ سرٲجی منز کاشرٕ

| اردو | کھاشُر | سراجی | بھدرواہی |
| --- | --- | --- | --- |
| ایک | اکھ | اَکّ | اَکّ |
| دو | زہ | دڈئی | دوئی |
| تین | تریہ | ترائی | ٹلائی |
| چار | ژور | ژوّر | ژوُر |
| پانچ | پانژھ | پنژھ | پنژھ |
| چھ | شیہ | شا | شا |
| سات | سَتھ | سَت | سَت |
| آٹھ | اَٹھ | اَٹھ | اَٹھ |
| نو | نَو | نو | نو |
| دس | داہ | دَس | دَش |
| | | | |
| میں | بہ | اَدن | اَدں |
| میرا | میون | مینوں | میرو |
| ہم | اَسی | اَہ | اَس |
| ہمارا | سون | اساوٗ | اِشو |
| تم | ژہ | تو | تو |
| تمہارا | چون | تسٹوں | تیرو |
| آپ | توئے | توہ | تُس |

ڈاکٹر پریتم کرشن کولَن کوٚرمُت چھُ "چندر بھاگاتٹ کی پروتیہ بولیاں" ناوٕ کتاب لیکھان یمن حالاتن ہُند تمہٕ ذکر چھُ کوٚرمُت تمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ سُہ چھُنہٕ سرآجی کاشِر زبانی ہنز لنڈ مانان۔ تمو چھُ پوگلی، سرآجی تہٕ پاڈری زبانَن ہُند تفصیلی جایزٕ پیش کوٚرمُت تہٕ پننین خیالن ہنٛدِس حمایتس منز زبانی ہندین مُختلف جہتن پیٹھ بحث کوٚرمُت۔

مشہور ماہر لسانیات پروفیسر سِدھیشور ورما چھُ پوگلی زبانی کاشرِ کھوتہٕ تہٕ قدیم مانانٕ[۱]۔ سرآجی بولہِ چھُ سُہ درد پہاڑی زبانی ہُند ناو دِتھ اکہِ نوٚ بابُک آغاز کران، یمن ہندی کیہنہٕ رِچھ ڈاکٹر ورماہس ریاسی ہنز کھاسی بولہِ منز نظر چھہِ گژھان۔ تم تہٕ چھہِ سرآجی کاشرِ زبانی ہُند اکھ حصہٕ مانہٕ نِشہٕ انکار کران۔ تمہِ پتہٕ تہٕ چھُ سرآجی زبانی پیٹھ ازسرِ نوٚ تحقیق کرنُک ضروٗرت۔

یِنیتھ چھُ یہ مُناسب زِ سرآجی، کاشُر، بھدرواہی تہٕ اردوٗکُک تقوبل کرو نموٗنہٕ رنٛگی پیش یُتھ زَن یمن ہنز پانہٕ وٕنی قُربت معلوم سپدِ۔

---

[۱] چندر بھاگاتٹ کی پروتیہ بولیاں۔ پی کے کول۔ حصہ سرآجی صفحہ ۹

| چاندی | ردھپھ | چاندی | چاندی |
|---|---|---|---|
| باپ | مول | بب | بب (لوؤ) |
| ماں | موج | مالی (ای) | ہائی (ہاج) |
| بھائی | بوے | بھرا | ڈھلا |
| بہن | بینہ | بہن | بئیش |
| آدمی | موہنو | مہنو | مہنو |
| عورت | زنانہ | زنان | کوانش |
| گھوڑا | گر | گھوڑو | گھوڑو |
| گائے | گاو | گورو | برشی |
| جا | گرٹھ | گا (گس) | گا |
| کھا | کھیے | کھا | کھا |
| کون | کش | کیائی (کم) | کون |
| اور | پتہ | تی، تی | تے |
| اونچا | ٹھود | اکھڑد | کھڑو |
| بکرا | ژھاوُل | ژھیڑو | ژھیڑو |

| | | | |
|---|---|---|---|
| آپ کا | تہُنڈ | توہمو | تسُوْ |
| وہ | سُہ | اُونگ (سو) | تے |
| اُس کا | تسُڈ | تی تو | تیسرو |
| وہ | ہُہ | تین | تین |
| اُن کا | تہُنڈ | تنیٹا | تہن کیرو |
| ہاتھ | اُتھ | ہتھ | ہتھ |
| پاؤں | کھور | کھُر | پاؤ |
| ناک | نُس | نکّ | نکّ |
| آنکھ | اُچھ | اُچھی | اشرھی |
| مُنہ | اَس | مُنہ | آشی |
| دانت | دَند | دنت | دنت |
| کان | کن | کنّ | کنّ |
| زبان | زِیو | زِب | ہزِبّ |
| بال | وال | بال (کی) | بال (اشرال) |
| سر | کلہ | روٹ | ڈُڈگ |
| پیٹ | یڑ | پیٹ | پیٹ |
| لوہا | شیشتر | لوہا | لوّں |
| سونا | سون | سوّنوں | سوّنوں |

| | | | |
|---|---|---|---|
| اُس نے پڑھا | تمہِ پوٚر | تینٹی پڑھو | تینٹی پڑھو |
| وہ گیا ہے | سُہ چھُ گومُت | سُو چلے گو چھو | تے ژیلي جوٗ |
| وہ جا رہا تھا | سُہ اوس گژھان | سو گاؤو لگورو | تے گئی رہورو تھیو۔ |
| وہ پڑھے گا | سُہ پرِ | سو پڑھے لو | تے پڑھلو |
| وہ پڑھیں گے | تم پرَن | تہن پڑھنلے | تہن پڑھلے |
| وہ چلا گیا تھا | سُہ اوس گومُت | سُو چلے گورو | تے ژیلي جورو تھیو |
| وہ چلا گیا ہو گا | سُہ آسہِ گومُت | سو چلے گورو بھولو | تے ژیلي جورو بھولو |

سرآجي ، کاشُر تہٕ بھدرواہی زبانَن ہنٛدِ اَمہِ تقوبلہٕ سٟتی چھُنہٕ اَسہِ یہِ اندازٕ لگاونَس منٛز مشکل یوان زٕ سرآجي کتھ زبانی چھیہٕ زیادٕ نکھہٕ ۔ سرآجي زبانی سٟتی چھُ یہِ ہنٛتھ آمُت زٕ یہِ علاقہٕ چھُ ترٛیشہٕ ژتجہٕ میل زیوٗٹھ تہٕ پنٛداہ ؤہ میل کھوٚل دُشوار گزار پہاڑی سلسلن منٛز چھکرِتھ ۔ اَتہِ چھُ کیٛمے فاصلہٕ طے کٔرِتھ زبانی منٛز تبدیلی یِنٛز شروٗع گژھان ۔ سرآجي علاقس منٛز چھِ دلیہٕ علاقٕکی لوکھ "چھو" بجایہٕ "تسو" استعمال کران ۔ یتھے پأٹھی چھیہٕ ہیٛندین تہٕ مسلمانن ہنٛزِ زبانی منٛز تہٕ رٕژھ کھنڈ فرق موٗجوٗد تہٕ یہِ سورُے سرمایہٕ چھُ مذہبی عقائیدچین کتابن تانی محدوٗد ۔

سرآجي رسم تہٕ رِواج تہٕ چھِ کاشرِ لوٚ نشہٕ ہِدوٗن تہٕ پننہٕ پننہٕ مذہبی عقیدہٕ موٗجوٗب چھِ یِم یمن ہنٛز پأروی تہٕ کران۔

| اردو | کاشُر | سراجی | بھدرواہی |
| --- | --- | --- | --- |
| رام جاتا ہے | رام چھُ گژھان | رام گانچھو | رام گاتے |
| رام کیلئے چائے لاؤ | رامس کرِژان چائے | رام جوئی چاہ آنٹا | رامے جی چاہ آنٹا |
| رام، راون سے اچھا ہے | رام چھُ راوٕنہٕ کھوتہٕ رُت | رام راوٕ نیلا کیائی چھو | رام راونے کیرناں چھیل اے |
| میں اُسکی بہن ہوں | بہٕ چھس ہمُس بێنہٕ | اوں تنے تی بہنٹ چھا | اوں تیری بہنٹ ایّں |
| میز پر کتاب ہے | کتاب چھیہٕ میزس پیٹھ | میزے پُٹھ کتاب چھی | میزرے پُرڈ کتاب دا اے |
| اُسکے چار بھائی ہیں | تمُس چھہٕ ژور بأے | تے تنے ژوُر بھراؤ چھے | تیسرے ژور ڈھلا آنڈ |
| ہم میں بڑے گنُ ہیں | اَسہِ منز چھہٕ واریاہ گون | اُئی ماں بڑے گنُ چھے | اُس ماں بڑے گن آن |
| کملا گاتی ہے | کملا چھیہٕ گیوان | کملا گیتاں زوں چھی | کملا گاچے |
| دیا جلتا ہے | ژونگ چھُ دزان | دیوٕ بلاں چھو | دیو بَلتے |
| ہَوا چلتی ہے | ہوا چھُ پکان | بات چلاں چھو | بات ژلتے |
| چِڑیاں دھان کھا گئیں | ژرِ گیہٕ دانہٕ کھیتھ | ژاڑ دلیئی دھان | ژوڑ ولینی دھان |
| میں پڑھ رہا ہوں | بہٕ چھُس پران | کھائی سٹو | کھیتی سُٹو |
| میں پڑھ رہا ہوں | بہٕ چھُس پران | اوں پڑھی رہو چھے | اوں پڑھی رہو دو آئیں |
| وہ جارہے ہونگے | تم آسن گژھان | تین چلو رہے بھوے | تین ژاو رے بھوے |
| میں پڑھوں گا | بہٕ پرٕ | اوں پڑھالو | اوں پڑھلو |
| ہم پڑھیں گے | اَسی پرو | اہ پڑھم ے | اس پڑھم ے |
| تُم پڑھو گے | ژٕ پرٕکھ | تو پڑھالو | تو پڑھلو |
| تو پڑھے گا | ژٕ پرکھ | تو پڑھلے | تُس پڑھلے |

## Appendix I

The word 'Sinaj' means the kingdom of Siva and hence any mountainous Country. Such countries are naturally liable to have dialect of their own, and hence we find several Sirajs in existance, each with a distinct form of speech. Thus, there is Siraji in the Simla Hill States, a Sub-dialect of Kiuthali (vol. ix, pt. iv p 593), An other Siraji is one of the Satluj Group of sub-dialects (ib.p. 647) and yet a third is allied to kului (ib. p. 688). All these are forms of western pahari.

South of the tract in which po—guli is spoken, there is a further tract of hill country reaching down to river Chinab, and also called Siraj———-–The language of this Siraj is there-fore called the Siraji of Doda.

---

1. Linguistic Survey of India by. G.A. Grierson vol VIII part II p. 433.

رسم تہٕ رلواجن ہتی زبأنی ہند پرٛتھنہٕ تہٕ پھانپھلنہٕ باپتھ چھُ ژکہٕ ادب سارِوے سرس آسان۔ کھاندر کھُندرن ہندی پأٹھۍ ہو ہو کرنچ بأتھ، جُدأیی تہٕ وصلکۍ بأتھ تہٕ بیتھی ہوی دوٚیم ژکہٕ بأتھ تہٕ چھ کأشرِ زنہٕ بلکل بدوٚن۔ ووٚنی گوو مسلمانن ہندین گرن منز یمن کأشرِ زبأنی ہنز واقفیت آسہٕ، چھُ کأشرٕ ژکہٕ بأتھ گیوٚنہٕ یوان تہٕ کأشرٕ چھُ لگ بگ ساری سرا بچی مسلمان سمجھان تہٕ بولان۔ ہیٚندین منز چھُنہٕ کأشرِن ژکہٕ بأتن ہُند موٚلے کانہہ چلن۔

یمن ژکہٕ بأتن ہند مُطالعہ ہتی چھُ نَنان زِ اَتھی ژکہٕ بأتھ تہٕ چھِ پہأڑی بولہٕ سیتھاہ نکھ۔ اَتھ کتھِ منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ شک زِ متفرقہٕ تمام زبانن ہُند اَثر چھُ سرآیی بولہٕ بیٚٹھ مگر اَمی باپتھ یہٕ کأشرِ زبأنی ہنز اکھ شاخ ماننی چھُنہٕ موزوٗن۔ اَتھ چھِیہٕ مغربی پہأڑی بولین ہتی زیاد وابستگی، اَتھ چھِیہٕ پننی اکھ الگ انفرادیتھ تہٕ امیک مطالعہ پزِ اَسہِ یمے نظریہٕ برونہہ کنہٕ تھأوِتھ کرُن۔

ڈاکٹر بی۔ این۔ کلا

# کشمیری شبدامِرتم

ایشور کول ٔسند ناو چھُ تِمَن ناماوزِ لیکھکن منز گنٛزراونہٕ یوان یِہندِ دُیت سنسکرت ادبس علاوٕ کاشُرِس منز سیٹھاہ تھٔنگن لایق چھُ۔ یہِ چھُ ۱۸۸۰ء دِکرمی سموتَس منز سرینگرس منز بَرٛتیڈمٕ زامُت۔ اَمِ ہندِس مٲلِس اوس گنیش کول ناو یُس پننِس دورُک بۆڈ عالِم تہٕ فاضِل مانہٕ یوان اوس۔ گنیش کولُس آسی ترٛیٚہ نیچوِ یِمَن منز ایشور کول سیٹھاہ ذہین تہٕ چالاک اوس۔ اُمس مۆد لوکہ چارس منز مول تہٕ موج مگر اَمِ ہارِ نہٕ ہمت کینہہ۔ یہِ رُود جد و جہد کران تہٕ سارِنے شاسترن ہُند کوٚرُن سۆن تہٕ گوٚن مطالعہٕ۔ علمِ نجومس یعنی جیوتِش

## Appendix II

As its position indicates Siriji is a mixed language. The Bhaderwahi to its South is a form of Western pahari, and more over is here corrupted by Dogri Punjabi. The Kashtwari to its east and the pogali to its north are the forms of Kashmiri, already effected by western pahari, and siraji is still more corrupted by these languages. It might with almost equal correctness, be classed as a dialect of Kashmiri or as a dialect of western pahari, but I have put it in the former class because it possesses certain typical Dardic characteristics which do not belong to the latter such are the occasional use of vocalic epenthesis, the hardening of 'd' to 't' the ratention of medial 't', the disaspiration of Sonant aspirates, the droping of initial 'r, and general method of verbal conjugation including free use of pronominal Suffixes.[1]

1. Linguistic survey of India by G.A. Grierson vol VIII part II p 433.

ہیوٚت پتہٕ سر جارج گریرسَن بایُو ہیلامبر دیوس ۔ اَتھ نوسخس اَس ایشور کولن پلنے شیرژار کرمڑ ۔ پرسَس پہٕ نوسخ درِنہٕ ورِ کرِنہٕ کانہہ تہٕ تبدیلی گریرسَن ۔ صرف چھُ تمیٚ لفظن ہُند ہشر ہاوِنہٕ موکھ کرِ کنہِ جایہٕ تبدیلی کرمژ ۔ کینژن جاین چھےٚ ایشور کولن وِچھ غلطی کرمژ یم گریرسَن بدِ کرمژ چھےٚ ۔ مثلن گرُ لفظس منز چھےٚ ایشور کولن بُڈ پیٚشہٕ رُا، (ड) ماترا لگاوِمژ یوس نہٕ ضروٗرت اُس تمیٚ چھُ دیوناگری رسم خطس منز "گرُ" لیوٚکھمُت یتھ پاٹھۍ ۔

गुरु (گرُو) یہٕ گوڈٕ یکھُن یتھ پاٹھۍ :-

گرُ ( गुरु ) گریرسَن چھنہٕ یژپاٹھۍ کتابہِ منز کانہہ خاص تبدیلی کرمژ صرف چھُ تمیٚ فُٹ نوٹ ( FOOT NOTE ) لیکھی متۍ ۔ کینہہ فائدٕ سمجاوِنہٕ خاطرٕ چھُ گریرسَن برٕکٹن منز لیوٚکھمُت ییمہِ ستۍ پرِن والِس پہٕ صاف ظاہر سپدِ زِ مُصنف سُند مُدعا کیاہ چھُ تہٕ ایڈِ ٹرسُند مُدعا کیاہ چھُ ۔

پہٕ کاشُر گرامر چھُ ایشور کولن ہرِشی پانِنی ہندِس طور طریقس پیٹھ لیوٚکھمُت ۔ پانِنی چھُ گوڈنیک سنسکرت گرامر دان ییمی سوٗترن ہندِس طریقس پیٹھ اشٹا دھیایی یعنے سنسکرت گرامر ق ۔ م ۵۰۰ لیوٚکھ ۔ ایشور کولن تہٕ پانہٕ نووِیوے طریقہ ۔ تمیٚ تہٕ لیوٚکھ پہٕ کاشُر گرامر سنسکرت زبانۍ منز سوٗترن ہندِس فارمس منز ۔ سوٗتر کیا گوو ؟ پہٕ اوس پرانِہ وقتہٕ

پیٹھ تہٕ اوسُس سیٹھاہ عبور۔ ییمہ کِنۍ اَمی ہنز مشہوری زنہٕ پأری پھٔلیہٕ ۔ ۱۸۸۱ء منز کوٚر ڈوگرہ عہدکۍ بڑۍ باپہ راژ مہاراج رنبیر سنگھن اکھ (ترجمہ محکمہ) TRANSLATION DEPTT. قائم۔ یتھ منز دارِہِن زبانن ہنز کتابہ سنسکرت بیتر زبانٕ منز ترجمہ کرنہٕ آیہ۔ ایشور کول آو اَمیُک ڈائریکٹر بناونہٕ۔ ۱۸۸۴ء منز موٚد مہاراجہ رنبیر سنگھ۔ تمۍ ہندِ مرنہٕ پتہٕ پنداہہ دوٚہی کوٚر یہ ڈپارٹمنٹ مہاراجا پرتاپ سنگھن بند۔ پتہٕ آو ایشور کول مہاراجہ پرتاپ سنگھُن جیوتشی مقرر کرنہٕ۔ ایشور کول روٗد پتہٕ مرنَس تانۍ یعنی ۱۸۹۳ء تانۍ اُتھی عوہدس پیٹھ کأم کران۔ اَتھ دورس منز لیچھ تمۍ وارِیاہ کتابہٕ۔ یمن تصنیفن منز چھیہٕ اَمی ہنز مشہور تصنیف "کشمیری شبدامرتم"۔ یمیُک مطلب چھُ کأشرِ لفظن ہُند امرت یا آبِ حیات۔ مُصنفن یُس اَتھ کتابہٕ ناو دیتمُت چھُ، اَمہِ نِش چھُ اَسہِ باسان زِ کأشرِ زبانۍ سۭتۍ کوتاہ اوس تس لگاو۔ ییمہ کِنۍ تمۍ یہ رمبہٕ وُن ناو اَتھ دیُت۔

یہ تصنیف چھیہٕ دوٚن حصن منز بأگرنہٕ آمژ تہٕ چھیہٕ یوٗرپکۍ اَکۍ بڑۍ بار سرجارج ابراہیم گریرسنن ۱۸۹۸ء منز مُرتب کرمژ۔ کشمیری شبدامرتُک نوسخہ اوس ایشور کولن جموٗں وکشمیر سٹیٹ کِس پرائمنسٹرس (PRIME MINISTER) بابو نیلامبر مُکرجی یس پیش کوٚرمُت یُس بوٚڑ بارہ عالم تہٕ اوس۔ یہ نوسخہٕ

3. SUBSTANTIVE AND ADJECTIVE LUXURIANT VARIETIES OF THE VOCATIVE CASE THE DECLENSION OF PRONOUNS, SECONDARY SUFFIXES; THE FORMATION OF NOUNS AND ADJECTIVES FROM OTHER NOUNS AND ADJECTIVES.

سندی ہنز مثال چھیہ یتھ پاٹھی :-

(अकारे ऽ अकारलोप:) اکارے اکار لوپہ

یہ چھُ اکھ سوتر یُمیُک مطلب چھُ زِ ری اچھرس (CONSONANTS)

بروٗنتھ یِیلہِ اکار یعنے ا (अ) آسہِ تیٚلہِ چھُ بروٗنتھِم ا/ (आ)

مِثان شلن - گر + ان (गअर + अन) = گرن - امیُک مطلب

گوو وارِہن گرن - امہِ پیٹھ چھُ بیاکھ حصہ یتھ لِنگ پرٛکرن

وَنان چھِہ (CHAPTER OF GENDERS) - یعنے یتھ منز نر

تہٕ مادٕ لفظن ہنز تبدیلی گرامرٕ مطابق سرِ کھرٕ ییہ کرنہٕ تتھ وَنو

لِنگ پرٛکرن -

مثلن :- واگنُزٕ گاسُو بازُو ہانزُو بھیہ -

یمن لفظن ییہ (वा गांञु गांसू, बांचू हांज़ू भ्य:)

لیکھنک اکھ طریقہ یتھ منز سیٹھاہ کیہنہ ہیتہ لوکہٕ جُملس منز وَنہٕ۔ سوٗترٕ ادب چھُ سنسکرتس منز سیٹھاہ پرٛون اوسمُت۔

یہ کاشُر گرامر چھُ پنڈت مُکند رام شاستری نہٕ ذریعہ مرسارج گریرسنن رٔژھ رٔژھ پوٗرمُت۔ اَمہٕ خاطر پیوٚو مُکند رامس پٹنا گژھن ییٚتہٕ تمہٕ وِزہٕ گریرسن اوس۔ اُمی پٔری گریرسنن سِتہٕ پروٗف شیٹ (PROOF SHEET) تہٕ دیرٕ شہناوٕنی کیہنہٕ شک آورنو تہٕ تہٕ اَمہٕ پتہٕ پیوٚد یہ چھاپ۔

ایشور کوٗلس بروٚنہہ تہٕ اوس وِدیشی ماہرو کاشُر گرامر لیکھنک دَس تُلمُت۔ مگر تم اَسی نہٕ مکمل کیہنہ۔ یہ گرامر چھُ وارِیہہ حدس تام مکمل۔ لسانیاتی ماہرن ہندِ خاطرٕ چھیٚ یہ کتاب سیٹھاہ فائدٕ مند۔

ایشور کوٗلن کوٚر یہ گرامر سموت ۱۹۳۲ء منز کارتکہٕ زوٗنہٕ پچھ پوٗنژم دوہ مُکمل۔ یہ کتھ چھیٚ مُصنفن سنسکرت شلوٗکن منز وٚنی مژ تہٕ چھین گنیشس یُس ہندوٗ دیومالاہ موجوٗب عقلہٕ ہُند دیوتاہ مانہٕ یِوان چھُ آرادنا (زار پار) کرمژ۔

گوڈنکس حصس منز چھُ تمہٕ وارِیہن لسانیاتی زاوی جارن پیٹھ گاش ترومُت مثلن:-

1. Combination of Vowels.

2. Declension of Nouns.

اَمہِ سوٗترٕ موٗجوٗب ییٚلہٕ کانٛہہ دوٗر بیٚٹھ ناد دِیُن آسہِ یا غم ظاہر کرُن
آسہِ تیٚلہِ چھُ فاعلس منٛز ( SUBJECT ) 'آ' (आ) ہس
'او' بنان مثلن۔ ہانارانو۔ ہتا کاکو۔ اَکھ منٛز چھُ
نارانا تہٕ کاکا اَکھ NOMINATIVE SINGULAR چھُ

'پمادراہوانے وِششٹات' بنان۔ 'او' منٛز VOCATIVE ہس
نامنو واپوٗروم ہے (पुमाद्राह्वाने विशिष्टान्नाम्नो वा.)

(पूर्वे हे) اَمہِ سوٗترٕ ستیٚ چھُ پوان گوڈنیتھ ہے 'ہے' لفظ ییٚلہِ
کانٛہہ عزتہٕ سان آلو دِیُن آسہِ مثلن۔ ہے نارانجو۔ ہے گنہٕ کول۔
ہے رحیم جوٗ بیترِ۔ 'ہتا شبدہ پوٗرو مچہ' (हता शब्दः पूर्वं च)
کُنہِ وِزِ چھُ ناد لاینہٕ وِزِ 'ہتا' گوڈنیتھ پوان۔ مثلن۔ ہتا مانا۔ ہتا
غلیا۔

## سرونام پاد ( PRONOUNS )

اشارہٕ ناوتچہٕ کیٚہہ مثالہ:۔

'کانشہا کینشہا شبدا ویکتو' कांक्षाह केंक्षाह शब्दा वेकत्वे

ییمہِ سوٗترٕ موٗجوٗب چھُ کانشہاہ تہٕ کینشہاہ لفظ واحدس منٛز
بیٚتھ پاٹھی استعمال پیٚدان۔ مثلن، کانشہاہ، کینشہا۔

کینش شبد و نتیم بہتوے (केंच शब्दो नित्यं बहुत्वे)

اَمہِ سوٗترٕ کنہٕ چھُ 'کینش' لفظ ہمیشہ جمعس منٛز استعمال پیٚدان۔
مثلن۔ کینشن تہٕ کینشو۔ نزہس تارا دلیش' (त्रिहस्तारा देश:)

''آ'' (आ) کُنہٖ کنہٖ وزِ نرٕ آسنہٕ کنہٕ پشہٕ تراونہٕ۔ مثلن۔ گاٗنزٕن چھُ ماران۔ گاٗس (گاسہٕ کنہٕ والین) باٗژن چھُ پیٚتران۔ ہانزٕن چھُ رچھان۔ یمن سارنٕے لفظن منز چھُ گوڈنکس حرفس (ع) آ یوان۔ کُنہٕ وزِ چھُنہٕ یوان کیہنہٕ مثلن۔ گنزٕن، گاسن، تانزٕن، باژن۔

''دال سال زال کلام'' (दाल साल जाल कला: जः)

اَمہِ سوٗترٕ ہتہِ چھُ دال سال زال تہٕ کُل لفظن ہندس آخری 'ل' جاے ہیٚس 'زٕ' (ज) بنان۔ یعنے اَتھ چھیہٕ صوتیاتی تبدیلی گژھتھ مادٕ شکل بنان مثلن:۔ واحِد دال (سرٕ پہٕ ہیتہٕ واج) جمع۔ واجہٕ ہیتین واحِد سال، جمع، ساجہٕ ہیتین، زال، جمع، زاجہٕ ہیتین۔ واحِد، کُل معنے فِکر جمع، کجہٕ ہیتین۔ 'دا:' کُنڈل کرتلو

کُنڈل تہٕ کرتل لفظکس 'ل' مس یا 'اے' ہس چھُ 'ج' 'ی' کُنہٕ کنہٕ وزِ بنان مثلن:۔ کونڈجہٕ ہیتین، کرتجہٕ ہیتین (کرتل گیہٕ تلوار)

''اپرانِنا پُمسوکُوکیو پُم بہ'' (( अप्राणिना पुंसो कुक्यो पुंसि)

اَمہِ سوٗترٕ (FORMULA) ہتہِ چھُ بےٚجان نرٕ لفظن واحِدس منز 'اُک' تہٕ 'اُکھ' پوٚت لوگ (SUFFIX) لگان۔ مثلن:

دانیگ تومُل، ہارک مونگ، کُلکٕ ڈُتھر، ماگُو دوہ۔ جمعس منز بیہہ کُلین ہندی ڈُتھرٕ۔ جاندارس ہتہِ بیہہ۔ کاوُ بند۔ گاو ہند بیتٕرٕ (اتہٕ یی نہٕ گاوگ یا کاوک کیہنہٕ)

''ہا دوٗر وشادیورا پرتیسیہ چوکارہ''
"हादूर विषादयो रा प्रत्य यस्य चोकार"

یعنے نوٗنس بَنہٕ نوٗنہٕ غنہ (ں) مثلن ۔ پاں ترٛکھ ۔ پاں نوٗٹ ۔

پیٚلہٕ پہٕ مُرکبس منز آسہٕ تیٚلہٕ بنہٕ اکھ روٗپ پتھ پاٗڈھی مثلن ۔

پانٛژ ترٛکھ ۔ دانہٕ شبد سٕیاپہٕ ( दानशब्दस्यादि )

آمہٕ سوٗترٕکنہٕ پیٚلہٕ دانہٕ لفظٕ مرکبس منز گوڈنیتھ آسہٕ تیٚلہٕ بنہٕ دانہٕ

لفظٕکس نوٗنس (ن) نوٗنہٕ غنہ (ں) مثلن ۔ داں کھار ، داں

پھوٗت بتیر ۔ مُرکبس منز پیٚلہٕ نہٕ آسہٕ تیٚلہٕ بنیس یہ شکل ۔ دانٛج

کھار بتیر ۔

## تدھت پرٛکرِیا

## ( NOMINAL SUFFIXES )

ناون مثلن ۔ اِسمس ( NOUNS ) اِشارٕ ناوٕنس (PRONOUNS)

صِفتن ( ADJECTIVES ) ستۍ پرٛتیہٕ یعنے پوٚت لوٗگ لگاونہٕ

ستۍ یوسہٕ تبدیلی ییہ تَتھ وَنوٗ اَسۍ تدھت مثلن ۔ اِسمس اِسم بنُن ۔

اِسم ، عقل ، اِسم ، عاقِل ۔ اِسم ، بوے ، باٗے توٗن ۔ ABSTRACT

NOUN اِسم ، میٚتر ، میٚترُت ۔ ABSTRACT NOUN ۔ اِسمس صِفت

بنُن ۔ مثلن ۔ دَن یہ چھُ اِسم ۔ اَتھ بنہٕ دنہٕ وول صِفت ، ڈری چھُ

اِسم ۔ اَتھ بنہٕ ڈریُک صِفت ۔ صِفتس اِسم بنُن مثلن ۔ جوان

چھُ صِفت ۔ اَتھ بنہٕ جوانی ABSTRACT NOUN ۔ صِفتس

صِفت مثلن ۔ پشُل یہ چھُ صِفت ۔ اَتھ بنہٕ پشہٕ جار صِفت ۔

اِشارٕ ناوٕنس صِفت مثلن ۔ میہٕ تہٕ ترٛیہٕ یم دوشوے چھہ اِشارٕ

اَمہِ سوٗترٕ مطابق چھُ 'تٕ' لفظس تار آدیش ( CHANGE )
یوان ۔ مثلن ۔ تارٕ ( ژوچہِ تار )

## سماس پرٛکرِیا (COMPOUNDS) مُرکب کاشُر

زبانۍ منز تہِ چھِ واریاہ قسمکۍ سماس ( COMPOUNDS ) یا
مُرکب ۔ مثلن ۔ نَس ژوٚٹ ، کَنہٕ ژوٚٹ بیترِ ۔ یِمہِ وِزِ اَسۍ یِم لفظ
دِرِشھناووکھ تمہِ وِزِ بنہٕ یِہند روٗپ یِتھ پاٹھۍ مثلن ، نَس ژوٚٹ
گوٚو یُس نَس ژھیٚنہٕ مژ آسہِ ۔ کَنہٕ ژوٚٹ گوٚو یُس کَن ژھیٚنہٕ مُت
آسہِ ۔ یِمن سماسن یا مُرکبن ہنز مثالہٕ چھیٚیہِ ایشور کولن کاشرِس گرامرس
منز واریاہ دِژمژ ۔ وُچھو کیہنہٕ مثالہٕ ۔ اُتر پد ستھیہ پوٗنۍ
شبد سنٛدِس پوٗوہٕ' उत्तर पदस्थस्य पो अ शब्दस्य पोव:।
اَمہِ سوٗترٕ موجوٗب یِیلہِ مُرکبس منز 'پ' (व) آسہِ تیلہِ چھُ
تتھ بنان 'و' (व) بنان مثلن ۔ گنگہِ ووٚنۍ ، شیٖنہٕ ووٚنۍ ،
وِگہِ ووٚنۍ ، ٲرووٚنۍ ، کیرِری ووٚنۍ ، رُوٗد ووٚنۍ ، ناگہِ ووٚنۍ بیترِ ۔
یِمہِ وِزِ یِم لفظ مُرکبس منز آسنہٕ تیلہِ گژھہٕ 'پ' 'و' ہَس منز
تبدیل مثلن ۔ وَنیتھ ہندِ پانہٕ پتہٕن ۔ اَتھ جُملس منز گوو نہٕ "پ"
( प ) "و" ( व ) ہَس منز تبدیل ۔ اَتہِ رُوٗد پانہٕ پتہٕن وانہٕ ستہٕ نہٕ
کیہنہٕ ۔ 'پوٗروپد ستھے نسبہٕ انسواره' ۔ पूर्व पदस्थे ۔
اَمہِ سوٗترٕ مطابق مُرکبس منز یِیلہِ 'پوٗنۍ' لفظ گوڑ अस्यानुस्वार:
آسہِ تیلہِ بنہٕ 'ن' (न) حرفس انسوار یعنی "ن" NASALISATION

( अभ्रधूमवातमात्रायां रिंग ) بیترِ-

'ابر دھوم وات ماترایام رِنگ'

اوٗبرس دٕہس تہٕ واوس ہِنٛدِ لفظن پتہٕ چھُ یوان 'رِنگ'، پوٚت لوٚگ

پیٚلہٕ رٔژھ کھنڈ ہاوٕنۍ آسہٕ۔ مثلن۔ اوٗبرٕ رِنگ، دٕہ رِنگ، واوٕ رِنگ۔

SUFFIXES OF FEMININE GENDER ستری پرتیٚیہٕ پرکرن

मनुष्यजाते : सर्वत्र बाय منشیہ جاتے سروتر بایے

امہٕ سوٗترٕ پتہٕ چھُ انسان ذاتٕچہٕ ہنٛدِ ماد لفظن پتہٕ 'بایے'، پوٚت لوٚگ

لگان مثلن۔ حاج بایے، دٔربایے، سونٕربایے، کھاہٕ بایے بیترِ۔

کوتربایے ییہٕ ہہ کیہنہٕ، تِکیازِ کوتر چھُنہٕ انسان ذاتٕچ منز گنرنہٕ

लान्तानाञ्जः یوان کیہنہ۔ کوترٕ ہتر۔ مادٕ گیہٕ کوترٕ۔ لانتانام جہٕ:

امہٕ سوٗترٕ پتہٕ چھُ یم لفظن آخرس لامہٕ (ل تہٕ م) پتہٕ ختم گژھن تمن

چھُ ج (جہ) بنان تہٕ چھُ تم لفظ مادٕ شکل اختیار کران مثلن:-

نر، وول، مادٕ، وآج، نر، کونڈُل، مادٕ، کونڈٕج، نر، ٹھُل، مادٕ

( कावनाग ٹھٕج بیترِ۔ کاوناگ وٕونٹ بھیشچ'

वूटभ्यश्च

اُمہٕ سوٗترٕ پتہٕ چھُ کاوٕ ناگہٕ وٕونٹٕ لفظن نِشہٕ ماد بناونہٕ وِزِ 'اِنی'

پوٚت لوٚگ یوان مثلن:- نر چھُ کاو، مادٕ کاوٕنی، نر۔ ناگ، مادٕ،

( अन्य ناگنی، نر وٕونٹ، مادٕ وٕونٹنی، انیہ توپہ پشُ جاتے (

तोपि पशु जाते : ) بتیین پٔش ذاتٕن منزتہٕ ییہٕ 'اِنی' پوٚت لوٚگ

( दान्दा مثلن:- نر چھُ خر، مادٕ خرٕنی بیترِ۔ 'داندادِھیورِن'

नदभ्योरिञ )

ناوِتی تہٕ یِمَن بَنہٕ صِفتَس منزٕ یِم رُوپ مثلَن - میون تہٕ چون -

یِتھے پأٹھۍ چھیہٕ بێیہٕ تہٕ مثالہٕ - (अनादरा पत्यार्थेऽ घम- शब्देभ्य: कठ)

انادراپتیار ھتے ادھم شبدبیھ کھٹ

امہٕ سوٗترٕ موجوب یِیہٕ ’کھٹ‘ پوٚت لوگ تھتھن

لگاونہٕ ییٚلہٕ کأنٛسہٕ بچُس شرارت یا ہتک کرُن آسہٕ مثلَن - ژٕدٕ کھٹ،

گانٛژٕ کھٹ، پوگہٕ کھٹ، واز کھٹ، راہ کھٹ بیترِ -

’پوٚز اپٕز شبدابھیام یور‘ (पोज़ अपज़ शब्दाभ्यां योर)

امہٕ سوٗترٕ ستۍ چھُ پوٚز تہٕ اپُز لفظس ستۍ ’یور‘ پوٚت لوگ یوان

مثلَن - پُزٕ + یور = پُزٕیور، اپُزٕ + یور = اپُزیور، مُنٛزٕ یُم

شبدات دوٗتار تھے‘ (मंज्युम शब्दा दृतार्थे)

امہٕ سوٗترٕ ستۍ چھُ مُنٛزٕ م لفظس ستۍ ’یور‘ یوان مثلَن - مُنٛزٕم یور -

پنٛچمینتاد دِگرتے کِنہٕ (पञ्चम्यन्तादिगर्थे किनि)

امہٕ سوٗترٕ مطأبق یِیہٕ ABLATIVE سارنٛش ییٚلہٕ کانٛہہ طرف

ہاوُن آسہٕ ’کِنۍ‘ پوٚت لوگ (SUFFIX) لگاونہٕ مثلَن - ہپأرٕ

کِنۍ، یپأرٕ کِنۍ، ہتی کِنۍ بیترِ - سپتمینتات کُن - (सप्तम्य-न्ता त्कुन)

یِمہٕ سوٗترٕ کِنۍ یِیہٕ ’کُن‘ پوٚت لوگ تھتھن یپأرۍ کانٛہہ طرف آسہٕ ہاوُن

یعنہٕ LOCATIVE وس منز

چھُ یِیہٕ یوان مثلَن - تور + کُن = تورکُن - امیُک مطلب چھُ تَرٕ

طرفہٕ - یِتھے پأٹھۍ یورکُن، کورکُن، ہورکُن، توٚت کُن، یوٚت کُن

( अभ्रधूमवातमात्रायां रिंग ) بیتر۔

'ابھر دھوم وات ماترایام رِنگ'

اوٚبرس دٕہس تہٕ واوس ہِنٛدِ لفظن پٮ۪تہٕ چھُ لگان 'رِنگ' پوٚت لوٗگ

پیٚلہٕ رُژھ کھنڈ ہاوٕنۍ آسہِ۔ مثلن۔ اوٚبرہٕ رِنگ، دٕہ رِنگ، واوٕ رِنگ۔

SUFFIXES OF FEMININE GENDER ستری پرتیٚیہٕ پرکرن

मनुष्यजाते: सर्वत्र बाय مُنشیہِ جاتے سروترٕ بایے

امہِ سوٗترہٕ سیٖتۍ چھُ انسان ذاژِ ہنٛدِن مادٕ لفظن پٮ۪تہٕ 'بایے' پوٚت لوٗگ

لگان مثلن۔ حاجِ بایے، دٔربایے، سونٛرٕ بایے، کھارٕ بایے بیتر۔

کوتر بایے پیٚیہٕ کیٚہنہٕ، تِکیازِ کوترُ چھُنہٕ انسان ذاژِ منز گنزرنہٕ

लान्तानाज: 'لانتانام جہٕ'

یِوان کیٚہنہٕ۔ کوترٕ ہٕنزٕ مادٕ گَیہٕ کوترٕ۔

امہِ سوٗترٕ سیٖتۍ چھِ یِم لفظن آخرس لامہٕ (ل تم) سیٖتۍ ختم گژھن تِمن

چھُ ج (جی) بنان تہٕ چھِ تِم لفظ مادٕ شکل اختیار کران مثلن:۔

ترٕ، وول، مادٕ، واج، نرٕ، کونڈُل، مادٕ، کونڈٕج، ترٕ، ٹھُل، مادٕ

ٹھٕج بیتر۔ کاوٕ ناگ وٚونٹ بھیشچہٕ'

(कावनाग वूटम्यश्च

اَمہِ سوٗترٕ سیٖتۍ چھُ کاوٕ ناگہٕ وٚونٹہٕ لفظن نِشہٕ مادٕ بناونہٕ وِزِ 'اِنۍ'

پوٚت لوٗگ یِوان مثلن:۔ ترٕ چھُ کاو، مادٕ کاوِنۍ، نرٕ۔ ناگ، مادٕ،

(अन्य तोपि पशुजाते:)

ناگِنۍ، ترٕ وٚونٹ۔ مادٕ وٚونٹِنۍ، انیہٕ توپہٕ پشُہٕ جاتے

بٮ۪یَن پشہٕ ذاژن منزتہٕ پیٚیہٕ 'اِنۍ' پوٚت لوٗگ

(दान्दा दिम्योरित्र)

مثلن:۔ نرٕ چھُ خر، مادٕ خرِنۍ بیتر۔ 'داندا دِھیورِن'

ناوِتی تہٕ یِمَن بنہٕ صِفتَس منزِ یِم رُوٗپ مثلَن۔ میون تہٕ چون۔
یِتھے پاٹھۍ چھیہٕ بیٚیہٕ تہٕ مثالہٕ۔ (अनादरा पत्यार्थे ऽ घम-
शब्देभ्य: कठ)
انادرا پتیارتھے ادھم شبد بیٚھہٕ کٕھٹھ

امہٕ سوٗترٕ موٗجوب یِیہٕ 'کٕھٹھ' پوٚت لوٗگ تَتھ
لگاونہٕ یِیلہٕ کانٛسہٕ بچِس شرارت یا ہتک کرُن آسہٕ مثلَن۔ ژوٗرٕ کٕھٹھ،
گانٛہٕ کٕھٹھ، پوٗگہٕ کٕھٹھ، واژٕ کٕھٹھ، راپہٕ کٕھٹھ بیترِ۔
(पोज़ अपज़
शब्दाभ्यां योर)
'پوٚز اپزٕ شبدابھیام یور'
امہٕ سوٗترٕ ستۍ چھُ پوٚز تہٕ اپزٕ لفظس ستۍ 'یور' پوٚت لوٗگ یِوان
مثلَن۔ پُزی + یور = پُزی یور، اپزی + یور = اپزی یور، منٛزِ یِم
شبدات دوٗتارتھے (मंज्युमशब्दा द्वूतार्थे)

اَمہٕ سوٗترٕ ستۍ چھُ منٛزِم لفظس ستۍ 'یور' یِوان مثلَن۔ منٛزِم یور۔
پنٛچمینیاد دِگرتے کِنہٕ (पञ्चम्यन्ताद्दिगर्थे किनि)
امہٕ سوٗترٕ مطابقہٕ یِیہٕ ABLATIVE سارنِش یِیلہٕ کانٛہہ طرف
ہاوُن آسہٕ کِنہٕ' پوٚت لوٗگ (SUFFIX) لگاونہٕ مثلَن۔ ہیٚپارٕ
کِنۍ، یِیتۍ کِنۍ، ہتۍ کِنہٕ بیترِ۔ سپتمینیات کُنہٕ (सप्तम्यन्तात् कुन)
یِمہٕ سوٗترٕ کِنہٕ یِیہٕ 'کُن' پوٚت لوٗگ تَتھ یپارٕ کانٛہہ طرف آسہٕ ہاوُن
یعنہٕ LOCATIVE وِس منز
چھُ یِیہٕ یِوان مثلَن۔ تور + کُن = تورکُن۔ اَمیُک مطلب چھُ تَرٕ
طرفہٕ۔ یِتھے پاٹھۍ یورکُن، کورکُن، ہورکُن، توٚت کُن، یوٚت کُن

اُدِ سوُتہٕ لیکھی متہٕ۔ یِم کال چھہٕ وہرِ ہناوَنہٕ آمتہٕ مثلن؛

اَز کال ( PRESENT TENSE ) . بروٚنہٕہ کال ( FUTURE TENSE )

تہٕ پَتھ کال ( PAST TENSE ) بیٚیہ چھُ اَتھ منز کرِدنتن

( VERBAL SUFFIXES ) پیٹھ تہٕ دَل دِنہٕ آمُت ۔

کرِدنت گیہٕ تِم کرِاوتی یِمن پرتییہ یعنے پوٚت لوٚگ لگاوتھ

پننہٕ اصل روٗپ بدلہٕ مثلن ہ۔ گِندان گِندان چھُ سُہ کامہٕ اندواتنا وان۔

اُسان اُسان چھُ سُہ سوٗرُے کران۔ یِمن جُملن منز چھ "گِندان گِندان" تہٕ

"اُسان اُسان" کرِدنت۔ سو چھیہٕ پرہٕنی کوٗر۔ سُہ چھُ پرہوٗن لڑکہٕ۔

یِمن منز تہٕ چھ پرہٕنی تہٕ پروٗن کرِدنت۔ یِم کرِدنت چھ رِتھہٕ

پاٹھہٕ بنان۔

موٗلہٕ کرِیہٕ ( ROOT ) پیٹھہٕ اِسم وتھلُن مثلن :۔

گرٕزھ + اُن = گرٕزھن، دور + اُن = دوٗرن . ہور + اُن

ہوٗرن ، موٗلہٕ کرِیہٕ پیٹھہٕ اوِکور ( INDECLINABLE )

بنن مثلن ۔ گرٕزھ + اِتھ = گرٕزِتھ ، دور + اِتھ = دوٗرِتھ ، ہور +

اِتھ = ہوٗرِتھ بیترِ۔

موٗلہٕ کرِیہٕ ( ROOT ) پیٹھہٕ کرِیہٕ وتھلنی مثلن ،۔ گرٕزھ + وُن =

گرٕزھوُن ، پرٕ + وُن = پرہوُن ، زین + وُن = زینہٕ وُن بیترِ۔

वर्तमाने धातुभ्यआन् ( ورتمانے دھاتُبھیہٕ آن :

اَمہِ سوُترٕ سِتۍ ییٚیہ اَز کالس منز داتوہن ( موٗلہٕ کرِیہٕ ) بتہٕ "آن"

اَمہِ سوٗتۍ ہِنزِ پیٚہ داندر کاندر بیتر لفظن ہِنزِ موٗنث بناونہٕ وِزِ رِنۍ پوٚت لوٗگ لگاونہٕ مثلن:- ترگوٗ داندُر، ماد، داندرٕنۍ- ترَ، کاندُر، ماد کاندرٕنۍ بیترِ۔

کشمیری شیدا مرتم کرِ دوٚیمِس حصس منز چھُ کاشرِ پاٹھو ترتیب وار ( ROOTS ) دِنہٕ آمتۍ مثلن۔ اُری اَچھرن ہندی موٗل۔ اَژ، اُژھ، اڈ، اُدر، اند، الس، الساو، اَڈُر، اَڈراو، آپر، آپراو، یژھ، ییر۔

زُری اَچھرن ہندی موٗل ( ROOTS )

کڈ، کت، کتر، کرُپ، کرژو، کن، کھٹ، کھنڈر، کھن، کھار، کھول، کھس، گرژھ، گنڈ، گل، چمک، چاو، چُکاو، چھک، چھوسب، جکھ، ژٹ، ژم، ژہل، ژھٹ، ژھل، زال، زین، ٹیک، ٹھکھ، ٹھک، ڈر، ڈکھراو، ڈلیش، تگ، تنبر، تمبل، تاو، تیمب، ترژ، ترٛاو، تھک، تھد، تھل، دگ، دز، دوے، دودر، دور، ترژ، نٹ، ناو، بیٹھ، پُھراو، پھب، پھرکاو، پھیش، پھور، پھرک، بز، بک، بر، منگ، مژراو، مر، ییتر، ییتراو، یاپ، رنگ، رُد، رن، مٹاو، لڑ، لور، دَت، وُٹ، وز، وہار، وور، شم، شرپ، شیٹھ، سکھ، سندار، سمبال، ٹان، ہڈ، ہاو، ہن، بیترِ۔

اَمہِ علاوٕ چھُ ییتھ حصس منز کالن ( TENSES ) مُتعلق تہٕ

is very little little known, but which is of great importance for the purpose of comperative philology. Existing Grammars of it have been made by foreigners and are imperfect. They all suffer from at least one great fault, viz., that they are based on the representation of the language which is quite unable to express the many spoken vowel sounds in the language. Ishwara Koul adopted the Devanagri Character, ingeniously modified to suit his purpose."

أمہ علاوٕ چھُ ایشور کولن دیوناگری رسم الخط منز کشمیری "دش بھاشودے"
ناوٕچ ڈکشنری لیچھمٕژ۔ یہ ڈکشنری چھیہٕ تمہٕ سنسکرت شلوکن منز
لیچھمٕژ ییمکہِ ژٕ جلد ریسرچ ڈپارٹمنٹچہِ سنسکرت مینسکرپٹ
(SANSKRIT MANUSCRIPT LIBRARY) لایبری
منز محفوظ چھُ۔
اتھ ڈکشنری منز چھُ بیوٚن بیوٚن کاشرین لفظن ہندی ناو
نوٚن مختلف زبانن منز دِنہٕ آمتیہٕ تہٕ کاشرسان چھُ یم دٕہ زبانہٕ
پوان۔ اَمِچ اکھ مثال چھیہٕ یتھ پاٹھۍ پیش:

پوٚت لوٚگ . مثلن - پر + آن = پران - بوز + آن = بوزان - کر + آن =
کران - سُہ چھُ پران ، سو چھےٚ پران ، سُہ چھُ بوزان ، سو چھےٚ بوزان ،
سُہ چھُ کران ، سو چھےٚ کران - یِمن جُملن منز چھِنہٕ موٗلہٕ کرٛیہ کانٛہہ
تبدیلی یوان تہٕ یِم چھِ ( INDECLINABLE ) بنان -

'دلپٔزروہ سو رانتات'

اَمہٕ سوٗترٕ موجوٗب آسہٕ تتھ موٗلہٕ کرٛیہ پتہٕ 'آن' پوٚت لوٚگ
یوان یتھ آخرس سور آسہٕ تہٕ بیٚیہ آسِس سورس (VOWEL) بردنٛتھ 'و'
(व) یوان مثلن :- کھ + وان = کھوان ، چہ + وان = چھوان ، دِ +
وان = دِوان -

یِمو مثالو تلہٕ چھُ اَسہٕ ننان زِ ایشور کول اوس تھدِ پایک
گرٛیمر دان - یوٚدوے اَمی سِنز کتابہٕ منز کینٛہہ کوتاہیہ درینٛٹھ گژھان
چھےٚ توتہٕ چھےٚ یہٕ تصنیف کاشرِس گرٛیمرس منز سنگہٕ میلچ حیثیت
تھوان - اَتھ تصنیفہٕ متعلق چھُ سر جارج گریرسنن اَمچہٕ گوڈٕ کتھہٕ منز
یتھہٕ پاٹھی باوتھ کرمٕژ -

"Ishwar Kaul's work is a Grammar of the Kashmiri Language Written in Sanskrit on the model of ordinary Vyakarana. It is an excellent work and might have been composed by Hemachandra himself. Kashmiri is a language which

(contd.)

ڈاکٹر چمن لال رینہ

# شوپرِنے تہٕ گرٛیسن

کٲشرِ ہندٕس اَدبس چھُ وِزِ وِزِ شاعرَو تہٕ اُدیبَو پننیو تخلیقی کارنامَو ذٕریٚ گوڈٕ بوٚرمُت تہٕ آبیاری کٔرمٕژ۔ ساٚنہٕ کٲشرِ تہٕ چھُہ وارِہیٚن رِوایتَن زِنٛدٕ تھٲوِتھ۔ یِمَن منٛز کاشُرٕ شِو فلسفہٕ سانہٕ زِنٛدگی پیٹھ چھُ تہٕ ساٚنِن ادبی حلقن منٛز چھُ یہِ فلسفہٕ ہمیشہٕ زیرِ بحث روزان۔ چونکہٕ یہِ فلسفہٕ چھُ زانٛنہٕ تہٕ فکرِ ترٛٲوِنہٕ لحاظہٕ ہنا کٔرٕٹھ آسان، اَوٕ موٗجوٗب چھُ شاعرٕ تہٕ عالِم پننیو ادبی تخلیقو ذٕریٚ پنٕنۍ پنٕنۍ مزاز وَرتاوِتھ عام کٔتھو تہٕ مُشاہدو ذٕریعہٕ تمہِ تام سہل تہٕ آسان شکلہِ منٛز واتناونٕچ کوٗشِش کران۔ یِتھ اَسہِ ادبی خدمت وَنان چھِ۔ یِہے کوٗشِش چھیٚ اَدبَس پوٚشِر دِنس، پھاںپھلاوَنس

"اخروٹ اکشوٹ والنٹ چھ جوز ہنگاک تہ پرم
چار مغز اپچھ چار مغز ڈوٗنو ترگاسترگا کرمادمی"
یتھ شلوکس منز چھ ڈوٗنکی ناو دہن زبانن منز مثلن:۔
ہندوستانی زبانی منز اخروٹ، سنسکرتس منز اکشوٹ
انگریزیس منز والنٹ (WALNUT) عربیس منز جوز،
ترکی زبانی منز ہنگاک، فارسی تہ پشتو زبانی منز چار مغز،
کاشرس منز ڈوٗن، لامی تہ بلتی زبانی منز ترگا۔
فارسی تہ عربی زبانی منز مہارتھ آسنہ کنی چھیہ ایشور کولن قانونِ
طِب تہ ابونصر فراہی ہنز کتابہ "نصابُ الصبیانس" سنسکرت
زبانی منز ترجمہ کوٗرمت۔ اَمہِ علاوہ چھ ہمو سنسکرت شلوکن منز
"درِبھکشہ نارو دیاست" لیوکھمت، یتھ منز مہاراجہ رنبیر سنگھنہ
عہدکہ دُراگک تذکرہ میلان چھُ۔

## کتابیات

BIBLOGRAPHY


۱۔ وشو سنسکرت شتابدی گرنتھ جموں وکشمیر راجیہ بھاگہ۔

۲۔ کشمیری شبدامرتم از۔ ایشور کول۔ ایڈیٹر، سرجارج ابراہم گریرسن۔

۳۔ ہمارا ادب (۷۸-۱۹۷۷ء) ترتیب۔ رشید نازکی۔

۴۔ کشمیری دش بھاشودے از۔ ایشور کول مضمون:۔ ایشور کول۔ بدری ناتھ کلا۔

چھُ باسان یِیمہٕ کنہِ یہ کُنہٕ خاص مقامس پیٹھ واتنےٚ ژھوکہٕ ہے یا زٕہیتھ گرٛژھہ ہے، بلکہ چھُ کرٛشنہٕ جُو رازدانَن پنٕنہٕ ادبی کمالہٕ ستی اَتھ وُسجار بخشمت تہٕ مقبوٗلیتُک جامہٕ وٕلِمتِ۔ اَمی چھہ شاعری ہندی اسلوٗب تہٕ اصوٗل ورتاوِتھ یہ تخلیق ابھنو گپتنس شعوٗری کمالس روٗحانی تہٕ عرفانی جمالس بروٗنٹھ کنہٕ پیش کرِمژ۔

شوٚپرنے چھُ گریرسنن ترتیب دِیمژ۔ یہ چھُ "ASIATIC SOCIETY OF CALCUTTA" ہَن ۱۹۲۴ء منز چھاپ کوٚرمُت۔

۲۳، جوٗن ۱۹۲۴ء چھُ گریرسن اَکھ گوڈ کِتھ لیکھان۔ گریرسنس ستی چھُ مہااُوپادِیاے مُکندرام شاستری ین تہٕ اَتھ کامہٕ کُن برابر توجُہ دِیمژ۔ مہا اُوپادیاے چھُ بقولِ گریرسن ۱۹۲۱ء منز سورگواس سپدمُت۔ تمہٕ وقتہٕ چھہ یہ کام آسان مکمل سپنزمژ۔ مُکندرام شاستری ین چھُ شوٚپرنیک سنسکرتس منز منظوم ترجمہ کوٚرمُت۔ تمیٚ چھُ اَتھ "چھایا" "یعنے ژھاے" ناو تھوٚومُت۔ بقولِ گریرسن چھُ مُکندرام شاستری کاشرٕ بٕہلہٕ پایہٕ لسانی ماہر اوسمُت۔ گریرسنن چھُ وَنمُت زِ۔

"I OWE MUCH TO THE TEACHING AND TO THE HELP HE GAVE ME IN THE PREPARATION OF CHAYA."

امہٕ ستی چھہ اَسی ژینان زِ شوٚپرنے کو تاہ موٗل تخلیقی سرمایہ چھُ پیٚتھ تخلیقی کامہٕ منز (یعنے چھایا بلکھنہٕ) یتھی ہوی بٕہلہٕ پایہٕ لسانی ماہرن مہا اُوپادھیاین تہٕ گریرسنس ستی یہ بارآور کوشش کرٕ۔

تہٕ ترقی کرنس منز اَتھ رۄٹ کران۔

اَسہِ نِش چھُ وُنی کنِس زیرِ بحث کرشنہٕ جُو رازدانٕنۍ شو پرِ نۍ۔ شو پرِ نۍ چھُ اکھ تھکنۍ لایق تخلیقی کارنامہٕ، یُس زَن کرشنہٕ جُو رازدانٕن وید، اُپنشد، مہابھارت تہٕ پُرانَن ہنٛزِ بُنیادِ پیٹھ تخلیق چھُ کوٗرمُت۔ شو پرِنۍ چھےٚ کٲشُر منظوم تخلیق۔ شو پرِنۍ گوٚو کٲشرِ پاٹھۍ شو سُنٛد نٲگن۔ پرِنۍ چھُ سنسکرت لفظ۔

یِیلہِ اَسۍ اَتھ عنوانَس سَنان چھہِ اَسہِ چھُ نَنان زِ شو چھُ اکھ ذات، یُس کرمہٕ یندرِیوٚ تہٕ گیانہٕ یندرِیوٚ، مَن بُدھی تہٕ اہنکارکِین حدوٗدَن منز آدرنہٕ آمُت چھُ۔ یندرِیےٚ گَیہِ حواس، کرم گیہِ عمل تہٕ گیان گوٚو علم۔ یِم چھہِ کُل ۳۶ توتھ آسان تہٕ شو چھُ یِمو منز گوڈنیُک توتھ یُس زَن باقےٚ توتَن ہٕنٛزٕ ستۍ چھُ۔ یِتھٕ کٕنۍ چھُ شو باضابطہٕ پاٹھۍ آکارَس منز یِوان۔ نِراکار تہٕ نِرگوٗن چھُ ساکار بنان تہٕ اَمِس منز چھہِ گوٗن نموٗدار سَپدان۔ لامحدوٗد چھُ محدوٗد بنِتھ سانِین نظرَن منز، سٲنِس سوچَس منز تہٕ سانہِ فکرِ منز اکھ باضابطہٕ ذہنی شعوٗر تھوٗن وول وجہٕ ستاد ثابت سپدان۔ "CULTURAL HERITIGE OF INDIA" مطابق چھُ کرشنہٕ جُو رازدان، پرمانندنۍ اکھ شِشہ (شاگرد) اوسمُت۔

اَمِ منز یہٕ تخلیق چھےٚ رُوحانی تہٕ فلسفیانہٕ صلاحیتَو برٕتھ۔ یہٕ شاہکار تخلیق چھےٚ اکھ خاص نموٗنہٕ یتھ منز نہٕ کانٛہہ تیٖتھ شٹھینار

چھُ باسان یِیمہٕ کنِہ یہِ کنُہٕ خاص مقامس پیٹھ واتنٕ ژھوکہٕ ہے یا زٕہیتھ گرٛژھہِ ہے، بلکہ چھُ کرشنہٕ جوُ رازدانٕن پننہٕ ادبی کمالہٕ سِتۍ اَتھ وُسجار بخشمت تہٕ مقبوُلیتھٕچ جامہٕ وُڈٕمِتھ۔ اُمی چھِ شاعری ہندی اسلوُب تہٕ اصوُل ورتاوِتھ یہِ تخلیق اِبھنو گپتنٛس شوٗرٕی کمالس رٗوحانی تہٕ عرفانی جمالس بروٗنٛہہ کنہٕ پیش کٔرمٕژ۔

"ASIATIC" شو پرٕنے چھِ گریرسنن ترتیب دِیتمٕژ۔ یہِ چھےٚ "SOCIETY OF CALCUTTA" ہن سنہ ۱۹۲۴ءمنٛز چھاپ کوٚرمٕژ۔

۲۳، جوٗن سنہ ۱۹۲۴ء چھِ گریرسن اَمِچ گوڑٕکتھ لیکھان۔ گریرسنس سٟتۍ چھُ مہااُوپادِیاے مُکندرام شاستری یَن تہٕ اَتھ کامہِ کُن برابر توجُہ دِیتمُت۔ مہااُوپادیاے چھُ بقولِ گریرسن سنہ ۱۹۲۱ء منٛز سورگواس سپُدمُت۔ تمہٕ وقتہٕ چھِ یہِ کام آسان مکمل سپنٛزمٕژ۔ مُکندرام شاستری یَن چھُ شو پرٕنیک سنسکرتس منٛز منظوم ترجمہ کوٚرمُت۔ تمۍ چھُ اَتھ "چھایا" یعنے "ژھاے" ناو تھوٚومُت۔ بقولِ گریرسن چھُ مُکندرام شاستری کاشُر بٔہلہِ پایہِ لسانی ماہر اوسمُت۔ گریرسنن چھُ وَنمُت زِ —

"I OWE MUCH TO THE TEACHING AND TO THE HELP HE GAVE ME IN THE PREPARATION OF CHAYA."

اَمہِ سٟتۍ چھِ اَسہِ ژینان زِ شو پرٕنے کوتاہ موٗلُل تخلیقی سرمایہ چھُ تِیچھ تخلیقی کامہِ منٛز یعنے چھایا لیکھنس، یتھی ہوی بٔہلہِ پایہِ لسانی ماہرن مہااوُپادھیایَن تہٕ گریرسنس سٟتۍ یہِ بارآور کوشِش کٔر۔

تہ ترقی کرنس منز اَتھ روٗٹ کران۔

اَسہِ نِش چھُ وُنی کینس زیرِ بحث کرشنہ جوٗ رازدانن شو پرٕنے۔ شو پرٕنے چھُ اکھ تھکنُ لایق تخلیقی کارنامہ، یُس زَن کرشنہ جوٗ رازدانن وید، اُپنشد، مہابھارت تہ پُرانن ہنٛز بنیادِ پیٹھ تخلیق چھُ کوٗرمُت۔ شو پرٕنے چھیٚہ کاشُر منظوم تخلیق۔ شِو پرٕنے گوو کاشرِ پاٹھۍ شوٗ سُند کتھ۔ پرٕنے چھُ سنسکرت لفظ۔

یُتھ اَسی اَتھ عنوانس سَنان چھِ اَسہِ چھُ نَنان زِ شو چھُ اکھ ذات، یُس کرمہ یندریوٗ تہ گیانہ یندریوٗ، مَن بُدھی تہ اہنکارکین حدوٗدن منز آدرنہ آمُت چھُ۔ یندریہٕ گَیہ حواس، کرم گَیہٕ عمل تہ گیان گوو علم۔ یِم چھِ کُل ۳۶ توتھ آسان تہ شو چھُ یِمو منز گوڈنیُک توتھ یُس زَن باقہٕ توتن ہنٛز سِتہٕ چھُ۔ یِتھ کِنۍ چھُ شو باضابطہ پاٹھۍ آکارس منز یوان۔ نِراکار تہ نِرگون چھُ ساکار بنان تہ اَمس منز چھِ گون نموٗدار سپدان۔ لامحدوٗد چھُ محدوٗد بنِتھ سائنِن نظرن منز، سائنِس سوچس منز تہ سانہ فکرِ منز اکھ باضابطہ ذہنی شعوٗر تھوٗن وول ووستاد ثابت سپدان۔ "CULTURAL HERITIGE OF INDIA" مطابق چھُ کرشنہ جوٗ رازدان، پرمانندنُے اکھ شَش (شاگرد) اوسمُت۔

اَمی ہنٛز یہ تخلیق چھیٚہ روٗحانی تہ فلسفیانہ صلاحیژو بٔرِتھ۔ یہ شاہکار تخلیق چھیٚہ اکھ خاص نموٗنہ یتھ منز نہ کانٛہہ تیٚتھ شٹھیار

سپزمژ۔ یہ اُس دیوناگری رسمِ خطس منز لیکھنہ آمژ۔ اَتھ کتابہِ چھ ۶۱۹ صفحہ آسان تہٕ کتاب چھیٚ ۱۹۱۵ ہَن شۄلوکن پیٹھ مُشتمل۔ یتھے پاٹھۍ چھپیٚ "چھایا" کتاب تہٕ ۱۹۱۵ ہَن شارن پیٹھ مُشتمل۔ یہ چھیٚ سنسکرت زبٲنۍ منز لیکھتھ۔ اَتھ تہٕ چھُ دیوناگری رسمِ خطے۔ گریرسنن چھیٚ اَمہِ کتابہِ ہنز گوڈ کنتھ انگریزی زبٲنۍ منز اَیچھمژ، یتھ PROOF READING پروفیسر جوٗلِن بلاکن کَرمژ چھیٚ۔ تِمہٕ پتہٕ چھیٚ یہ کتاب چھاپ سپزمژ۔

ڈلو اَسی وُچھو زِ فلسفیانہ اعتبار کوتاہ سَنہٕ چھُ شوپرنیس تہٕ یہ کمو مرحلو منٛزٕ چھُ گُزران۔ کرشنہ جوٗ رازدان کتھ کنۍ چھیٚ یہ تخلیق کاشرِس مزاجس لایق بناومژ۔ باسان چھُ زِ گوڈنیتھ چھیٚ تِمۍ مذہبی رلوایتھ کام ہیتٕمژ۔ تکیازِ تِمۍ چھہ گوڈنیتھ شری گنیشنہ ہنز توتا کَرمژ، یتھ گریرسنن "INVOCATION TO GAUSHII" ناو تھوو۔ ہندٕ دیومالایہ منز چھہ گنیشس آدِ دیو یعنے گوڈنیک دیوتاہ وَنہٕ آمُت۔ پریتھ کانٛہہ مذہبی کام چھیٚ اَمہٕنزِ توتایہ تہٕ پوزایہ ستی شروع سپدان تہٕ یۄہے چھُ پریتھ کامہِ کامیاب بناوَن وول سِدِ داتا مانہٕ یوان۔ گنیش چھُ اکھ دیوتاہ یُس شو پرانو مطابق شِو تہٕ پاروتی ہُنٛد سَنتان چھُ۔ الگ الگ پُرانَن منز چھہ اَمِس دیوتاہَس متعلق عجیب عجیب کتھ نَنان۔ اماپوز یہ چھُ الگ بحث۔

گریرسنس چھُ پوٗر ناو جارج ۔ اے ۔ گریرسن اوسمُت ۔ سُہ اوس ڈی لِٹ پی ، ایچ ، ڈی تہٕ ایل ، ایل ، ڈی "ASIATIC SOCIETY OF BENGAL" یُک تہٕ اعزٲزی رُکن اوسمُت ۔ ناگری پرچارنی سبھایہ ہُند تہٕ اعزٲزی رُکُن اوسمُت ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ گریرسن یمَن یمَن ادبی حلقَن سٟتؠ وابستہٕ اوسمُت ۔ مثلن :-

1. AMERICAN ORIENTAL SOCIETY.
2. INTERNATIONAL BIHAR AND ORRISA RESEARCH SOCIETY.
3. MODERN LANGUAGE ASSOCIATION.
4. ROYAL DANISH ACADEMY OF SCIENCE
5. BOMBAY BRANCH OF THE ROYAL ASIATIC SOCIETY.

اَمہِ علاوٕ اوس گریرسن فرانسچہِ ادبی تنظیمہِ سٟتؠ وابستہٕ تہٕ اَکھ سرگرم کارکُن ۔ یہ چھُ اکھ ثبوت گریرسنہٕ علم تہٕ ادب دوستی ہُند ۔ سُہ اوس اکھ صحیح انسان تہٕ سرگرد ادبی کارکُن ۔ تِس اوس تحقیقی مزاج ، سُہ اوس اکھ عالِم تہٕ ادب شناس ۔ تِمو پرٛیس اوس تِہنزَن ادبی سرگرمیَن منٛز اکھ خاص شرف تہٕ مقام حاصل ۔ یہ کتاب چھپیہ مِشن پرٛیس منٛز چھاپ

گوڈ پاستوٗتی پَتہٕ چھُ شوٗ پرٛنین منٛز فِکری منظر شروٗع گژھان۔
سُہ گوو زِ ذاتِ پاک چھُ یِمہٕ کائناتُک دارٕمدار تہٕ بُنیاد تہٕ بیٚیہ اَکھ
وجوٗدس منٛز اَنُن وول۔ ہندوستٲنؠ فلسفکس یِتھ پہلوٗہس وِزِوِز
ہندوستٲنؠ فلاسفرو پننہِ اِدراکہٕ (PERCEPTION) اَنہٕ مان
INFERENCE تہٕ لفظی تصدیق (VERBAL TESTOMONY)
ذٟرِ حل کرنٕچ کوشش کرٕ۔

باسان چھُ زِ گرِیہ سٕنن چھ شوٗ پرنٕے یکُ مطالعہ کرِتھ یہ
انداز کوٚرمُت زِ شیوٗ فلسفہ چھُ کٲشرِن دِماغَن تہٕ ذہنَن منٛز
یِتھ پٲٹھۍ وٕنیِتھ تہٕ شرٕپیتھ یُھژن یہ فلسفہ کٲشر شٲعری منٛز تہٕ
وہرٕ ڈھناونہٕ آو۔ شیوٗ فلسفہ سیٚد سیوٚد وَنہٕ کھوتہٕ باسیوٚو
کرٕشنہٕ جوٗ رازدانَس تہٕ زِ سُہ کرِ یہ خدمت شٲعری ہُندے
آسرٕ ہیتھ۔ یِتھ کِنۍ کھوٚت یہ فلسفہ کٲشرِن عام لُکن ہنٛزِ زیوٚ
تہٕ یہ چھیٚیہ الگ کتھ زِ فلسفس سٕنٛز چھیٚیہ اکھ کتھا۔ اماپوز شٲعرَن
چونکہِ چھُ پَتہٕ وَتھ اکھ سہل تہٕ آسان ذٔریعہ رٕوٗدمُت یِمہٕ سے
زاوُلی نوقطہٕ یاد تھوَنہٕ آسی یوان۔ نِشِ اوس نہٕ تیوٚت کارگر پیدان،
تنکیازِ شیوی ادب چھُ وید، اُپنشد، آگم شاستر، پُران، رامائن
مہابھارت تہٕ باقے شٲعری ادبس اندر میلان امہِ کنہٕ باسیوو
زِ کرٕشنہٕ جوٗ رازدانَن یہ کوشش رُوٗز سٕٹھاہ کامیاب تہٕ
کارگر۔

سون موضوعِ سُخن چھُ زِ کرشنہٕ جوٗ رازدان کیازِ چھُ گوڈ گنیشہٕ پیٹھٕ استوٗتی کران۔ صاف چھُ ظاہر سپدان زِ سُہ چھُ ہندو دیو مالایہِ منز پوٗر پوٗر پرٛتھ پرٛتھ تھوان۔ تمہِ کرٕ گنیشس توتازِ شو پرٛنے گوڑنھ نوشس اسلوٗبی سان اندٕ واتنُ تہٕ مکمل سپدُن۔ یوٗتے یوت نہٕ بلکہ چھیہٕ اتھ فلسفہٕ اعتبارٕ خاص اہمیت حاصل۔

گنیش استوٗتی پتہٕ چھُ تخلیق کار پننس گوٗرس پیٹھ نوتا کران۔ یہِ تہِ چھِ کاشرِ مزاجٕچ عکاسی یوسہٕ زَن گوٗرس تہٕ شِشن ہُند رِشتہٕ ہاوِتھ دِوان چھِ۔ کاشرِس ذہنس منز کتھ حدس تام چھُ پننس ووستادس پیرس تہٕ مُرشدس تہٕ وُنہٕ ہاوِکس قدر تہٕ عزت سپدان تہٕ یہِ شِش تہٕ شاگرد کوتاہ شُکر گزار تہٕ ممنون چھُ اُمس گوٗرس شُند آسان۔ گوٗرشِشیٚہ پرمپرا چھیہٕ سانین اُپنشدن منز خاص اہمیت تھوان۔ سانس شکھتی وادس منز چھُ اتھ سِٹھے تھزر تہٕ بجر حاصل۔ اَمچِ مثالہٕ چھیہٕ کلنارنو تنترٕ تہٕ گیانارنو تنترس منز کانی میلان۔ اَز کالس منزٕ تہِ چھِ شیو آچاریہٕ پننین گوٗرن ہُند دوہ مناوان۔ یہِ رلوایتھ چھیہٕ سِٹھاہ پرانی۔ گوٗر استوٗتی چھیہٕ انسانی اخلاقچ اکھ ٹاکارٕ مثال یوسہٕ رشو پرٛنیس منز درج چھیہٕ۔ بقولِ تخلیق کار گوٗر چھُ سدگوٗر تہٕ پوٗز گوٗر پیر تہٕ بُزرگ یُس زَن وِزِ وِزِ تہٕ ژٕہرٕ ژٕہرٕ پننس شِشس یا مُرشدس سیٚز وَتھ ہاوان چھُ تہٕ تمہِ پیٹھٕ کوتاہیہٕ دوٗر کران چھُ۔

پَتہٕ پَتہٕ تہندی پاَٹھۍ ژِیدۍ شار لیکھان تہٕ وارہِہ جاین چھرا پرمانندنی ہوی شار وَنان یِیمہٕ ستۍ یہ کتھ ثابت چھِیہٕ سپدان زِ سہٕ چھُ پرمانندُن رُت شُشُر اوسمُت۔

اُمس اوس گیتاجی ہُند تہٕ سبٹھاہ اَثر۔ چنانچہ چھُ تمۍ کینٛژن جاین تمیٖک یعنے گیتاجِیہِ ہندِ فلسفُک تہٕ اظہار کوٚرمُت۔

یوٚتانیتھ زَن گریرسن ہندِ انگریز آسنُک تعلق چھُ تمِس اوس نہٕ کاشُر فکرِ توٚرمُت۔ یُس زَن تمۍ مہامہوپادھیاے شری مکند رام شاستری یُس نِشہٕ ہیوٚچھ۔ توتہٕ چھِ اُسی سبٹھاہ شُکرگزار گریرسنس ہندی یِیمِ زَن کاشُرِ نہٕ آسہٕ پتہٕ تہٕ کاشرِس ادبی سرمایس پیٹھ قلم تُل تہٕ صحیح طریقہٕ خدمت کرٕ۔ یِہُند بجَن کامہن پیٹھ ییمِ میحنت کٔرمٕژ چھُ گریرسنہٕ سنز ادب دوستی تہٕ ادبی دلچسپی کیو ادبی صلاحیتُک ہُند ٹاکار ثبوت۔ کینہہ آواز چھِہٕ ٹھیک پاَٹھۍ تہٕ اصل شکلِ منز تمس کاشرِ زبانۍ منز پھِرہٕ بجُمُت۔ مثالہٕ پاَٹھۍ چھُ گریرسن "ز" یعنے (ज) (زا) ج آواز چھِیہٕ اُمی تہٕ رج، رجا، ج آوازِ ہنزی شکلِ ورتاوِمُت۔ یتھے پاَٹھۍ چھُ اُمی (ژ) ژا تہٕ رچ، چا پاَٹھۍ ووٚنمُت۔ یُس زَن اُمی دیوناگری لپس منز سنسکرتہٕ آسہٕ لوٚرمُت چھُ۔ اُمی چھُ (ज्ञ) "امہٕ لفظ "یِیمہٕ" بدلہٕ لیوٚکھمُت۔ ترِیہٕ نیتھر چھُ اُمی تہٕ ترٛینیشر آسہٕ لیوٚکھمُت۔ "زیہٕ" چھُن "جیہٕ" لیوٚکھمُت۔ بہرحال یہ چھِیہٕ اکھ

کرشنہ رازدانن اوٚن شو اَکس شخصی شکلہِ منز پتہ ساری
کِردار کرِن عام انسانہ ہندی آپہ پیش۔ "پرِنےٖ" گوو ہگن۔ پہ
لگن کیتھ کنٛ ییہ ہیہ عام ذہنس تام واتناونہ، کوٚر اَمیٖ شو اَکھ
خاص کِردار کھڑا۔ پاروتی بیاکھ کِردار تہ راز ہمالہ تہ نارد مینٛز
بیتر کِردارن ہند رِیچھ دِتھ ڈلِن اَتھ پننہ ماحولکی جامہ۔ چنانچہ
ہمالہ پربتس پیٹھ واتِتھ گوری تہ ووماژھانڈنی اوس اَسہ لتہ
دوٗر ییمہ کِنۍ شو چھُ گوری یا وومایہ شاریکایہ ہندِس روٗپس
منز ہارِ پربتس پیٹھ اَنِتھ سانہ خاطرٕ آسانی پاد کران۔

شو پرنیس منز چھُ کرشنہ جوٗ رازدان دٕلیس پیٹھ ییٚژھہ
پرژھہ منگان زِ ییتھ پاٹھی شنکر سوٚدی واٚنس لوٗٹان چھُ
تِتھے پاٹھی گوٚژھ سہ اَمس تہ لوٗٹھُن۔ یوٚتےٚ یوت پتہ دیان
اَبھنوگُپت شیو آچاریہ تہ چھُ پننہِ بٲہ شتھ پاروکارتہ شش
ہیتھ ییمی دِہہ سورگس کھوتمُت۔ ییمہ ستۍ اَسہ شیو فلسفُک
تھزر تہ بجر چھُ برٛتھی پاٹھی نٔنان۔ کٲشرِ ہند شیو فلسفہ
آو وارِہن کتابن منز ورژھناونہ تہ پھانٛپھلاونہ۔ اما پوٚز
کرشنہ رازدانن کوٚر یہ عام تہ سہل طریقہ پننہ شاعری
یعنے منظوم تخلیقہ شو پرنیہ کِنۍ کٲشر زبان زانن والین
منز مقبوٗل۔

کرشنہ رازدان چھُ پننِس گورس پرمانندس

ڈاکٹر ستیا بھاما رازدان

مترجم:- سوم ناتھ پنڈت

# کأشُر گرامر تہٕ گریرسن

اُزی کہِ میانہِ یِمہِ سیمنار پیپرک موضوع چھُ کأشرِس گرامرس منز PARTICIPLE VERB تہٕ ADJECTIVE تہٕ سرجارج ابراہم گریرسن۔ اَتھ موضوعس پیٹھ پننی خیال پیش کرنہٕ بروٚنہہ چھس بہٕ یہ ونُن یژھان زِ یِتھ پیپرس منز چھِ میٚہ کینہہ گرامر ٹرٛمہٕ بِلکُل تِتھی طریقس منز استعمال کرمٕژ یِتھ طریقس منز تِمہٕ انگریزِس منز ورتاونہٕ چھیٚہ یِوان۔ اَمیُک وجہ چھُ یہ زِ کأشرِس منز میٚجنہٕ میٚہ یِمہٕ ٹرٛمہٕ صحیح معنیس منز۔ خأر PARTICIPLE چھِ تِتھ لفظس وَنان یُس ناوٕت، کراوٕت

مجبوٗری گرٕرِسٕنس آسِہٕ، تِکیازِ سُہ اوس غاٲر کاشُر۔

یِہ سوٗرُے کینہہ چھُ صرف گرٕرِسنٕہ پنٛدی وُزٕھ تہٕ تٔہنٛزی کوٗشِشہِ ہُند اَثر زِ یِمَن گرٕنتھَن پیٛٹھ تہٕ وٕکتی نیٚبرِمِن لِکھارِن ہٕنٛدی قلم تہٕ تِہنٛدی ذیٚہن تہٕ گیہِ اَتھ کوٗشِشِ کُن توجُہ دِنَس تہٕ یِمَن مُسلن سام ہیٚنَس کُن راغِب۔ یہ چھیٚہ اَکھ بٔڑ کتھ۔ یِمو سارِوے کوٗشِشو کِنہٕ چھِ کٲشری اَمِس عظیم لِکھارِس تہٕ ادیبَس مایہ پوٗرٕ ت شُکرانہٕ اَدا کران۔

یِم کراوِتی چھِنہٕ جُملَس منز اصلی کرٛاوِتیٖچ یعنے MAIN VERB چ

کٲم کران بَلکِہ چھِ اَمہِ استعمالہٕ پَتہٕ جُملَس منز FINIT کرٛاوُت

تہٕ ورتاونہٕ یِوان ـ مثلَن وَنَن وٲلی سٕندِ زیٖوِ "توٗلُل ژٲرِتھ" جُملہٕ

بوزنہٕ پَتہٕ چھُ بوزن وٲلِس بیٚیہِ کُنہِ کامہِ ہِنٛدِ سپدنُک اِمکان

روزان یعنے توٗلُل ژارن وول کرِ توٗلُل ژٲرِتھ بیٚیہ کانٛہہ کٲم یعنے

شہٕ توٗلُل رنہٕ بیترِ ـ یِتھے پٲٹھی یِیلِہ یِم PARTICIPLE VERB جُملَس

منز ناوِچہِ شکلِہ منز ورتاونہٕ چھِ یِوان تہٕ یِمَن چھِ کرٛاوُت،

باوُت یعنے VERBAL NOUNS وَنان تہٕ یِیلہِ یِم باوِچہِ شکلہِ منز ورتاونہٕ چھِ

یِوان یِمن چھِ کرٛاوُت باوُت یعنے VERBAL ADJECTIVE وَنان مثلَن

"اَمِس لٔڑکہٕ سٕند اَسُن" تہٕ "میٚہ وُچھ اَکھ اَسوٗن لٔڑکہٕ" یِمَن دوٚن جُملَن منز چھُ اَمہِ موٗلہٕ کرٛاوُت

تہٕ اَکھ ہِتی چھُ ترتیب وار "اُن" تہٕ "وُن" SUFFIX جوڑنہٕ سیٖتی کرٛائی اَمہِ کرٛاوُت اَکلے

ناوِچ یعنے ABSTRACT NOUN یِچ تہٕ باوِچ شکل اختیار ـ یِتھ پٲٹھی چھُ "اَسَن"

اَکایتہِ ناوُت یا VERBAL NOUN تہٕ اَمہِ "وُن" چھُ VERBAL ADJECTIVE ـ یُتام زن گرٛیرٕ ژسنہٕ

کامہِ ہُنٛد تعلُق چھُ تَمُک چھُ یِمَن دوٚنوٕنی SUFFIX ن ہُنٛد

ذِکر کورُمُت ، اما پوٗز ہَمو SUFFIX و سیٖتی بنیٚمتی یِم

PARTICIPLE VERB کتیٚن تہٕ کِتھ چھِ کٲشرِ زبٲنی منز ورتاونہٕ

یِوان اَمِچ وَکھنے چھِنہٕ تِموٚ پوٗرٕ کرٕمژ ـ لفظَن ہِنٛدِ گرٛنہٕ مطابق

چھِ کٲشرِ زبٲنی ہِنٛدی یِم PARTICIPLE VERB دوٚیہِ قسمکی :ـ

اَکھ گَیہِ تِم یِم زَن ناوِچکی پٲٹھی تعداد، جِنٛس تہٕ حالتُکِس سطحی

تہٕ باوُت، یمِن ترٛنوٕنۍ ہُنٛز خاصیت آسہِ وَنان۔ کٲشُر زبانۍ
منٛز چھُ بناوٹہٕ مطابق کرٛاوُت دۄ قسمُک اکھ سُہ یُس AFFIX
جوڑنہٕ ستۍ بنان چھُ تہٕ اتھ چھہِ INFLECTED VERB وَنان تہٕ
نمبر ۲ سُہ کرٛاوُت یُس SUFFIX جوڑنہٕ ستۍ بنان چھُ تہٕ
اتھ چھہِ PARTICIPLE VERB وَنان۔ یہ کتھ چھےٚ پٔزٕ زِ ازکلچن
ہندوستانۍ آریہ زبانن منٛز چھُ INFLECTED VERB ک استعمال
وارٕ وارٕ ختم سپدمُت تہٕ تِہنٛز جاے چھےٚ ہُر کرٛاوتھو، تہٕ
زٹھٕ۔ مگر یوٚتام زَن کٲشرِ زبانۍ ہُند PARTICIPLE VERB
تعلق چھُ، اتھ زبانۍ منٛز چھُنہٕ INFLECTED VERB ک
استعمال پوٗرٕ پٲٹھۍ ختم سپدیومُت بلکہ چھُ وُنہٕ تہٕ امیُک
استعمال سپدان۔ امہِ علاوٕ چھُ کٲشرِ زبانۍ منٛز INFLECTED
VERB ستۍ "ہُر کرٛاوتِس" بدل PARTICIPLE VERB تہٕ
ورتاونہٕ یوان۔ اَزۍ کِس یتھ پیپرس منٛز کرٕ بہٕ یمہِ کتھِ ہُنٛز باوتھ
زِ سر جارج ابراہم گریرسنن کیاہ چھُ کٲشرِ زبانۍ ہندِن PARTICIPLE
متعلق وۄنمُت تہٕ تُہند خیال کتھ حدس تام چھُ صحیح۔ PARTICIPLE
ہِنٛز خاصیت چھےٚ یہ زِ یمن پتہٕ مختلف (اندٕ تی) AFFIX جوڑنہٕ
پتہٕ چھہِ یم ناوُت تہٕ باوتھِ شکلہِ منٛز تہٕ استعمال سپدان۔ امہِ
علاوٕ چھہِ یم جملس منٛز کرٛاوتُک کٲم تہٕ کران۔ کرٛاوتِ شکلہِ منٛز چھُ
یُہند استعمال بے اَنتھ کرٛاوتِ شکلہِ منٛز سپدان۔ امہِ پٔتۍ زِ

جُملہٕ کرِ حرکژ ہندِ صوٗرتہٕ مطابق ہیکَن ہیم NOMINAL

PARTICIPLE VERB تہٕ دوٚیہٕ قسمکۍ آسِتھ : ACTIVE

NOMINAL PARTICIPLE VERB تہٕ PASSIVE NOMINAL

PARTICIPLE VERB - کالہٕ ورتاوٕ مطابق ہیکَن بروٚنہہ یم

بیٚنہٕ تریٚیہٕ قسمکۍ آسِتھ - از کالکہٕ ، یِتہٕ کالکہٕ تہٕ پیش کالکہٕ -

یوٚتام زن از کالکہٕ حرکژ دار NOMINAL PARTICIPLE VERB

بکُ تعلُق چھُ ییم چھہٕ جُملَس منز بدٕ س کرٛاوتِس ستۍ تمکِس حرکتس منز سپدن دالہٕ کراوتۍ وکھنٕ کران - کاشرِ زبانۍ منز چھہٕ یتھہٕ کرٛاوتۍ وکھنہٕ کرنہٕ باپتھ موٗلہٕ کرٛاوتِس ستۍ "آن" یا "وان" SUFFIX جوڑنہٕ یوان - یہٕ "آن" تہٕ "وان" SUFFIX چھہٕ صرف شہرکِس کاشرِس منز دریٚنٹھۍ گژھان - یوٚتام زن گامہٕ کاشرِکۍ تعلُق چھُ اَتھ منز چھُ "آن" بدلہٕ "اَن" تہٕ "وان" بدلہٕ صرف "وَن" SUFFIX جوڑنہٕ یوان - سوال چھُ زِ آن / اَن کیٚتن چھہٕ لگان تہٕ وان / وَن کیٚتین چھُ لگان - آن یا اَن SUFFIX چھُ تمن موٗلہٕ کرٛاوتین ستۍ لگان یِہند اَندیُم حرف CONSONANT آسہٕ مثلَن : گژھان، پران ، ژاران ، انان ، لاگان ، زینان - ترانان ، یا - گژھن پرَن، ژارَن ، انَن ، لاگَن ، زینَن ، زانَن بیتر - "وان" یا "وَن" چھُ تمن موٗلہٕ کرٛاوتین ستۍ لگان یِہند اَندیُم حرُف "سوز" یا VOWEL آسہٕ - مثلَن - نِوان ، کھیوان ، چیٚوان یا نِون ، کھیوٚن ، چیٚوٚن بیتر - یوٚتام زن گریرسَن ہٕز کامہٕ ہُند تعلُق چھُ تِمۍ تہٕ چھہٕ یِمَن دوٚنوٚنی SUFFIX

پیٹھ بناوٗنکۍ حِصہٕ دار بُنان چھِ تہٕ دۆیم گژھہٕ تم ہم زن INDEDINABLE
یِنے اَکۍ سے شکلہِ منز روزان چھِ تہٕ کرٛاوٕتی ہندِ تعدادٕ جنس تہٕ حالتہٕ
مطابق چھِنہٕ یمن کانہہ تبدیلی یوان۔ یمن دۆنوٗنی سطحن پیٹھ چھِ
کاشرِ زبانہٕ ہندی PARTICIPLE VERB تہٕ دۆیہ قسمکۍ بُنان۔ اکھ
گژھہٕ NOMINAL PARTICIPLE VERB تہٕ دۆیم گژھہٕ

INDEDINABLE PARTICIPAL VERB.

NOMINAL PARTICIPLAL VERB :-

کاشرِ زبانہٕ منز چھِ یمن کرٛاوٕتین منز ناوتکۍ پانٛژھی تعداد
جنس تہٕ حالتکۍ جز موجوٗد آسنہٕ علاوٕ INFLECTED VERB کہٕ حرکژ
ہنز صوٗرتھ بیتر جزٕ تہٕ شامِل آسان۔ یتین چھیہٕ یہ کتھ تہٕ لایق
زِ کاشرِ زبانہٕ منز تہٕ چھُ PARTICIPLE VERB بکُ استعمال
جُملس منز MAIN INFLECTED VERB بس ستۍ ہرکرٛاوتچہِ
شکلہِ منز پیدان۔ مثلن اکھ جُملہٕ چھُ "سُہ چھُ اَسان اَسان کام
کران"۔ اَتھ جُملس منز چھُ "کام کرٛنۍ" بوٚڈ کرٛاوُت۔ "اَسُن"
کراوُت چھُ اَتھ بُڈس کراوتس یا MAIN VERB بس ستۍ
ہرکرٛاوتچہِ شکلہِ منز ورتاونہٕ آمُت۔ مگر ییلہِ کُنہٕ ساعتہٕ
جُملس منز بوٚڈ کرٛاوُت آسہٕ نہٕ تمہِ وقتہٕ چھُ یہ
PARTICIPLE VERB جُملس منز بڑِ کراوتچ کام کران۔
مثلن: "سُہ اوس گومُت"

نظر انداز کرِتھ زِ یکوُنہِ کاپر باوُتھ کرِنہٕ باپتھ چھُ اتھ بڈٕس کرٛاوتِس
پتہٕ ہُر کرٛاوُت "چھُ" تہٕ کرٛاوتی سِندِ تعداد تہٕ جنسہٕ مطابق
ورتاونہٕ یوان مثلن۔

سُہ چھُ پکان، تِم چھِ پکان، سو چھیہٕ پکان، تمہٕ چھیہٕ
پکان، تٕہ چھکھ پکان، تُہۍ چھِو پکان، بیترِ۔

ہمو دۄشوٕنۍ مثالو سۭتۍ چھِ یہِ کتھ صاف ظاہر زِ گوڈنکس
جُملس منز چھُ 'چھُ پکان، چھِ پکان، بیترِ لفظے INFLECTED
VERB۔ گرِیرِس چھُ صرف یہِ ونُتھ خاموش بیوٚٹھمُت زِ از
کالک PARTICIPLE VERB چھُ 'آن، یاوان' SUFFIX
سۭتۍ بنان تہٕ اَتھ مثال وُچھان، وُیان، بیترِ دِتھ چھِ تِمۍ یم
لفظ INFLECTED VERB. کہِ پاٹھۍ مختلف کالن منز
استعمال کرِ دِمتۍ۔ از کالکہٕ PARTICIPLE VERB ہُنٛد کینہہ
مثالہٕ چھیہٕ بیٚنہٕ پیش:-

موہنیُو مہ پٔرِن کھوان کھوان۔ (کھوٚن کھوٚن) نژان
نژان پیوٚو سُہ پھر (نژن۔ نژن) یہٕ لڑکہٕ چھُ اسان۔ اسان
پرسِھ کانہہ کام کران۔

یتھین چھیہٕ یہِ کتھ ونٕنۍ لایق زِ کُنہِ کُنہِ وقتہٕ چھِ یم
PARTICIPLE VERB جُملس منز اکی پھرِ تہٕ استعمال سپدان۔
مثلن۔ ترِیش چِوان مہ اَس، مگر یُتھ مثالہٕ چھیہٕ تعداد

اَن ہُند ذِکر کوٚرمُت ۔ تمہٕ چھُ لیوٗکھمُت :۔

"THE PRESENT PARTICIPLE IS FORMED BY ADDING ĀN (WĀN) TO THE ROOT, THUS

وُچھان ۔ وُپان" ETC [1]

اما پوٚز یِلہِ تمہٕ یِمن وُچھان، وُپان بیتر لفظن ہُند جُملس منز استعمال چھُ کوٚرمُت تہٕ یِمو لفظو چھِہ تیتھِن INFLECTED VERB بنٕچ صوٗرتھ اختیار کرٕمژٕ یہٕ بنسبتھ کہ PARTICIPLE VERB بنٕچ مثلن ۔ "سُہ چھُ وُچھان" "تم چھِہ وُچھان" بیترِ PARTICIPLE VERB ہٕچہِ شکلِ منز استعمال کرنہٕ یاپتھ چھُ یہ لفظ دوٚیہٕ پھِر ورتاونہٕ یوان تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ بوٚڈ کرٛاوٗت تہٕ لگان ۔ مثلن: "یہٕ چھُس پکان پکان کتاب پرٛان" ۔ اَتھ جُملس منز چھُ بوٚڈ کرٛاوٗت "پرٛن" تہٕ "پکان ۔ پکان" چھُ PARTICIPLE VERB یُس دوٚیہٕ لٹہٕ چھُ ورتاونہٕ آمُت ۔ گریرسن چھُنہٕ اَمہِ قسمکُ کانہٕ ذِکر کوٚرمُت ۔ یہ کتھ چھےٚ پزٕ زِ کاشرِس منز چھُ کرٛاوتکہِ کالہٕ ورتاو موٗجوٗب تہٕ پکونہٕ کالکہِ کرٛاوٕچ باوتھ کرنہٕ باپتھ تہٕ موٗلہِ کرٛاوتس پتہٕ یوٚہے آن/اَن یا وان/ وَن SUFFIX جوڑنہٕ یوان ۔ مگر یہ کتھ تہٕ ہیکوٚنہٕ اَسی

---

[1] LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY SIR G. GRIERSON VOL. VIII PART II

پوچھر دِنہٕ باپتھ چھِ تمہٕ یِمہٕ مِثالہٕ دِژمژٕ۔ "وُچھ" وُچھوٗ" تہٕ "وُچھاو" ستیٚ چھُ سہٕ پتہٕ وَنان زِ یِم لفظ چھِ شکلہِ کنہٕ باوٕتی مگر یِم چھِ صرف پتھ کالُک باوَتھ کرنہٕ باپتھ یوت اِستعمال سپدان۔

باوتیچ وکھنے باپتھ چھُ یِمن ستیٚ "مُت" SUFFIX جوڑنہٕ یِوان۔ یوٚتام زان گرٚیرسنہٕ گوڈنچہٕ کتھہِ ہُند تعلُق چھُ یعنے پتھ کالُک باوتھ کرنہٕ باپتھ چھِ کاشرس منز مولہٕ کرٚاوتس ستیٚ اُ، یوو، تہٕ یاو، SUFFIX جوڑنہٕ یِوان۔ اماپوز یِتھپن) چھُ گرٚیرسن INFLECTED VERB بہٕ بدلہٕ PARTICIPLE VERB ہنٛز کتھ کران، تہٕ کیازِ میٚنہٕ کوٗر یمہٕ کتھہِ ہُند گوڈنیتھ ذِکرِ ز PARTICIPLE چھِ تتھ لفظس وَنان یُس پانس منز ناوُت، کراوُت تہٕ باوُت، یِمن ترٚنوٚنی ہنٛز خاصیتھ آسہٕ تھوان تہٕ یوٚتام زن وُچھ وُچھوٗ، تہٕ وُچھاو لفظن ہُند تعلق چھُ یِم چھِ صرف کرٚاوِچ یاژ خاصیت تھوان۔ لہاذا کاشر زبانہِ منز چھُ حرکژدار تہٕ بےٚ حرکتھ پتھ کالُک باوتھ کرنہٕ باپتھ مولہٕ کراوِس ستیٚ "مُت، SUFFIX لگان تہٕ جُملس منز چھُ اَتھ ستیٚ "چھُ" "یا" اوس" بیتر ہُرکراوُت تہٕ وَرتاوُنہٕ یِوان۔ مثلن سہٕ چھُ گرٕ گومُت۔ سوٚ چھیہٕ گرٕ گامژ، ژٕ اوسکھ گرٕ ژدلمُت بیتر۔ یِمہٕ چھیہٕ حرکژدار صورتچہٕ مثالہٕ۔ تمہٕ چھُ ژھاڈُل گام نیومُت۔ تمہٕ آس کتاب پرمژ۔ ژٕ یہٕ چھے باتھ گیوٚومُت بیتر چھِ بےٚ حرکتھ صورتچہٕ مثالہٕ۔ یِتھپن وَنہٕ بہٕ

موجوب نہ آسنس برابر۔

کأشرِ زبأنی منز چھ PARTICIPLE ADJECTIVE ترێیہ قسمکی۔ یۄتام زن از کالکہ PARTICIPLE ADJECTIVE وُن ہُند تعلُق چھُ، یم چھ مۄلہ کرٛاوِتس ستی 'وُن' یا 'وُنہ'، SUFFIX جوڑنہ ستی بنان۔ مثلن:۔

میہ وُچھ اکھ کانپوُن لڑکہ۔ میہ وُچھ اکھ اکھ کانپوُنی کوٗر۔ پرُوِنس بچِس پزِ دوہے وقتس پیٹھ سکوٗل نیرُن۔ یمہ کتابہ چھیہ پرُوِنۍ بچن کِژھ۔

اَکھ متعلق تہ چھُنہ گریرسنن کانہہ خاص بیان پیش کوٗرمُت۔

حرکژدار تہ بے حرکژدار پتھ کالُک ۔؛ VERB / PARTICIPLE

(ACTIVE / PASSIVE PAST PERFCT PARTICIPLE VERB)

یۄتام زن گریرسن نہ کامہ ہُند تعلُق چھُ سہ چھُ کأشرِ زبأنی منز ترێیہ قسمکی پتھ کال مانان۔ اکھ سہ پتھ کال یُس حال حالے اند آسہ وومُت۔ دوٚیم سہ یتھ ہنا زیادٕ ہَن وق آسہ گومُت، تہ ترێیم سہ یتھ بیٛٹھاہ وق آسہ گومُت۔ گریرسنہ سُند ونُن چھُ زِ یمن ترنوٛنی پتھ کالن ہنز باوتھ چھیہ کأشرِس منز مۄلہ کرٛاوِتس ترتیب وار "اُ" (اوٗ) تہ 'آو' SUFFIX جوڑنہ ستی یوان۔ یتھنہ کتھہ

ACCUSATIVE | چھُلۍ مِتس پلوس چھُ اِسترۍ کران
اَڈگُن / دوگُن | چھُلۍ مِتین پلون چھُ اِسترۍ کران

FUTURE PARTICIPLE VERB تہٕ PARTICIPLE ADJECTIVE

پیش کالُک ADJECTIVE تہٕ PARTICIPLE VERB

PARTICIPLE VERB کاشرِ زبانۍ منز چھُ پیش کالُک

مُولہ کرادِس ستۭۍ "اُن" SUFFIX تہٕ "کیُت" لفظکہ میلہ ستۭۍ بنان تہٕ پیش کالچہ کامہ ہنز باوتھ کران یا خاصیتھ ہاونہ خاطرٕ چھِہ مُولہ کرادِس ستۭۍ "اُک" SUFFIX لگاونہ یوان۔ یمن دۄنوۍ ہنز مثالہ چھیہ پیش:۔

یہ توٗلُ چھُ رنُن کیُت، یہ چھُ رننُک توٗلُ۔

PARTICIPLE VERB بُک دۆیُم قسم چھُ تم PARTICIPLE یم زن اُکہ سے شکلہِ منز ہمیشہِ روزن۔ یعنے یمن زن نہ کرادِتی سندِ تعدادُ، جنس تہٕ حالژ مطابق کانہہ تبدیلی پیہ۔ یمن ہمکو INDECLINABLES تہٕ وننتھ۔ یم PARTICIPLE چھِہ بروٹھ کُن بیٚیہ ترٛیہ قسمکی بنان۔ اَکھ گیہ تم یمن زن بڈٕ کرادکہ سپدنہ بروٹھے بیٚیہ کُنہ کامہ ہندِ سپدنٕچ باوتھ کرن۔ دۆیمین لفظن منز ہکو اَسۍ وننتھ زِ امہ کرادتہٕ پتہٕ چھُ بیٚیہ کُنہ کرادکہ سپدنُک امکان روزان۔ مثلن: "یہ کتاب پرٛتھ گژھ بہ مدرس" یا "بتہٕ

پٕکتھ تہٕ ذٕ پہٕ "مُت" چھُ جُملس منز کراولہٕ ہندِ یا تِم لفظکہٕ
جنسہٕ، تعدادٕ تہٕ حالتہٕ مۄجوٗب بدلان یتھ پیٹھ کرٛاولہٕ ہنزِ کامہٕ
ہُند اثر آسہٕ۔

لۄتام زن PAST PARTICIPLE ADJECTIVE وگُ

سوال چھُ کاشرِ زبانٕ منز چھُ ییتہٕ مۄلہٕ کرٛاوتس سِتؠ "مُت"
SUFFIX لگاونہٕ سِتؠ بنان۔ مثلن. گرِ ژۄلمُت لڑکہٕ چھُ بیٚیہٕ گرٕ
آمُت، ژٕ کیازِ چھکھ چھۄلمُت بلو بیٚیہٕ چھپلان، یِمَن جُملَن
منزِ چھُ ژۄلمُت تہٕ چھۄلمُت، لڑکہٕ ہنز تہٕ بلوچ خاصیتھ
بیان کران تہٕ سِتؠ چھیٚیہٕ پہٕ کتھ تہٕ صاف ظاہر زِ یِم دۄنوٚے لفظ
یعنے "ژۄلمُت" تہٕ "چھۄلمُت" چھِ مۄلہٕ کرٛاوتٕ۔ "ژل" تہٕ "چھل"
لس سِتؠ "مُت" SUFFIX لگاونہٕ سِتؠ بنیمتؠ۔ یہٕ "مُت" چھُ
جُملس منز تِمہٕ لفظکِ تعدادٕ، جنسہٕ تہٕ حالتہٕ مۄجوٗب بدلان،
یتھ خاصیتھ باونٕ آسہٕ۔ مثلن:-

نرجنس
اۄگُن / دۄگُن | چھۄلمُت پھیرن چھُ بیٚیہٕ چھپلان | MAS: SINGULAR
چھٕلمتؠ پھیرن چھُ بیٚیہٕ چھپلان | - PLURAL

مادٕ جنس
اۄگُن / دۄگُن | چھیچمٕژ قمیض چھُ بیٚیہٕ چھپلان | FEM. SINGULAR
چھیچمژٕ قمیض چھُ بیٚیہٕ چھپلان | - PLURAL

| | |
|---|---|
| ACCUSATIVE | چھٹِلی مِتس پلوس چھُ اِسترٛی کران |
| اَڈگُن / دۄگُن | چھٹِلی مِتین پلوٚن چھُ اِسترٛی کران |

FUTURE PARTICIPLE VERB تہٕ PARTICIPLE ADJECTIVE

پیٚش کالُک

ADJECTIVE تہٕ PARTICIPLE VERB

کاشُر زبانۍ منز چھُ پیٚش کالُک PARTICIPLE VERB

مۄلہٕ کرٛاوتس ستۍ "اُن" SUFFIX تہٕ "کیٛت" لفظکہٕ میلہٕ ستۍ بنان تہٕ پیٚش کالچہِ کامہِ ہنز باوتھ کران یا خاصیتھ ہاونہٕ خاطرٕ چھہٕ مۄلہٕ کرٛاوتس ستۍ "اُک" SUFFIX لگاونہٕ یوان۔ یمن دۄنوٕنی ہنز مثالہٕ چھیہ پیٚش:۔

یہ تۄمُل چھُ رنُن کیٛت، یہ چھُ رنُنک تۄمُل۔

بیک دۄیُم قسم چھُ تم PARTICIPLE VERB یم زَن PARTICIPLE اُکے شکلہِ منز ہمیشہِ روزن۔ یعنے یمَن زن تہٕ کرٛاوتی سندِ تعدادٕ، جنس تہٕ حالژ مطابق کانہہ تبدیلی ییہ۔ یمَن ہمکو INDECLINABLES تہِ وَنتھ۔ یم PARTICIPLE چھہٕ برونہہ کُن بیٚیہ ترٛیہ قسمکی بنان۔ اکھ گیہ تم یمَن زن بڈ کرٛاونکہ سندہٕ برونٛھے بیٚیہ کُنہ کامہِ ہندِ سپدنچ باوتھ کرن۔ دۄیمین لفظن منز ہکو اُسۍ وَنتھ زِ امہ کرٛاوتہ پتہٕ چھُ بیٚیہ کُنہ کرٛاونکہ سپدنُک اِمکان روزان۔ مثلن: "یہ کتاب پٔرتھ گژھہ بہٕ مدرس" یا "بتہ

پہ گَژھ تہٕ زِ یہ "مُت" چھُ جُملس منز کراولہٕ ہنٛدِ یا تم لفظکہٕ
جنسہٕ، تعدادٕ تہٕ حالتہٕ موٗجوٗب بدلان یتھ پیٹھ کرٛاولہٕ ہنزِ کامہٕ
ہُند اثر آسہٕ۔

یوٗتام زن PAST PARTICIPLE ADJUCTIVE وُگ
سوال چھُ کاشرِ زبانہِ منز چھُ ییتہٕ موٗلہٕ کرٛاوتس ستۍ "مُت"
SUFFIX لگاونہٕ ستۍ بنان۔ مثلن۔ گرِ ژوٗلمُت لڑکہٕ چھُ بیٚیہٕ گرٕ
آمُت، ژٕ کیازِ چھکھ چھوٗلمُت پلَو بیٚیہٕ چھلان، یمَن جُملَن
منز چھُ ژوٗلمُت تہٕ چھوٗلمُت، لڑکہٕ ہنز تہٕ پلوٕچ خاصیتھ
بیان کران تہٕ ستۍ چھیٚہ پہ گَژھ تہٕ صاف ظاہر زِ یم دونوے لفظ
یعنے "ژوٗلمُت" تہٕ "چھوٗلمُت" چھِ موٗلہٕ کرٛاوتۍ۔ "ژل" تہٕ "چھل"
لس ستۍ "مُت" SUFFIX لگاونہٕ ستۍ بنیمتۍ۔ یہ "مُت" چھُ
جُملس منز تمہٕ لفظکہٕ تعدادٕ، جنسہٕ تہٕ حالتہٕ موٗجوٗب بدلان،
ییتھ خاصیتھ باونۍ آسہٕ۔ مثلن :۔

| | | |
|---|---|---|
| نر جنس | | |
| اٰدگُن / دوگُن | چھوٗلمُت پھیرَن چھُ بیٚیہٕ چھلان | MAS: SINGULAR |
| | چھٕلۍ متۍ پھیرَن چھُ بیٚیہٕ چھلان | - PLURAL |
| ماد جنس | | |
| اٰدگُن / دوگُن | چھیٚچمٕژ قمیض چھُ بیٚیہٕ چھلان | FEM. SINGULAR |
| | چھیٚچمٕژ قمیض چھُ بیٚیہٕ چھلان | - PLURAL |

یِم PARTICIPLE VERB تہٕ چھِ جُملس منز دوٚیہ پھِر ورتاونہٕ
یِوان تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ بوڈ کراوُت تہٕ استعمال سپدان۔ گریرسن
چھُ اَتھ FREQUANTIVE PARTICIPLE وَنان۔ تسنٛدُ ونُن تہٕ چھُ۔

THE FREQUANTATIVE PARTICIPLE IS FORMED BY
ADDING "ُ" MATRA TO THE ROOT WHICH IS THEN
REPEATED AS IN "وُچھ" "وُچھو"

یِم PARTICIPLE کتھہٕ پاٹھۍ چھِ ورتاونہٕ یِوان اُمچہِ کینہہ مثالہ
چھیٚنہٕ پیش؛

گیوٚی گیوٚی چھُ لوکُن رَزِ ناوان
نژِی نژِی چھس گیوٚر یِوان
پرِی پرِی چھکھ مشراں ..... بیتر۔

PARTICIPLE اَمہِ علاوٕ چھُ کاشرِس منز بیٚیہ اَکھ
VERB یٚینگ استعمال تَمہِ کامہِ باپتھ سپدان چھُ یمہِ کامہِ خاطر
بیٚیہ کینہہ کرنہٕ یِیہ مثلن :-

بیول وَونہٕ چھُ کھٔنس کُن منز گژھان۔ اُتھ جُملس منز
چھیٚہ اصلی کام بیول وَوُن گژھنچ کام چھیٚہ بیول وونچہِ کامہِ خاطر
کرنہٕ یِوان۔ دوٚیمین لفظن منز ہیکو ونتھ زِ کھٔنس منز گژھنُک
مقصد چھُ بیول وَوُن، لہاذا چھُ اتھ دوٚد مولہ کراوِنس مستہ
'نہٕ' SUFFIX جوڈنہٕ آمُت۔

کھیتھ گژھکھ ژٕ بازر سودا اَنِنہٕ" ۔ یِم PARTICIPLE چھِ مولہٕ کرٛاوِ پہٕ سٟتؠ "اِتھ" یا "تھ" SUFFIX لگاونہٕ سٟتؠ بَنان ۔ "اِتھ" چھِ یِمَن کرٛاوِ مولَن سٟتؠ لگان یِمَن آخرس CONSONANT (زُری اَچھُر) آسہِ تہٕ یِمَن اَندس VOWEL (اوٚر اَچھُر) آسہِ یِمَن سٟتؠ چھُ صرف "تھ" لگان ۔ "پٔرِتھ" تہٕ "کھیتھ" لفظن منز چھیہٕ یہ کتھ صاف ظاہر ۔ گریرسن چھُ اَتھ CONJUCTIVE PARTICIPLE وَنان ۔

میہٕ چھُ باسان زِ کٲشرِ زبٲنؠ ہُند یہ "اِتھ" چھُ VOWEL (اوٚر اَچھُر) یا "سورہٕ" سٟتؠ اَند سَپدن والین لفظن سٟتؠ سورکہٕ دِگنیارہٕ نشہٕ بچنہٕ موکھے "تھ"، اِتھ یوت روزان ۔ اِسٹرکول چھُ "کٲشر شبدامرت" ناو پننہِ کتابہِ منز "اِتھ" س سٟتؠ "کینتھ"، پوت لاگیگ تہٕ ذِکر کران ۔ تِمو چھُ وٚنمُت "اِتھ کینہ وا" تہٕ تِمہِ پیتہٕ چھکھ اَمچہِ مثالہٕ دِژمژہٕ :

"پٔرِتھ کینتھ" "گژھِتھ کینتھ" بیترِ ۔ اما یوٚز گریرسنن چھُنہٕ امیک کانہہ تہٕ ذِکر کوٚرمُت ۔ مہانے پرکاشس منز چھُ "اِتھ" بدلہٕ "اِت ایت" SUFFIX درینٹھ گژھان ۔ مثلن :

دلیوٚت اوک کتھؠ پُر راجہِ

امہِ پتہٕ چھیہٕ یِمن PARTICIPLE VERB اَن واَرؠ داتان یم زَن کتھہِ کامہِ ہُند گرِ گرِ کرنس وَکھنے چھِ کران ۔

منن لال تلاشی

کاشرِ زبانۍ ہندِ گرامری مُطالعہٕ پٮ۪ٹھ

# گریٖرسن

یِمہِ مقالُک مقصد چھُنہٕ کاشرِ زبانۍ ہندِس گرامرس مُتعلق گریٖرسنٕنِ کامِن ہُند کانٛہہ مُفصل جایزٕ، بلکہِ چھُ میون مقصد تِمَن کینٛژَن نوقطن کُن پرٛن والین ہُند توجہ پھِرُن یِم اَتھ مطالعس منٛز بحیثیتِ کوتاہی درِینٛٹھ گژھان چھیہٕ یا زِ یِم توجُہ طلب چھِ۔

لسانۍ وضاحتٕ چھیہٕ رِوایتی طور ترٛیٚن شعبَن منٛز باگرٕ آمژٕ۔ گوڈنیُک باوژٕ ہندی مادی ذریعہٕ یعنے طرزِ تحریر تہٕ املا بیترِ۔ دۆیُم گرام یعنے مارفالجی تہٕ نحو بیترِ تہٕ ترٛیم لوغات سازی۔ گریرسنن چھیہٕ یِمَن ترٛنشوٕنی منٛز قلم آزمایی کٔرمٕژ۔

اَتھ ساری سے کامہِ سام ہیٚنہٕ پتہٕ چھِ اَسہِ یِتھ نتیجس ییٚتھ داناں اَمیُک بوٚڈ حصہ چھُ طرزِ تحریرکۍ مختلف کٔھرٕ تہٕ مسلہٕ اَنزراونس

اکاٗیژ ہِم میلان تہٕ PARTICIPLE تم چھہٕ علاوٕ ہمو
ناوِچ شکلہِ منز چھہٕ استعمال پدان مثلن :- گژھن، اسُن،
گیوُن، بیتر۔ ظاہر چھُ زِ ہِم چھہٕ مؤلہِ کراوِ تِس ستہٕ "اُن" SUFFIX
لگاونہٕ ستہٕ بنان۔ گرٕ رسٕن چھُ یہِ "اُن" SUFFIX پیش کالُک
PARTICIPLE مونمُت تہٕ یِنہٕ کنہٕ پوچھر دِنہٕ مکھ چھہٕ تمہٕ
ہمہِ مثالہِ دِژمژ "وُچھُن" "وُپُن" بیتر۔ اگر شبدہٕ گرت تہٕ
معنیٚس کُن وُچھو تہٕ یٕلہِ چھہٕ ہِم لفظ INFLECTED VERB کہِ
PARTICIPLE —

غفلت پتہ کینژھاہ تمہ بندین وتہ ہاوِکن ہیٚنز۔ بقولہ مور جنسٹرین
(مور جنسٹرین ۱۹ اص ۸۳-۸۴) سپٹھاہ بروٚنہہ کالہ پیٹھہ چھہ ہندوستانکۍ
صوتیاتی ماہر یمن نوژمک پتہ بارکھ مشاہد سببہ مشہور آسی متی۔ یم
ہناتہ صوتیاتی پھیر ہاوِنس منز یمن مہارژ ہند ہاو باو گرنس منز تہ
تفریح محسوس کران آسی۔ شاید چھہ امی عادتہ کنہ ایلشرکولن تہ
یمن کامہ منز کوٚد کانٛہہ ہاوہژ پیٹھہ پاٹھو چھیہ تمس تہ کاشرِ لہ
وادہلو پیٹھہ نظر ڈیجمژ تہ امیک اثر چھہ برابر گریرسنس مطالعس
پیٹھہ تہ بیوٚمت۔

امی نمو گریرسنہ فہرستہ منز کینہہ مثالہ ییمہ ستی
یہ عیاں سپدان زِ اکے آواز چھیہ مختلف وادہلو ستی ہاوتہ آمژ۔
مثلن نی تو 'ۂ' تہ 'ہ' وادبل۔ گریرسن چھہ 'ۂ' وادہلس متعلق
وننان زِ ہندوستانی زبانن منز چھنہ یتھ کانہہ تہ وادبل۔ یہ
چھیہ اکھ مخصوص کاشر آواز۔ امچ موجودگی چھہ شہ کرٛتھکھ
(KUR$^{U}$THAKH) لفظس منز ہاوان 'ۂ' وادہلس متعلق چھہ
وننان زِ کاشرس منز چھہ امیک وتاو کھلہ سپدان ییچ آواز انگریزی
'HUT' تہ 'HOT' لفظن ہندین وادبل آوازن درمیان چھیہ
مثلن "اَدرُن" (AD$^{a}$RUN)۔ دچھی تو دراصل چھہ دو شوبۍ
لفظن (کرٛتھکھ تہ اَدرُن) منز 'اُ' وادبل۔ مگر گریرسنن چھیہ
اکے آواز دوہیو الگ وادہلو ستی ہاوہژ۔ نی تو بیاکھ مثال۔

کُن لوگمُت تہٕ تحریری کھوچر تہٕ املایی بے سوٗمبر چھُ تکیٚتھ تہٕ
اَتی رۄوُدمُت۔ طرزِ تحریرٕکی یِم مسلہٕ چھِنہٕ صرف گریرسنس مطالعس
منز بلکہٕ چھِ اکثر یوٗرپی عالم اتھ منز ہینہٕ آمتیٚ۔ تمَن دوہَن کاشرِ زبانہِ
ہُند کانہہ تہٕ اکھ مقبولہِ عام رسم خطہٕ آسنہٕ سببہٕ اوس پریتھ کانہہ
یوٗرپی، رومن اچھرُل ہنا شیر تار کرِتھ پننہِ طرزِ تحریرٕ خاطر درتاوان۔
ایٚیک وجہ ہیکہِ یہِ آستھ زِ کاشرِ زبانہِ اوس نہٕ گوڈٕ پیٹھے کانہہ
تہٕ گرامر جامع صورتس منز یُس یہٕ زبان ہیٚچھناونس منز اتھ روٗٹ
کرِہے۔ ایشرکول سُند گرامر یوٗدوے اوس تہٕ سُہ اوس سنکرتس
منز تہٕ تمُسُند طرزِ تحریر برونہہ کنہٕ آسنہٕ باوجود تہٕ چھِنہٕ
کاشرِ یوٗ لکھاریو اَمہِ حسابہٕ لیکھنچ کوشش زٕنہٕ نہٕ تہٕ کرِمژ۔ گریرسنَن
چھُ اَدے ژکھہِ ہوٚت وَنان۔ (گریرسن ١٩١٦ ص ۲۲) زِ ییٚتہٕ چھُ
پریتھ کانہہ عالم پننُ قونوٗن پانے مرتب گران۔
بہر حال گریرسنن تہٕ چھُ کاشرِ زبانہِ خاطر رومنا اچھرُل
ورتومُت تہٕ کاشرِ زبانہِ ہندی چھِ تمِ ۲۷ واوِل تہٕ نہٕ دُواوِل
(DIPTHONG) بدِ گڈِمتیٚ یہٕ چھُ پرٛزی پانٛژ اکھ زیوٗٹھ فہرست۔
یوٗدوے یِم ساری واوِل الگ الگ فونیم مانہوکھ تیٚلہٕ آسَن
کاشرِ زبانہِ ہشہٕ دُنیہَس منز کمے زبانہٕ یمَن پننِس ویسع واوِل
سسٹمس پیٹھ فخر آسہِ۔ مگر ژرکہٕ چھُنہٕ گریرسنُن مقصد کاشرِ زبان
پننہٕ واوِل گنجاکرِ نیشہٕ ناونہِ، بلکہِ چھیٚہ یہٕ کینژھاہ تمِ ہنز

دوران یا گرامری تبدیلی دوران لفظس منز آوازہ پھیر سپدان آسہٕ۔ بقولِ گریرسن چھہٕ یم ماترا واول کنہٕ لفظچ آواز تتھے پاٹھۍ متاثر کران ییتھہٕ پاٹھۍ انگریزی لفظ 'MAT' 'e' جورنہٕ ستۍ MATE بنان چھُ 'e' واولہٕ ستۍ سپنز 'a' واوہچ آواز متاثر مگر 'e' چھُ پانہٕ خاموش۔ یہ آو برونہہ ونہٕ زِ گریرسنن اکثر کامن ہنز بنیاد چھیہٕ شُبدھ امرت ییتھہٕ منز ایشر کولن ماترا ہن ہند ورتاو اکہِ خاص اندازٕ کورمت چھُ۔ تہٕ اوس لفظس منز کنہٕ حرفس پیٹھ ؤرام (ـا) لگاوان یُس یہ ہاوان اوس اُمہٕ برونہہ وادہچ آواز چھیہٕ متاثر سپدیمژ۔ ایشر کوس پتہٕ کرنہٕ کاٹہٕ مقامی عالمن کاشرس گرامرس پیٹھ کام۔ اگرچہ کامہٕ شلن خان غلام محمد پوہل زیی سُند گرام (۱۹۰۳ء) تہٕ سیف الدین تاربلی سُند رسالہٕ "متعلق اصوات کشمیری" باال آیہٕ مگر پرژھہٕ ہش انفرادی کوششہٕ روزٕ عام عالمن نِش دورٕ تہٕ یورپی ین ہند وَتہٕ ہاوک بنیود شبدھ امرتے۔ ییتھہٕ پاٹھۍ چھُ یمو تہٕ کاشرِ زبانۍ ہند صوتیات وِہژھناونہٕ دِرٕ ماترا واولن کُن ژۄر توجہُ دیتمُت۔ بقولِ برج بی۔ کاچرو (کاچرو ۱۹۶۹ ص ۲۹۴) چھہٕ یم ماترا واول پُراسرار صورژ زنگۍ پیش کرنہٕ آمتۍ۔ گراہم بیلی چھُ ونان (بیلی ۱۹۳۷ ص ۱) زِ کانہہ تہٕ شخص یُس کاشُر رومن رسمِ خطس منز لیکھتھ وُچھِ تہٕ اَتہٕ وُچھِ بِرکھِ ہیوٚر یمن لوکٹ واول تہٕ سَیدِ حاران زِ یم کیاہ چھہٕ تہٕ یمن آواز

"ۄ" تہٕ "ۆ" واوبل ۔ گوڈنکہ واوِلچ آواز چھےٚ PROMOTE لفظک
دۆیم "ۆ" ہش ۔ کاشرِ لفظچ مثال چھےٚ "ژور" دِنہٕ آمژ تہٕ اَمہ پتہٕ
چھُ "ۆ" واوِلس متعلق وَنان زِ اَمِچ آواز چھےٚ "GLORY" لفظکس
اوہس "o" ہتہٕ رلان ۔ کاشرِ لفظچ مثال چھےٚ "مول" ۔ ظاہر چھُ
زِ "ژور" تہٕ "مول" دوشوٕنی کاشرین لفظن منز چھُ "و" واوبل ۔
یتھےٚ پاٹھۍ چھِ گریرسنن "ےٚ" تہٕ "ےٚ" واوبل دِتیمتۍ ۔ بعضے چھُ
یمہند ورتاو "اے" تہٕ "ۓ" آوازن ہندِ خاطرٕ کرنہٕ آمُت
اَمابوز بعضے چھِ دوشوٕے "ۓ" بدلہٕ ورتاونہٕ آمتۍ تہٕ بعضے
چھِ اکھ اَکس بدلہٕ تہٕ ورتاونہٕ آمتۍ ۔

ماترا واوبل چھِ یورپی عالمن ہندِ بحثکی اہم موضوع
رُودی متۍ ۔ گریرسن چھےٚ مینوس تہٕ باقے تصنیفن منز یمہٕ
ذکرِ ورِ ورِ کرمژ ۔ کاشرِ زبانۍ ہنزن آوازن یا واوِلن ہنز
چھُ سُہ ترےٚ صورژ مانان ۔ اکھ بستھے ژھوٹ ، دۆیم ژھوٹ
تہٕ ترییم زِیٹھ مثلن گریرسنی طرزِ تحریرٕ مطابق :

(1) zᵃ (2) ahh, (3) pān

گوڈنیچ ژھوٹ آواز چھےٚ ماترا واوبل ۔ گریرسن
چھُ وَنان (گریرسن ۱۸۹۶) زِ یوٚدوےٚ یم یتھۍ پاٹھۍ غار اہم
باسان چھِ مگر غاہے کانہہ کاشُر لفظ آسہٕ تیتھ یتھ منز
یم موجود آسن یا یتھِ یمہند دٕسی لفظن ہنز گردان سازی

گریرسنن چھ یمن ماتراہن زیرِ اثر لفظس منز آوازٕ پھرک
کیہہ اصول تہٕ بدٕ کڈ۪ی متی مثلن ۔

ییلہٕ a ماترا یہ برونہہ 'a' آسہِ سہٕ چھُ ə بنان مثلن
اندر ( ANDAR ) اَندٕر ( $\text{AND}^{\text{A}}\text{RA}$ )

ییلہٕ 'ĕ' ماترا یہ برونہہ 'a' آسہِ سہٕ چھُ ö بنان مثلن کانُن
( KĀNUN ) ، کأنٕراوُن ( KÔNĔRAWUN )

ییلہٕ 'i' ماترا یہ پتہِ 'a' آسہِ سہٕ چھُ 'ö' بنان مثلن مول/
MŌL ) ، مأل ( MÖLI ) لفظکس گردانس دوران واوِل آوازٕ امہٕ
اَنہارٕ مُتأثر سپدنہٕ چھُنہٕ صرف کأشرِ زبأنی منزے یوت ۔ امالیوٗ
یہ چھُ توجہٕ طلب زِ امہِ آوازٕ پھرکٕ اصول چھا گریرسنٕ ماترا اثر
بِکنہٕ یہ چھیہ واوِل ہشرٕن یا بییہ کانہہ ازأنی اصول ۔

صوتیأتی مطالعہٕ علاوٕ چھُ گریرسنن کأشرِ زبأنی ہندین باقے
گرامری جُزن مثلن ناوُت ( NOUN ) باوُت ( ADJECTIVE ) کرٕاوُت
( VERB ) تہٕ پرٕ ناوُت ( PRONOUN ) نظامچ تہٕ ورٕتھنے
کرمژ ۔ یہ ورٕتھنے چھیہ گرامری وضاحژٕ ہندِس رلوأیتی اندازس
پیٹھ ۔ گریرسنس برونہہ آس ایجوٗرتھ تہٕ ویڈن تہٕ کأشرِ
گرامرچ امہٕ آیہ موٗختصر ورٕتھنیہ دٕرژمژ ۔ ویڈن تہٕ ایجوٗرتھن ییتہٕ
کأشرِن ناوتین ہنز اَٹھ حالژٕ دٕرژمژ آسہٕ تتہٕ کوٗر گریرسنن یہ
حالژٕ نظام ہنا آسانی سان پیش ۔ کأشرِن ناوتین چھُ سہٕ ژورن

کیا چھیہٕ۔ یہ بوزنہٕ گژھہ ٚ زیادے حیران زِ یمو منز ہیکن نہٕ واریاہ آوازٕ نمار کاشرِ بوزِنہٕ۔ یم چھہٕ اَتھ ہِتمن موسیقی لہرن ہنز یاد پاوان یم سائنس دانن ہندِ وَننہٕ موجب انسٲنی کن چھنہٕ بوزنہٕ ہیکان مگر بیاکن چھہٕ بوزان۔ بیلی ین یورپ وَے تلفظس منز یمن ماترا ہن اہمیت دِژنہٕ اماپوز یہندِ وجودِ نش چھنہٕ ٚ انکار کران۔ ٚ چھُ پانہٕ تہٕ شن ماترا داولین ہند فہرست دِوان۔ موریجنسٹرین تہٕ چھُنہٕ یمو نش ٚ ٹے انکار کران تمی ہندی کینہٕ تہٕ چھیہٕ یہنز کام پانس برونہہ واولی آوازٕ متاثر کرنہٕ۔ سہ چھُ یمن تواریخی دلچسپی ہندی مانان۔ ارنسٹ نیو تہٕ چھُ یہنز ذکر کران تہٕ یہندِ تحریرہٕ خاطر چھن رومن رسم خطکی پانژہ واولی ورتاوی متی۔ یعنے گریرسن بیلہٕ گوڈنچہٕ لٹہٕ ماترا داولین ہنز گتھ تجُ پنہٕ میو عالمو تہٕ کرٲنی تھیہ۔ مگر تمو منشرو و زِ اتھ گول اوس بنیادی سنسکرت لب وہجہٕ نش نٲ یاب تہٕ باسان چھُ زِ کاشر زبٲنی ہند صوتیات ونژ صنعاونہٕ ورِ چھُنہٕ ٚ سنسکرتکہٕ اثرِ نش مجھُ رُوزِنہٕ ہیوکمُت تہٕ اَمہٕ پتہٕ بیلہٕ گریرسن کاشرِ صوتیاتُک مطالعہٕ کورُ ٚ تہٕ پوک اَتھی نقشہٕ قدمس پیٹھ۔ اکثر یورپی عالم چھہٕ پانہٕ تہٕ یتہٕ کتھ ہُند اعتراف کران زِ یمو منز چھنہٕ اکثر آوازٕ بوزنہٕ ہیکان تہٕ یوس آوازٕ نہٕ بوزِنہٕ ہیکو تمیک وجود تہٕ ہاو چھُ ٚ ٹے غلط۔

ہنز وضاحژ ییٖژھ تہٕ اثر انداز سپد مُت۔

کأشر زبأنی ہندِس گرامرس منز چھیہٕ اَکھ اضأفی حالت ( GENITIVE CASE ) دلچسپ۔ یہٕ نظرِ تَل تھأوِتھ چھُ کأشرِ زبأنی ہُند تصریفی ( INFLECTIONAL ) مزاج بروٚنہہ کُن یوان۔ گریرسن چھُ پانس بروٚنہہ ہمین گرامر دانن ہندی پأٹھی اضأفی حالت ہاوٕنہٕ خأطرٕ ہُند، سُند، اُک تہٕ اُن، پوٚت جاین ( POSTPOSITIONS ) ہُند ورتاو ہاوان۔ یم نہٕ صرف کرأول ( SUBJECT ) یا شخص کہ جنس، بلکہ کرأوی ( OBJECT ) کہ تعداد تہٕ جنسہٕ لحاظ تہٕ بدلان چھہٕ۔ بقولہٕ گریرسن چھُ کأشر زبأنی ہندین سارنے مذکر ناوتین ہنز DATIVE حالژ ستی "س" پوٚت لگنُک ورتاو سپدان تہٕ اضأفی حالژ منز چھُ یوٚہے 'س' 'ہُند' پوٚت جایہِ "ہ" ہِیُو جاے رٹان تہٕ یہٕ چھُ "سُند" بنان۔ مگر اَمہٕ مطأبق گوٚژھ تیلہٕ تمن انزٕ وِ دی ناوتین ستی تہٕ "سُند" لگُن یُہند DATIVE 'س' جوڑنہٕ ستی بناونہٕ یوان چھُ مثلن پلس، اسمانس، پوشس بیترٕ۔ مگر اضأفی حالت بناونہٕ وِز چھُ یمن ستی "اُک" لگان نزٕ "سُند" یا "ہُند" بہرحال کأشرِ زبأنی منز چھہٕ اضأفی حالژ ہندین پوٚت جاین ہندی ٹھیقہٕ اصوٗل یم ویٚتھی لوٚکٹی پأٹھی ییتھ پأٹھی چھہٕ۔

ا، تم عام زِ وٕ دی ناوتی یم واحد مُذکر آسن تِمن ستی چھُ "سُند" لگان۔

گرداننٕ منز باگران ۔ ناوتہِن ہُنز گردان سازی منز چھُ تہِ ماترا
واوِلن ہُنز کارفرمأیی وُچھان ۔ دۆیمِس گرداننِس منز چھُ سہ تم مذکر
ناوتِ شأمل گران یم بقولہٕ تمۍ سندٕ "ٕ" ماترایہِ پیٹھ اندواتان چھِ
تہٕ گوڈنکِس منز باقے تمام مذکر ناوتِ ۔ تمۍ سند طرزِ تحریرہ مطابق
چھِ ژٕور ، دۆش ، پریم ، سونٕر ، ترکھ ، ؤری ، دانہٕ ، گرٕ ، قأضی بیترِ ناوتِ
گوڈنکِس گرداننِس منز شأمل تہٕ گرُ ، گۆر ، کوٚر ، مول ، مہنوی ، ژیٚون
تہٕ گاٹُل دۆیمِس گرداننِس منز ۔ پتھے پاٹھی چھُ ترٮ۪یمِس گرداننِس منز
تم مونث ناوتِ شأمل یہند NOMINATIVE واحد "ا" یا "ٕ"
ماترایہِ پیٹھ اندواتان چھِ تہٕ ژورمِس منز باقے تمام مونث ناوتِ ۔
ترٮ۪یمِس گرداننِس منز چھِ گرٕ ، کور ، سیر ، گرٕ ، موج ، مرٕژ ، کوچھ ،
ووٕرز تہٕ وُنی ہوی ناوتِ شأمل تہٕ ژورمِس منز مال ، کرٕکھ ،
روپے ، بینہٕ ، نٔدی ، کوٹھ ، گاو ہوی ناوتِ شأمل ۔

امابپوز ہیو ورأے چھِ کینہہ مونث ناوتِ یم یمن دۆشونی
گردان باگرنٕن نیرٕ اُستھ ہیکہِ ہٕن ۔ مثلن پٹ ، بُڈ ، راتھ بیترِ ۔
گریرسن سند طرزِ تحریرہ حسابہ چھِنہ پٹ تہٕ بُڈ ترٮ۪یمِس گرداننِس
منز شأمل تہٕ راتھ ، وال بیترِ ژورمِس منز ۔ مگر یمن چھُنہ گریرسنن
دِتھمت واوِل پوٚت لوگ لگان ، بلکہ کانسوننٹی پھیر تہٕ سیٚدان ۔
غرض وَنُن چھُ ہنز تمۍ سند ڈسی بد کڈنہٕ آمت کأشرٕ زبأنی
ہندِ صوتیأتی نظامُک بُنیادی کھوچُر چھُ تمۍ ہنز گرامری بجزٕن

پہندِس پٕژھ کال کرٛاوتس NOMINATIVE حالتھ ورتناونہٕ یوان چھیٚ
مثلن بہٕ ژاس، ژٕ آکھ بیٚیر تہٕ ترٛییمس منز چھ کینہہ کرٛاوتٕ غائب
پہندِس پٕژھ کال کرٛاوتس سٟتؠ دوشوٕے NOMINATIVE یا
AGENTIVE حالتھ ورتاونہٕ یوان چھیٚ۔ مثلن مےٚ نوٚر یا بہٕ نیٚوٕرس
بیٚیر۔

دوشوٕنی توٚ گریرسنُن وبرٛشنووُمٕت کاشُر زبٲنی ہند کالہٕ
نظام۔ گریرسن چھُ ونان زِ مختلف کالہٕ ورتاونہٕ خاطرٕ ہیٚکوٚ اَسی اکثر
کرٛاوتٕ یموٚ ٹلہٕ ضوٗرژوٚ بیٛبھ ورتاوِتھ۔ ۱، ٹلہٕ کرٛاوُت ۲، از کال ناو کردو
۳، پٕژھ کال ناو کرٛوو ۴، ثبقہٕ ناو کرٛوو۔ مثلن کرٛ، کران، کوٚر، کوٚرمُت
مگر کینہہ کرٛاوتٕ فارمہٕ چھیٚ یموٚ نبیرٕ تہٕ باقے ضوٗرژوٚ بیٛبھ بناونہٕ
یوان مثلن INFINITIVE فارمہٕ بیٛبھ ہیٚکوٚ اَسی یم ترٛےٚ کال بنٲوِتھ۔

۱، مےٚ چھُ کرُن ۲، مےٚ اوس کرُن ۳، مےٚ آسہٕ کرُن۔

گریرسنی بےٚ ثبقہٕ پٕژھ کال باگرن چھیٚ توجہس لایق۔ سُہ چھُ
اَمہٕ ترٛٮ۪ن فارمن منز باگران۔ ۱، نزدیکھ پٕژھ کال ۲، بےٚ ثبقہٕ پٕژھ کال
۳، دوٗر پٕژھ کال۔ مثلن۔

۱، مےٚ کوٚر ۲، مےٚ کرٛیوو ۳، مےٚ کریا لیوو

شاید گریرسن ییہٕ دِژھیم تہٕ ترٛییم الگ الگ ناو کرٛاوتٕ آسن،
بلکہٕ گریرسن یم علاقٲیی یا اوسلوٗبیاتی پھیر آسن۔ بعضے چھُ اَسی پٕژھ
کالکہ دوٗر برٛ ہاونہٕ خاطرٕ کرٛاوتس بیٛبھ دباو ترٛاوان اَمہٕ موجب

۲. ترٛیم شخص پٔرۍ ناوٕنۍ کِس واحد مذکرس ستۍ تہٕ چھُ "سُند" لگان۔

۳. 'ہُند'، پوٚت جا چھُ باقی سارِنے ازوٕوی جمع ناوٕن ستۍ، زٕدٕوی واحد مونث یا جمع مونث تہٕ مذکر جمع ناوٕن ستۍ ورتاونہٕ یوان۔

۴. دوٚیم یا ترٛیم شخص کِس جمع صورتس ستۍ تہٕ چھُ 'ہُند' ورتاونہٕ یوان۔

۵. 'اُک'، پوٚت جا چھُ سارِنے ازوٕوی واحد مذکر ناوٕن ستۍ ورتاونہٕ یوان۔

۶. 'اُن'، پوٚت جا چھُ انسانٕ ہندٕن ناون ستۍ ورتاونہٕ یوان۔

اما پوز تِمن مونث ناون ستۍ یِم 'ا' یا 'ی' واوس پیٹھ اَند واتان چھِ، چھُ 'ہُند' ورتاونہٕ یوان۔ بعضے چھُ انسانی ناون ستۍ تہٕ 'سُند' استعمال سپدان تہٕ اکثر چھُ 'سُند' پوٚت جا ورتاونہٕ وِزِ ملہٕ ناوس 'ا' پوٚت لوٚگ جوڑنہٕ یوان۔

کٲشرِ زبٲنۍ ہُند گرٛاوٕنۍ نظام تہٕ چھُ گرٛیرسن سرسری طور وِزِ حقوٗمُت گرٛیرسن چھُ صرف یہ وُنمِت کِتھٕ کٕنۍ رٕٹان زِ سارۍ کٲشرۍ گرٛاوٕنۍ چھِ ترٛوٕنی یا ژٕکہٕ وٕنۍ۔ یوٚدوے سرسری طور آسی تہٕ اَتھی باگرٕ نظر تراو واسی ہیکو تیلہِ یِمن مزید ورگہٕ باگے کٔرِتھ۔ مثلن یِمہٕ وٕنۍ گرٛاوٕنۍ ہیکہٕ ہوکھ اَسی ترٛیٚن ورگن منز باگرِتھ۔ گوڈنِکس ورگس منز چھِ تِم یِہندس پتھ کال گرٛاول ناوتس منز 'NOMINATIVE' بدلہٕ 'AGENTIVE' حالتُک ہُند ورتاو سپدان چھُ مثلن 'مےٚ اوٚس'، دوٚیمس منز چھِ تِم گرٛاوٕنۍ شامل

# کاشرِ ڈپارٹمنٹچہ کینہ کتابہ

| | |
|---|---|
| کاشرِ ادبُک تواریخ | ناجی مُنوّر، شفیع شوق |
| ریٚشُت پٔتہ سانٛی ریٚش | رشید نازکی |
| جدید کاشُر شاعری | ڈاکٹر حامدی کاشمیری |
| کاشُرٕ تھیٹر | محمد سُبحان بھگت |
| کاشُر ہندی ریڈر | ڈاکٹر ٹی، این، گنجو |
| ادبی اصطلاح | غلام نبی فراق |
| نفسیات | عبدالغنی مدہوش |
| نثرٕچ کتاب | ترتیب:۔ ڈاکٹر رتن لال شانت |
| نوٚشار سوٗمبرن | ترتیب:۔ غلام نبی فراق |
| کاشُر شومت | ڈاکٹر بدری ناتھ کلا |
| تہذیبُک تواریخ | ناجی مُنوّر، شفیع شوق |
| ادحال نامہ (جلد اکھ) | چمن لال چمن، بشیر اختر |
| ادحال (جلد ژ) | ڈاکٹر آر، کے، اکاو، ڈی، این شاستری |
| تصوُف: اکھ تعارُف | غلام محمد شاد |
| کاشرین مسلمانن ہندی رسم پتہ رِواج | غلام محمد خان |
| کاشرین بٹن ہندی رسم پتہ رِواج | سوم ناتھ پنڈت |

چھِیہٕ اَتھ منز آوازٕ تبدیلی تہٕ لیوان ۔ دباوٕ واجی کراوتی چھہِ بعضے
اُسی شرطیہ صورژ منز تہٕ وَنتاوان ۔ مثلن :۔

"مےٚ کَرِ بیہٕ کوشش مگر......

گریرسَن چھُ دراصل تُرورگی ہاوتی پڑی ناوتی
(DEMONSTRATIVE PRONOUNS) نظامس لرِ لوٚر پیٛتھ کالکُ
یہ نظام ہیوومُت ۔ بہرحال یم چھہِ کیہنہ اہم کتھ یمن مُتعلق
مزید مطالعہٕ کرنُن گژھہِ، یُتھ کاشر زبانی ہندس INFLECTIONAL
مزاجس پیٛتہ گژھہٕ کارفرما اصولن ہنز نشاندہی کرنہٕ ییہِ ۔ یم
کامہٕ چھےٚ اَتہٕ اَمہٕ لحاظہٕ ضروری باسان تکیازِ ماجہٕ زلوٚ ہیچھنس
منز چھہِ یم اصول زانُن غار اہم مگر ییمہٕ ساتہٕ اَتہٕ پیٛٹھے زبان
غار کاشرن ہیچھناونی ییہِ تمہٕ ساتہٕ پیدِ اَمِچ اہمیت تہٕ عیاں۔

کشیرِ منز بُدھ مت
ردہ پہ بھوانی
سنگلاب
کشیرِ ہندی تواریخ دان
قدیم ثاریاتس
کاشرِ ہندی دیُت
فصلن ہندی کیتھ کریل
پتہ ہندِ تدورک
افسانہ کیاہ گوو
ناول کیاہ گیہ
ڈُرنگ ہاتیٹس
مذہبی رہنما

جے، این، گنہار
سومناتھ پنڈت
ترتیب :- رحمٰن راہی، شفیع شوق
پروفیسر ایس، کے، کول
کے، این، در
ڈاکٹر نورالدین ریشی
ڈاکٹر رتن لال شانت
موتی لال ساقی
مظفر عازم
رشید نازکی

## انہار کی خاص شمارہ

شیخ العالم رح نمبر
کاشرِ ادبک فکری پوت منظر
ادبی تنقید ،۱،
اُزِچ کاشرِ شاعری

تحقیقی رسالہ
ادبی تنقید ،۲،
سربت پہ ادب
کاشرِ زبانی ہنز بناوٹھ
کاشرِ نکہ ادب

